# شیرازہ

## احد زرگر نمبر



جموں اینڈ کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ، کلچر اینڈ لینگو یجز، سرینگر

# شیرازہ

## (احد زرگر نمبر)


جلد: ۲۱ شمارہ : ۶ سال : ۱۹۹۴ء



نگران و مدیر اعلیٰ

**محمد یوسف ٹینگ**

ایڈیٹر

**چمن لال چمن**

اسسٹنٹ ایڈیٹر

**بشیر اختر**



جموں اینڈ کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگوئجز۔ سرینگر

۲۰۰۷ء



احد زرگر ۱۹۸۱، پننی اٗخری غزل لیکھان

# فہرست

# گوڈکتھ

احد زرگر اوس پننہٕ جسمٲنی وجود ہیٚتھ اوتره تام اَسہِ منٛز موجود بلکہ تٔمسٕند معنوی وجود اوس تتھٕ وَقتٕچ تہٕ اَکھ نوٚدرتھ تہٕ اَکھ طلسمات۔ اَکھ ہیٚیہ مُشکِل کرُن وقوعہ۔ تیٚتھٕ ہمیوٚزَن تہٕ ایورسٹ کِس بالہٕ ہٕنٛگس پیٹھ تَتہٕ اَمِکُن ناگراد وُہمُن ہیٚلیہ۔ دپان ویرناگُک آب چھُ ہمالہ کوہ کِس تلہٕ پاتالس منٛز خبر کاٚتیاه گرُوه ژھنٛڈان تہٕ اَچھٕ اَکہ زٲگہِ منٛزی اَنہِتھ ژٕسی ظُلماتھ چھُ وِدتھ نٕنھتھ جایہٕ دِگنہِ وُزان۔ یَتھ جایہٕ بھگوان شِنکَن چھُ تٕرشوکل ٹھٕڈراوِتھ دِوری وَٹو منٛز وتستا یہٕ ہٕنٛز زل پری نٲتھ گٔنڈ۔ احد زرگرٕ ہٕنٛز باطِنک پیہ تہٕ اوس اَکِس داریاه قدیم تہٕ واریاه عظیم آگرس سِتی واٚٹھتھ۔ ییٚمہِ وِزِ تٔمِنٛز زیو[1] ہِنٛز ناگرادِ منٛز تٔتھی پُر اسرار، طلسماتی تہٕ مٲری مُنٛدی باتھ ژھٔنہٕ اَسو پیوان۔ تمہِ وِزِ زَن اَسو یِم اَکہ پوٚت کالہٕ کہ عبادت خانکو زمزمہ باسان[2] یَتھ وَقتس منٛز سُہ یِم نغمہ ہوٚری تلان اوس۔ تمہِ وِزِ اوس بیرونی طور دُنیا زیر وزبر سپدان۔ یہٕ آواز اوس عجیب، وچھٕنٛز مگر

---

[1] احد زرگر اوس پننِہ اعترافہٕ موجوٗب اُمّی۔ دپان سُہ اوس باتھ وَنان تہٕ تٔمسٕند کانٛہہ ژاٚٹھ یا عزیز اوس سُہ قلمبند کران۔

[2] ’زم‘ چھُ فارسی پٲٹھۍ ”بوتہٕ ہِنٛدِس“ معنیس منٛز استعمال سپدان تہٕ ’زم زم‘ گوٚو لوٚتہٕ لوٚتہٕ۔ مگر زمزمہ چھُ تتھ نغمس ناویس مجوسیَن ہٕنٛز جماعتھ اوگن پوزنہٕ وِزِ اَکِس خاص زیر وبمس منٛز تُلان اَسٕس۔ اَتھ ہیٚکو لوٚت لوٚت گاٚنگراوُن تہٕ وَنِتھ۔

تیوٗت کرِتھ تانہٕ کارٕ تہٕ ساۓ دٕر دار بنان۔ تمہِ چھُ وجہ یہِ زِ یمہٕ اوس ذٔہنی تہٕ روٗحٲنی
طور وُہمہ صدی منز شیٚنہ تمی ابساونہٕ باوجوٗد اُکِس بدلے دُنیاہس منز لسان بسان۔
تمی اوس تہٕ وُہمہ صدی ہندِس تکنیکی طوٗفانس سیٚتی سمجھوتہٕ کوٚرمُت۔ تہٕ توٚے دوٚن منٛز
اُکِس مُلاقاتس منز تمی اُس وُمبرِ منز اکھ فیلم وُچھمژ۔ یٛیلہِ یمہٕ سبھٕٹھ لوٚگُٹھ اوس
اُمیر اکدل چھہ سائنس شہرس منز جدید دُنیاہک نِشانہٕ مانیہ پیوان۔ احد زرگر اوس تہٕ اکھ
مارکِس منز زاہ پیوٲنی، مگر نیوٗت کرِتھ اوس یمہٕ سانہٕ زمانکُن اکھ سبھٕٹھ بوٚڈ شاعر یمہ
شاعرِ یَس ہِندِس وجوٗدس منز لل دیدٕ اپارِ کہ زمانکو آلو گرٛیزان اُسی۔ ارسطوٗ سُندی وُنی
چھُ زِ پانس منز ہیٚتھ پرٛیتھ تق چھنکی نیب زٔھانڈٕنی چھُ مسترٛنگ ییٚر۔ احد زرگر اوس
جمالیٲتی تہٕ شاعرانہ ساز و سامانو رٕنگو تیٚکتاہ خوٗد کفیل زٕ تس اوس تہٕ امہِ عجائب خانہ
منز نظر گژھتھ نیٚبر زٔھانڈنیچ ضروٗرتھے۔ بقولِ غالبؔ ع

سخن کیا کہہ نہیں سکتے جو جویا ہوں جواہر کے
جگر کیا ہم نہیں رکھتے جو کھودیں جا کے معدن کو

دپان اُکِس یَدِ یس شاعرس چھُ اکھ جادوٗئی اٲنہٕ پوٚٹھ (Crystal Ball) آسان، یَتھ منز اَنہٕ یکی تہٕ ابدکی راز اکھ اُکِس سیٚتی نالہ موٚت کرِتھ ہیکہ گژھان چھہ۔ احد زرگر تہٕ اوس یُتھے فنکار ع

لاش میون تیرٕ زٕ نوٗد عشقہ نارنہٕ نے
گاش ظلماتس گوم اظہار
فاش گوم تی یینہٕ فاش اوس قطعنے
حوٗرِ وُچھ گیتہٕ نے منز دیدار

"حت" تہٕ "رقص نگ" یہِ وجد (ecstacy) چھُ بجاے خوٗد وُنی

ینامہ بتان۔ مےٚ چھُ افسوس زِ اَتھ جایہِ چھ بیٚیہٕ غالب یاد پیوان ع

از سوختن الم زشگفتن طرب مجوئے

بیہودہ درکنارِ سموم و صبا برقص

احد زرگرس نِشہِ چھُ یہِ گردِش اَکھ آفاقی رقص (Cosmic Dance)

بنان، یمہِ منٛز زٕ ہینٛج کیتہٕ ریٚزہٕ تہٕ آور چھےٚ نہٕ آسمانکہٕ نٹ رازٕ یتہٕ ع

زوٗن میم جیم لام حقیقت نے
زوٗن آفتاب زن گردِش وار

ژوٗن میون ژانگہِ زول حقیقت نے
حوٗرِ وُچھ گیتہٕ نے منٛز دیدار

سوٗن ومگُن چھےٚ میونےٚ وٕطنے
گیتہٕ رَس گیتہٕ رسس چھمُ ہیلہ ژار

تہٕ مُرشِد راوہم زٲوی جایہٕ نے
حوٗرِ وُچھ گیتہٕ نے منٛز دیدار

یہٕ کتھ چھےٚ بڈٕ عجیب زِ احد زرگرنیس کلامس منٛز دُنیاہ نَن اَکہِ کیٚہٕ کال کرٛہنہِ
ژادرِ منٛز پمپوشکی پاٹھی چھٹان۔ تہٕ ظُلمات چھ ٹوٚٹھ استعارہ۔ اَتھ اَنہِ گٹُس ہرگاہ
گاشیچ کانٛہہ پرٛوٚہ زوٗنان چھےٚ، سوہ چھےٚ شاعرسٕندِ نطقہٕ منٛز طلوع سپدان۔
ترٛٹھہ ہیش کتھ یوسہٕ فیضن نٕل دمن مثنوی منٛز پانس کُتلِن وٕنی پرٛ چھےٚ ع

بانگِ قلمم دریں شب تار
بس معنیٔ خفتہ کردہ بیدار

احد زرگر چھُ کرٛہنہِ رنگُک عاشق۔ کرٛہنُن یُس اسرارن ہُنٛد گنج تہٕ رازن
ہُنٛد پردہ چھُ۔ کرٛہنُن یُس ماجہ ہٕنٛدِس شکمس منٛز نوَن رٕتن تام شرِس دُوگوشہ
نِشہ بچاوان چھُ۔ کرٛہنُن یُس اِنسانہٕ سٕندِس باطنس منٛز بقولِ احد زرگر ظلمات
شہارس، تنھےٚ کتھ وٲلیتھ چھُ بیہتہٕ کٔنہ کعبس تیٚمہ غلاف۔ کارل یُنگ تہٕ منٛز کتھ
یوزٕ تہٕ تمیٚلہ گو یوٚتے لاشعور ع

گُلِ بُتہٕ زاتھ ییٚلہ پھوٚل از ظلمات
ظُلِ ظُلماتہٕ نِشہ گو پیدا برہات

کُل کائنات تنٛبلووُم جبلوَن
اَنٛدرٕ کھالان یینٛدرس نیتہٕ سائسو پَن

●

سَتھ گُپکار یِتھ کُٹھ ڈُیتنم شاپھ
ہَتھ ساس وأنیہ ٹھووٗنم گُنے اعتکاف
کَنھ دِتہٕ رٕتھ پیتراءو خاموش
وُنچھ پوٗنپرِیُن بول بوش گوم کنن

●

سیاہ ستھ ناگ عجب لائق
سیاہ آب ستہٕ وینے مُعلق
سیاہ آگُر سیاہ شہرس
بوٗ مبر گومُت سیاہ کارس

●

باہوش بنیا ظلمات شہارس
لالہٕ انبارس مالہٕ کرٲن
بیہوش بیدل موٗت بدکارس
نفسِ امارس پیتراوان

اَمیُک زشار چھِہ احد زرگرنہٕ سارے نوٗ قطہٕ نظرچ ترجمأنی کران۔ جُس چھُہ خیال تہٕ کیفیتُک مأری منٛز۔ بقولِ بیدل ع

تو زغنچہ کم نہ دمیدہ ای  درِ دل کشا بہ چمن آدرا

یُس لاشعورچہ بسم بسم گوہ پیچہ بر مُژراونیع مانہتھر اُبھ آیہ ۔ تس چھُ نوکتہٕ زانیٛ تہٕ بغیر ہندین گنجن ہُندنیب میلان تہٕ بقول فرائڈ چھُ سہ Super ego کِہ طاقتہ سیتو نفس امّارہ (Id) کین ہاوسن ہُند تہذیب کران ۔ مگر یہٕ ہیکہٕ اکھ بیدار خواہش تہٕ بینا شخصے کٔرتھ ۔ نفس امّارٕکہ عاشق چھِ پوٗنپرِ نہٕ گژھتہٕ بدلہٕ مچھ لاگان یہِ حُسن نوازی ہاوس کاری تہٕ بدکاری ہنٛز تبدیل کران ۔ احد زرگرٕ نہٕ یہٕ پوٗنپرٕ کرگتہ چھُ چھیکرس معرفت بنان ع

کتھہ چاپہٕ گوہر لب حوضِ کوثر ، اَتھ نوٗرِ بدنٕس صد جامہٕ برٕ در

گنتھ حوٗر مارن اللہ اکبر ہیتھ معرفتکی پیمانہٕ مدٕ نو

تہٕ پتہٕ چھِ لطافت حاصل کران کران تیوٗت لطیف بنان یعنی Sublimate گژھان زِ یہٕ چھُ فقط دیدارے دیدار بنان تہٕ پانہٕ وُچھن وول چھُ صرف دیدٕ ہنے ہنٛز یوت موژان ع

احد زرگرٕ لوٗسے وَنہٕ ہنے
پکھ اُچھو سیتو ٹھک مہ زانہہ
خونِ جگر دامے چَتہٕ ہنے
پیرٕسے کتھہ ہنے مرتبا

اُچھن ہنٛدِس اَتھ سفرس پیٹھ پیٹھ کینژن غالبنٛ یہٕ شار یاد ع

بوادیٔ کہ در آں خضر را عصا خفتست

بہ سینہ مے سپرم راہ گرچہ پا خفتست

مگر ہیٚلہٕ احد زرگرونان چھُ ع

احد زرگر کروٗ دیدار ، ہر طرف وُچھ روے یار

لب بستہ کُن خاموش باش     نگاہ دیدہ گاہے گوش باش

تیمہ ویز چھُ مولوی رُومی رحؒ ہُشند فرمان ژھیتس پیوان ع

جُملہ تن را در گداز     اندر نظر

در نظر رو، در نظر رو     در نظر

احد زرگر چھُ شاید کأشِر شأعری منٛز ہُند ساروٕے کھوتہٕ بوٚڈ نافرمان تہٕ باغی۔ بغاوت یوسہٕ تیمۍ رسمی ظأہِر دأرین خلاف کٔر۔ یہٕ چھُ سارنٕے معلوم زِ تیٚمۍ نوجوأنی منٛزٕے آوتس خلاف حُکم کُفرُک دِنہٕ۔ یہٕ سلہٕ تیمۍ پیٹھ ہیوٚر شاروٕنی ع

زال فُرقان نالہِ ژٕ راو زُنّار
پال دین کفرس روزِ تن دار
ژٕ راو نماز، حج زکواة روزہ رمضان
پٕژاو تی یَیتھ نہٕ گژھہِ ہرگز فان
ناو تن کوٗژرہ چھاو گُل زار
پال دین کفرس روزِ تن دار

یا

یس سیٚتھ نِکاح چھے با تدبیر
تیٚتھ سٕے بٔنہٕ چھو داہہٕ شپیر
یُتھنو گانٛگل کری کانٛہہ اغیار
کافر سٕپدِتھ کوٚرُم اقرار

یم آلو چھہ واقعی کأشرِس منٛز سیٹھاہ عجیب۔ مقدار کینٛہہ نٕے تہٕ معیار کینٛہہ چھہ

ہم عالمی پیمانہ چھِ باغیانہٕ شاعری ہٕنز کیفیت ہاوان۔ اَتھ چھےٚ صوفیانہ تشریح تہٕ ممکن۔ تہٕ یہ کتھ تہٕ ہیکو وٕنِتھ زِ یہ چھُ لا پیٹھ اِلا ہک سفر یُس رسمی چھُنہٕ بلکہ جیناوار تہٕ ہوشمند چھُ۔ مگر جدید نفسیاتکی ہم پرت فرائڈ، ینگ تہٕ اڈلرن ٹلو۔ تِمہٕ کینہہ ہیکو وٕنِتھ زِ یم چھِ اکس خالص شاعرسٕندی بےشعوری ہکہ آلو، یم تیٚمسٕندِ لاشعورکہ ظُلماتہٕ منز وُزان چھِ۔ یانہٕ احد زرگر اوس اَتھ پیرسٕندی عشقس سٕتؠ وانان، مگر یہ چھُنہٕ ضروری زِ تِمسٕند تعبیر کیاہ یہ حتمی مانہٕ۔ ہرگاہ نوین نفسیاتی رمزن ہُند بیان تیٚمسٕندین لفظن کھاسن منز یکہ چھُ دوان۔ اَتھ شاعری چھُ کینٛہہ Horror Poetry ناو کوٚرمُت۔ مگر تِ چھُنہٕ صحی۔ یہ چھُ صرف انسانن ہٕنزن کیٛنٛہن قدیم جبلتن ہُند اثرٕ، تِتھےٚ کُنہہ پیٹھ کُنہہ ایڈی پس ینیہ ماجہ سٕتؠ عشق اوس کران تہٕ قلوپترا پنٕنس مایہ سٕتؠ نکاح۔ احد زرگرن یہ پہلو بناوِ تَس مستقبلس منز کاشر زبانی ہُند اکھ انتہائی اہم تہٕ اعلیٰ شاعر۔

احد زرگر چھُ بُنیادی طور انسانہٕ سٕندِ عظمتُک نغمہ خوان تہٕ نقیب۔ سُہ چھُ یتھ ساری ہے عالمس انسانہٕ سٕندِ معرفتہٕ تہٕ حوالہٕ سٕتؠ وُچھان۔ پرکھاوان تہٕ پرزناوان۔ اَتھ منز چھُ سُہ اَکہ وِز منصور بنان تہٕ اَکہ وِز جبرئیل ع

ہے موجود در زمین و آسمان

ہے سو بسو ماہ و مہر پُرزِلان

ہے دوہ تہٕ راتھ لوح قلم کارساز

کس دمہٕ سجدہ تے کس پٮ٘ٹھ نماز

•

ہے بوز ارداہ ساسس عالَے

ہے بوز دِیے در قرآن

بےٚ بوز کعبہ تہٕ بُت خانہ ییٚہ

بےٚ بوز کاپھر بےٚ مسلمان

مگر یمن بے باک آوازن پیٹھ رُوز یتھ گرٛزھن چھُنہٕ ضمنی۔ یہ چھُ رُومی ینٛز مثنوی منٛز تہٕ اقبال سٕندین شارن منٛز تہٕ مثلن ع

در دشتِ جنوں من جبرئیل زبون صیدے

یزداں بہ کمند آور اے ہمت مردانہ

●

تراشیدم صنم بر صورتِ خویش

بہ شکلِ خود خدا را نقش بستم

مرا از خود برون رفتن محال است

بہر رنگے کہ ہستم خود پرستم

یہ چھُ اشرف المخلوقات آسنک اکھ سوٚن تہٕ گوٚن احساس۔ تہٕ اَتھ لگیہ چھےٚ یتہٕ زندگی حسین بناوُنچ تہٕ پارٕ وُنچ سو پھُلےٚ برجستہٕ لوان۔ یتھ احد زرگرن عاشقن تہٕ روٗمانی رنگ وَنو۔ احد زرگر ینہ ہمہ گیر تہٕ پہلو دار شاعر آسنس کیاہ آسہ ییٚمہ کھوتہٕ بڈٕ دلیل زِ یمنین شارن منٛز لاشعور کین ظلماتن ہُند جلوہ، بغاوت کین ملرن ہُند گتہٕ گیوٗر تہٕ تصوف کین زاوِ کر جائرن ہُند ہول ہلے آسنہٕ باوجود چھُ یُس عام انسانن ہٕندین جذباتن ہنٛز ییٚتھ خوبصورت، مۄدُر، لوٗزتہٕ شرٛوٗنی کرِونی عکاسی کران۔ تس چھُ پانہٕ تہٕ اَمہ پہلو دٲری ہُند انداز ع

پُر حباب میون سٗدرٕ دریاو

ہٕنگنین منٛز رٕچھنہٕ آو

دُ بُنیتھ ہلو دوان ژاو

سازو سامانس اندر

نغمہ (lyric) شاعری ہُندِس یِہ درتاو چھُ احد زرگرس پننہ دورکیو سادِ وِپے کھوتہ مقبول شاعرو منز۔ اَکھ بناوان تہِندِ یو نغمہ گیئو ہو دوییو پیریو غنائیو جرِ تہ شمیمہ دیون تہ۔ اَکی صحرائی لیّہ منز تہ بیسٹیو اُزی کیس سازن پیٹھ۔ گر ییمہِ مُندر یِیر تہ تاثیر رؤو برابر جود گژہ ناوان۔ ییمن منز تہ چھےّ اَکہ گذرےَ منہ دوییچ نازنین لولہ کنشہ باشہِ کران بوزنہ یِوان۔ مگر یِہ نہ چھُ محمود گامیُن رنگ تہ نہ رسُل میرُن نہ مہجور تہ نہ آزادُن۔ یِہ چھُ خالص احد زرگرُن لہجہ ۔

روہ نہ منزِلس منز کھوتہ ساوتھ
منہ پھلہ نے منز تُنتہ للہ ناوتھ

●

تمہ لاگے تن ستےَ آلوے پان
چھانہ ہلوک سو ندری اَسیہ ارمان

●

دُھتو زالی پنجرے چھم روبہ خانس
تمتو زاگیہ روزِس آرام جانس
کم کم دِلاسیہ مےَ دِتی پانَہ پانس
متو متو گیس مستہ و مستانہ مدہ نو

●

ژ ہوز روز روز ساتھا یِہ دَم سنبلاو لیتیے
ژ بوز بوز بوز باتھا مےَ کن کن تھاو لیتیے

●

یار میونےُ ہارن تاپھا زن
وارہ وارےَ گاجن میانی سیم تن



احد زرگر ـــــ جوانیٚ ہِندی دوہ

نارٕ وُزمَل لٲلہٕ وان حورو لو
کھوٗنہٕ لٲلہٕ وِہتھ کرے گوٗر گوٗرو لو

بیٚیہ واریاہ بٲتھ ہیٚکَن نقل کٔرِتھ یِتھ۔ یِمَن منٛز چھِ عشقٕچ تٕمبر تہٕ جذبٕچ تیٖہہ تہٕ تُرشٕر تہ مگر ساروٕے کھوتہٕ زیادٕ یِہ زِ یِمَن منٛز چھےٚ احد زرگرٕنی صنعت کٲری (Craftsmanship) پَنُنٕے نٮ۪ن طٲیس بیٚیہٕ۔ یِم چھِ زندگی ہٕندِ حُسن نوٗن کڈان۔ تہٕ اکثر کٲشرین شاعرن برخلاف وُچھٕو تہٕ أندر ٹھُو بغٲر زندگی چھاوٕنٮ۪چ کل کڈان۔ یِم چھِ احد زرگرٕنہٕ عظمتِ آدم کہ تصوٗرٕکی بٲمن۔ یِہ کتھ تہٕ چھےٚ الگ وِیڑھنٕچ تہٕ مَنٛگٕچ طٲلب زِ احد زرگرٕن کوتاہ تخلیقی ورتاو چھُ زبٲنی ہٕندِس مالٕس منٛز کوٗرمُت۔ تمۍ چھِنہٕ پٔہہ تہٕ ووہٕ زُم استعارٕ تہٕ اصطلاح اَنمٕتۍ۔ بلکہ چھُس پنُن اسلوٗب، پنُن طرز تہٕ پنُن لفظُت کوٗرمُت۔ مگر اَتھ کَنہٕ واش کڈنَس گژھن واریاہ دَفترٕ آسنۍ۔

یِہ کتھ چھےٚ کٲشر زبٲنی ہٕندِ صورتِ حال اَکھ زبر نموٗنہٕ پیش کران زِ احد زرگر ہیوٚس شاعرس متعلق چھےٚ ساریٕ زبٲنی منٛز تنقیدٕ تہٕ تفسیرٕچ وِیژھٕ۔ کیٚشرن تذکرن تہٕ تٲریخی کتابن منٛز خاص کٔرِتھ حاجنی صاحب تہٕ شفیع شوق سٕندٮ۪ن کتابن منٛز چھِ کینٛہہ حوالہٕ۔ مگر یِم چھِ واریاہ مُوختصر تہٕ نشنہٕ۔ تعجب چھُ زِ احد زرگر سٕندِ ذکر چھُنہٕ عبدالاحد آزادن تٲم پننِس زِ بیٚڈِس تذکرس منٛز کوٗرمُت حالانکہ چھےٚ یِتہٕ زِ لُکن اہم تہٕ اوریجنل شاعر چھُ اَز بَرعہ تہ ہیہ واریاہ وٕری پتھ کُلیات نوٗن کڈان۔ مگر تیٚتھ چھُنہٕ کانٛہہ ساہتیہ اکادمی ہٕنٛدِ اوارڈُک مستحق زانان۔ اَکھ تُھ ژھٕ رٕوژٕ یِہ کتاب داریاہن وٕرین ساہتیہ اکادمی ہٕنٛدن امکٲنی اوارڈ فہرستن منٛز درج مگر کیٛا میہ آو تُرٲمیہ درجہ چھن کتابن دِنہٕ تہٕ کیٛا زِ احد زرگر اوس تہٕ کٲنسہ نشیہ گُمٕ زِ کُنہٕ ڈٕلتھ گژھِتھ سفارش کرناوُنس بیٚیہٕ تیار۔[1] اَمہ سیٚتۍ

---

[1] اَتھ جایہ ہیٚکہ سوال پٲدٕ گژھتھ زِ کلچرل اکادمی بیٚیہٕ (باقی برٕنٛہہ مس ژھٕنتھس بیٚیہٕ)

چھُنہٕ اَحد زرگرنِس ادبی مرتبس کانٛہہ لانٛژ یوان۔ مگر سٲنؠ تنقیدی لیاقت تہٕ دیانت چھےٚ یقیٖنَن مشکوٗک بنان۔ اَز چھُنہٕ کانٛسہ پتاہ زِ ۱۹۱۰ع منٛز کٔمۍ کیتاہ آو نوبل پرائز دِنہٕ۔ مگر تہٕ چھُ سارنٕے معلوٗم زِ تمہِ وِزِ ہیوٚ گنڈ ریوو ٹالسٹاے۔ یِس نہٕ زاہ نوبل اِنعامہ میلِتھ ہیوٚک۔ بہر حال کلچرل اکادمی گٔژھ اَکھ بیٚیہٕ واقعی اطمینان آسُن زِ اَحد زرگرنہٕ شاعرانہٕ مرتبُک احساس کٔرِتھ کوٚر تمہٕ سنہ ۱۹۶۲ء منٛز تس خلعت پیش۔ اَحد زرگرس پیٚیہ کو ڈنیک تنقیدی نمبر پیش کرنُک فخر تہٕ چھُ اَمہ ادارکیس "شیرازہ" رسالس باگہٕ یوان۔ ذاتی طور چھُ میانہٕ خاطرٕ یہ احساس سیٹھا خوشگوار زِ اَحد زرگرس مُتعلق

---

(پٔتمہِ صفحکہِ نٛتُک نوٹ باقی) تہٕ ہیٚکہٕ یہ اِلزام کھٔسِتھ۔ مگر مامِلہٕ چھُ کیفیاتی طور الگ۔ ساہتیہ اکادمی چھےٚ ریویو کرن وٲلۍ پانہٕ کِتابَن ہنٛز سفارش کران۔ کلچرل اکادمی چھےٚ اَتھہ برعکس کِتابَن ہُنٛد انعامی مقابلہٕ منعقد کران، یتھ منٛز صرف تَس ادیب شرکت ہیوت کتاب زیرِ غور ہیٚکہِ یِتھ، یُس پانہٕ ژور کِتابہ مقابلہٕ خاطرٕ سوزِ۔ تاکار چھُ زِ اَحد زرگرس ہیوٚ درویش منش سوزِہے مقابلہٕ خاطرٕ کِتاب؟ پانہٕ اکادمی اُس قاعدَن ہنٛزٕ ہٲنکل ناٲلۍ نتیجہ دٕراو بقولِ غالبؔ ع

وان وہ غرور و عزّ و ناز، یاں یہ حجابِ پاسِ وضع

راہ میں ہم ملیں کہاں، بزم میں وہ بلائے کیوں

اَ۔ بیاکھ کتھ چھےٚ زِ اَسہ ہیٚکہِ کانٛہہ یہ گراو تہٕ کٔرِتھ زِ اَحد زرگرُن حال اوس یہ ع

ہم اور بزم مے سے یوں تشنہ کام آؤں

گر میں نے کی تھی توبہ ساقی کو کیا ہوا تھا

مگر وَنؠ کیاہ۔ سسٹم چھُ نیتھن نٹھنگلاوان۔ ووٚنؠ گٔو زِ شیر کشمیر کمیٹی منٛز اوس اکادمی تہٕ اجابت تہٕ تمہِ منٛز ہٕیہِ اَحد زرگرنہٕ خاطرٕ ۱۹۸۳ خاص ادارڈ آدا۔ یہ چھُنہٕ بیانِ صفائی بلکہ حقیقتِ حال۔

کُورمٕتۍ ۱۹۶۰ ہَس منٛز تعمیر رِسالس منٛز گوڈنیُک اخباری انٹرویو تٕہنٛزِ تصویرِ سان شایع۔ اَسہِ چھےٚ کوٗشش کٔرمٕژ زِ احد زرگرس گوٗژھ سون یہِ خراجِ عقیدت اَکھ مُستند تہٕ معتبر ڈاٹُلی بنُن۔ اَمہِ لیٖوکھ پنٕنۍ کینٛہہ تقریبن سارٕنۍ اہم کٲشرٕ نقادن بیتریٚ ژٕ وِز وِز کرٕکھ وُکرٲے تہٕ۔ مگر کمہِ دٕپٕٹ دھیشان تہٕ سوٗزٕکھ مقالہٕ۔ تیُوٗت کرٕتھ تہٕ چھُ یتھ شمارس منٛز وارِیاہ تحقیقی تہٕ تنقیدی سرمایہٕ یکہٕ وٹہٕ سپدمُت۔ یُس یقیٖنی طور احد زرگرنہٕ بجرُک شعوٗر گینزراونس منٛز مددگار سپدِ۔ یتھ شمارُک اَکھ اہم حِصہ چھُ سُہ گفتگو یُس احد زرگرن اکادمی ہٕنٛزِ اَکِس محفلہِ منٛز سرکردٕ کٲشرٕ ادیبن سٕتۍ کوٚر۔ اَمہِ سٕتۍ چھُ احد زرگرنہٕ سوچنٕچ تراوٕہ تہٕ زندگی ہٕنٛدۍ وارِیاہ گاش پیوان۔ یتھ شمارس منٛز چھ احد زرگرنۍ وارِیاہ تصویرٕ گوڈنِکہِ لٹہِ شایع کرنہٕ یِوان۔ یِمن تصویرن ہٕنٛز دستیٲبی خٲطرٕ کوٚر اَسہِ احد زرگرنۍ فرزند خورشید احمد تہٕ سٲنۍ دوست ظریف احمد ظریفن وارِیاہ اَتھ روٗٹ۔ اَسۍ چھِ تِہنٛدۍ ممنوٗن۔

بہٕ چھُس رسالہٕ کِس لایق تہٕ محنتی ایڈیٹر چمن لال چمن صٲبن سٕتۍ مشکوٗر۔ ہرگاہ نہٕ سُہ سٕتھا زٕو ژٕہِ ہے، یہِ نمبر وانہِ ہے نہٕ چھاپہٕ چھِ کھٔر تہٕ تامتھ ہرگز نہٕ ہیکہِ ہے نہٕ یوٗت شوٗبہٕ دار بٔنِتھ۔

محمد یوسف ٹینگ
مدیرِ اعلیٰ

سرینگر
۱۰ جنوری ۱۹۸۵ء

غلام نبی ناظر

# حیات احد زرگر

کٲشُر شٲعری ہُنٛز شوٗبہٕ دار لَرٕ چھےٚ للہٕ واکھن تہٕ شیخہٕ شُرُکین پیٹھہٕ تامیر سپنٕز میٚژ۔ یِموٚ زَن کم کَمَ انگریز عالِم تہٕ فاضل پانس کُن مایِل کٔرۍ تہٕ بجہٕ بجہٕ کِتابہٕ پٲٹھۍ تِمَن لیکھنہٕ خاص کٔرِتھ للہٕ واکھن وَہراونہٕ وان تہٕ داش کڈان۔ یِموٚ سِتۍ تصوٗفکۍ تہٕ روٗحٲنی فلسفکۍ نۆوۍ نۆقطہٕ وٕنی راونہٕ آے تہٕ موٚکھتہٕ دانہٕ بَدِ کڈنہٕ آے۔ یہٕ کٲشرِ شٲعری ہُنٛز رنگین تہٕ کٲری گٔری سان تامیر سپنٕز مژ لَرٕ بناونس چھُ ہتہٕ بَدلو شٲعرَو مُن حصہ پیش کوٚرمُت یِمَن منٛز کینٛہہ زِھالی روٗدکۍ تہٕ یم وَنہٕ آیہٕ تِموٚ اَندرٕ چھُ حبہ خوتوٗنہٕ ہُنٛد نوٚزُکھ تہٕ لوٚولفظُن' یاوُن تہٕ لوٚکچار' رَس تہٕ کافیہ آدرِتھ رٕٚتہٕ اُنی دار تہٕ سَنہٕ وُن گُفتار تہٕ وزنی سرمایہٕ مانہٕ ادبی میراثُک موٚکُل حِصہ۔ محموٗد گامی سُنٛد شیوٗد ساد فصیح تہٕ تغزُّل بوٚرُت غزلی سرمایہٕ، مثنوی ہُنٛز دولَتھ تہٕ اٲنتھہٕ روٗس بلاقِہ رنگُک شار خزانہ کس تہٕ چھُ وٕبوٗد؟ روٗسُل میرُن فصاحت تہٕ بلاغتہٕ سِتۍ مالامال، جذباتن تہٕ احساساتن تسکین بخشن وول تہٕ پنٛنہٕ آہنگہٕ تہٕ لیَہ سِتۍ ترٕزٕ تُلَن وول غزل۔ شمس فقیرُن بیاہ مم صابُن تہٕ رحیم صابُن سیٚوٗد ساد تہٕ فصیح زبان ہیہتھ شعری سرمایہٕ چھُ سُہ یِمہ کِہ برکتہٕ تھۆدیٚن روٗحٲنی مقامن تہٕ تصوٗفچ کٲشرِس اکس مخصوٗص روٗپس منٛز وَہراونٕ یِیٚز۔ اوٚکرہٕ لین تہٕ زاوٕری لین نوفطَن جاے دِوان تہٕ ہنٛز لفظہٕ مال چھَنا اَسہٕ نالہٕ؟ عبدالاحد نادِم صابُن نعتہٕ سرمایہٕ، یِمہ سِتۍ کٲشرِ زبٲنۍ حضوٗر صلی اللہ علیہ وسلمن

درۄدٕ تہٕ سلام سوزِتھ دستار گنڈتھ آو۔ کوٚنہٕ دِیہ اسہ نار ؟ رحمان ڈارُن شارٕ‌ژ، شیٖریٚنی فصاحت تہٕ بلاغت، حُسن تہٕ خوٗبی، اَچھرَن ہُنٛد مانے یَس سیٚتۍ رلِتھ وول آہنگ کَتہٕ روزِ ژھایہ ؟ احمدی بٹٕ وارِہ ہُنٛد سیٚود ساد سوٚن تہٕ گوٚن اظہار، تہٕ تشبیہات چھِنا سانِس کھاتس منٛز مجراہ ؟ مہجورُن عشق تہٕ جوش، جذبہٕ تہٕ میچھر، شرٕلٕژ تہٕ پَارٕ‌او، وطن دارِی تہٕ جدوجہد کَس چھِنہٕ موہنہٕ کرناوان ؟ آزادٕ سُنٛز خوٚدی تہٕ حوصلہٕ مَنٛدی، زندگی ہِنٛد ساز چ لطافت تہٕ زبان وادٕ ہیچ تاریخ کوٚت راوِ ؟ یِم ساری چھِ کاشُر شاعری ہِنٛدۍ آسمانکۍ تٕرٕزلوٚنی تارکھ اَمہ پتہٕ آو آزادی ہُنٛد دور تہٕ شاعری ہِنٛز رٕوِش تہٕ ترٛائے بدلے ییٚہ نوٚو رجحانات تہٕ خیالات تہٕ صوٗرژ آیہ شاعری اندر وٗچھ دِس۔ بٕروٗن سورُے ماحول گوٚو اَکِس نٔوِس ماحولس منٛز تبدیل۔ اکھ نوٚو ہوا تہٕ اکھ نوٚو فضا گوو تیار۔ کاشرِس ہیٚوکنہٕ اَمہ تٕلہٕ پان بچاوِتھ تہٕ پرٛانِس رِوایتی طور طریقس سٔتۍ دِتھ خصوصن گوٚصوٗفی شاعرَن ہُنٛد چھوٚلُن پھانٛچھلُن تہٕ زور شور کم تہٕ کانٛہہ ہیٚوکنہٕ پوٚرِ پاٹھۍ صرف تصوفس لٕلہٕ کھوٚل کٔرِتھ تہٕ یوٚہے پننہٕ شاعری ہُنٛد خالص موضوع بناوِتھ۔ اگر کانٛہہ سگان، پھانٛچھلاوان تہٕ برٛونٛہہ پکناوان روٗدتہٕ شہ اوس کیٚنژن کم حیثیتہٕ کین شاعرن اوٚکھوٚر ترٛاوِتھ صرف مرحوم عبدالاحد زرگر، یمو اَتھ شاعری پننہِ خوٗن جِگر آلوِتھ قیام بخش۔ تِہنٛز آواز اُس ع

منہٕ کی اسرار چھُس وِہرٕ ھناوان کنہٕ کی دوٗر اُلراوان چھُس

وَنہٕ کی سٔنی پاس سور مٕلہٕ ناوان پیر پرٛسٕنٛد سِر لٕلہ ناوان چھُس

عبدالاحد زرگرنِس بابہٕ صابس اوس ناو غلام محی الدین زرگر۔ کرام چھِک زرگر بیمہٕ تٕلہٕ باسان چھُ زِ یِہنٛدۍ جدِ اجداد چھِ ییٚتھ کالہٕ زرگر یا سونٛرٕ اسیٚ متۍ۔ مگر یِہُنٛد بابہٕ صاب چھُ اوسمُت تجۂ کام کران یا رفوٗ گرِی کار۔ یِم تہٕ اسیٚ پوٚرٕ درویش تہٕ دُنیاہس سیٚتۍ اوسُکھ سیٹھا کم اُنس ووٚن گوٚیان تہٕ عیال پالنہٕ موکھہٕ اسی یِنیٚو

اَتھو کأم کران۔ یمَن نِش چھہٕ ہمیشہ پیٖرَن فقیٖرَن، بُزرگن تہٕ خدا دوستن ہُندٮ۪ن گژھُن رۄزُمت۔ یمَن ہُند رحمت حق گژھنُک وُری چھُ اَز برٛوٚنہہ پنٛژاہ وُری یانے ۱۹۳۲ سنہ اوسمُت تہٕ یِم چھہٕ لگ بھگ ۶۵ وُہُرِ أسی مِتو تمہٕ وقتہٕ۔ عبدالاحد زرگر صأبنۍ والِد چھِے أسیٚمِژ زنۍ مرٛچ کوٚرتہٕ موکھتہٕ چھُس ناو اوسمُت۔ یِمَن چھُ مول برٛونٹھے یہَن گُذریومُت، تہٕ موج چھکھ پٮ۪تہٕ وارِیاہس کالس زِنٛد رۄزمِژ۔ زرگر صأبن چھُ گوڈنیُک کھانٛدر گانٛدربلہٕ کوٚرمُت، تمہٕ ساتہٕ أسی تِم پنٛژہٕ ۲۵ وُہُرِ۔ مگر شہ نیٚچِھر چھہٕ تمِن صرف پانٛژن وُریٮ۪ن رۄزمُت تہٕ تِمن چھِے سو خانہ دارٕنۍ گُذرے مِژ۔ تِمِس پٮ۪تہٕ چھُ یمَو ۳۵ وُری شہ وأنسہٕ منٛز بیاکھ نیٚچھِم کوٚرمُت، وٮ۪نبیار کِس پیٖر غلام رسولنِس کوٗرِ یوسہٕ زَن بۄزتہٕ کنیو تمہٕ ساتہٕ ۱۵ وُری شی أسیٚمِژ چھِے۔ بۄنٹھِمِس خاندارٕ تہٕ اوس نہٕ کینٛہہ زامُت تہٕ دوٚیمہِ نیٚچِھر چھِے تمن ترٛٮ۪یہ کوٗرِ تہٕ ژٕ نیٚچِو۔ گبر ژ یِژھ، اکھ گوٚ خورشید احمد زرگر، یُس زَن پبلک وٕرکس محکمس انٛدر سُپروائیزر چھُ تہٕ دوٚیِم شاہنواز زرگر، یُس زَن تجارت کران چھُ تہٕ برازمان چھُس۔ أکِس لڑکی چھکھ کوٚرمُت تہٕ ژٕ کوٗرِ چھِے نِکہٕ وانٛسِہ۔ خورشید احمد تہٕ چھُ شُرٕ مول بنیومُت مگر شاہنواز چھُ اُنہور رُے۔

زرگر صأبن چھِ ژوداہ وُری شہ وأنسہٕ منٛز رے گوڈنیُک پیٖر کوٚرمُت۔ شہ اوس ڈالی پورہ کاوہٕ ڈارنیُک عبدالکبیر لون یُس زَن پانہٕ مُلی یار کام کران اوس۔ دپان عبدالکبیر لون مُند مرشِد اوس محمد سراج، یُس زَن شمس فقیر سُند ہم عصر اوسمُت چھُ۔ دپان لون صأب اگرچہ پانہٕ شأیری کران اوس نہٕ مگر شأیری ہُنٛد فن تہٕ اَتھو رموز أسِس سارۍ معلوم۔ لہٰذا اگرکھ زرگر صأبنِس شأیری منٛز رہبری۔ دوٚیِم مرشِد گوٚکھ تس پتہٕ مبر واعظ احمداللہ صأب یمَن مولوی عمہ صأب وَنان أسی۔ وَننہٕ چھُ یوان زِ زرگر صأبن وُچھ دوٚہہ اکہ خاب تہٕ دوپکھ "بہ دونس

بغداد دستگیر صاٮ۪بٕنؠ زیارتس تیٚنہٕ وُچھُم اَکھ دار کینہہ عمہٕ صاب کلہٕ کُڈ تھ۪۔ یتہٕ ییٚمہٕ دار بہٕ گوس تمہٕ دارِ وُچھُم عمہٕ صاب۔ یتہٕ گوس عمہٕ صاٮ۪بٕنؠ گرٕ تہٕ تِمن بیٚیلہٕ یہ کیفیت باوِم۔ تِمو کر یوٚم گوڈٕ کمے پٮ۪نہٕ روپیہٕ پٮ۪ٹھ زروٚپے عنایتھ۔ اَمہٕ وِز چھِہ تمہٕ ۲۸۔ ۲۹ وٕہرِ آسہٕ ہتھ۔ عمہٕ صاب تُسید اَمہٕ یتہٕ دوہ بٔلی وٕہرِ رحمتِ حق۔ اَمہٕ یتہٕ چھُ تِمو ژھیم پیپر کوٚرمنٹ نِراکُھ ثناء اللہ بٹ۔ یتہٕ چھکھ کوٚرمنٹ رواُمبل بٔٹہ وانہٕ پٕنُر یُس پانہٕ کوٚژھل کٲم کران اوس۔ اَمہٕ یتہٕ چھکھ عزیز صاب یتوٚ ناکام زارٕ پیپر کوٚرمنٹ، یُس پانہٕ ڈالدار اوس، آخری پیپر چھِ تِمو ڈٔنہ کٔڈ لُکھ ماہہٕ صاب گتامی کوٚرمنٹ، یُس نَرٕوٕرٕ اوس پُنچ کٲم کران۔ دٔپان تِمن نہ ہونگ نہ ہیبوت زرگر صاٮ۪بٕنؠ کینہہ مگر تِمو کوٚر کھ تورٕ سے سورُے عطا۔

زرگر صاٮ۪بنٕس زاسنس مُتعلق چھُ اختلاف۔ کٲمِل صاب چھ صوٗفی شاعر جلد ۳ ہس منٛز تہٕہُنٛد زاسنہ ۱۹۱۶ء یا ۱۹۱۷ء ونان۔ یٮ۪لہٕ توٚن احد زرگرس تِمہ ماتہٕ پنُنہٕ وننہٕ مُطابق ۵۸ وٕری واُنس آسان چھِ۔ تِمہ حسابہٕ چھُ سنہ ۱۹۰۷ء منٛز زامت، تہٕ کیازِ کٲمِل صاب چھِ یہ کتھ ۱۹۶۵ء ہس منٛز لیکھان۔ حاجنی صاب تہٕ چھِ کاشُر شاعری کتابہٕ منٛز لگ بھگ یوٚہے سنہ تہٕہُنٛد زاسنہٕ ونان بلکہ تہٕہُنٛدِس فرزنٛدس نِش سٕید مولوم زاکرا سہ صحی زاسنہٕ تہٕہُنٛد کُنہ لیکھتھ چھُنہٕ، مگر یہ چھُ آمُت کھُر کرنہٕ زِ تِم چھِ سنہ ۱۹۰۴ء ہس منٛز زامتہٕ تِمہ حسابہٕ گٔنڈرِ تِم ۷۹ وٕری واُنسہٕ منٛز ۱۵ صفر سنہ ۱۴۰۴ ہجری مطابق ۲۱ نومبر سنہ ۱۹۸۳ء صبحہ چہ نمازِ پیٚٹھ تہٕ دوہ اوس ژٔندرِ وار۔ زرگر صاٮ۪بن چھِنہٕ کُنہ سکوٗلس منٛز تالیم پرٕمژ۔ دوٚہ گو تِم آسہ کینژس کالس کٲدی کٔڈ لِہ سرینگرٕ اَکس شخص حسن شاہ صاٮ۪بس نِش فارسی پرٕنہٕ گژھان۔ شاعری چھِ تِمو لگ بھگ ۲۰ وٕہرِ واُنسہٕ منٛز شوٗرو ع کرٕمٕژ۔ دٔپان گوڈنیُک بٲتھ یُس تِمو لیوٚکھ، تمیُک گوڈ شار چھُ یہ۔

اخلاص یہ وُچھتھ میحنت تہٕ شامٕن — فام نیٚو حبا من در ہندُستان[1]
ہوش دار گوش تھو نوش کلامٕن — فام نیٚو حبا مٕن در ہندُستان

زرگر صابنہِ آشنین چھےٚ وُنہِ زِندٕ، یمو سٕہ زن لگ بھگ شیٚہہ قُدیش آسیہ۔

احد زرگر صاب اُسی پوشاک سیٚوٗد ساد تہٕ صاف شفاف لاگان۔ لو کچار بیہتھ چھ تمہ پوٚر پوٚر رِندِ عاشق مزاج اُسو ہنو۔ اکہ دوہہ یہ ییلہ تمن نالس چاندٕر رِندِ دار ہنٛز لاٗگِتھ اُسی۔ بیٚنہٕ ہیٚر عبدالکبیر لونن پٕژ تھکھ زِیم رِندِ دارٕ کچھ کیاز چھو لاگتھ؟ واپس دوٚن ہٕس زِ "اگر درویشی یم نے چھیزن ناٗتی یانے پوشاکس بیٚترِ ناتی چھےٚ تیٚلہ چھٕنہ مےٚ تکار رے۔"

زرگر صاب چھِ دون سِلسِلن سیتو وابستہٕ اُسی ہنو یانے قادری تہٕ کبروی سِلسِلہ اُسو تمو یکنا وان ہکہِ ونہٕ۔

زرگر صابٕن کلام چھُ وُنیکہ تام کلیات احد زرگر ناوی کتابہِ منٛز جمع آمت کرنہٕ۔ مگر تمہ پتہٕ چھُ تمو واریاہ کلام وونمُت یُس زن کیٚنژھا لوکٕن لگن کتابٕن ہنٛدیس صورتس منٛز چھپیومُت چھُ۔ مگر کیٚنژھا چھُ پَچھنے۔ اَمہ علاوٕ چھُ تمو ییٚنس اکس بیٚہرس یانے مولوی عمہ صابس نذرانہٕ کینہٕ "مولوی نامہٕ" لیوکھمُت یمیُک گوڈُنیُک شار یتھہٕ کنۍ چھُ ۔

"بیٚہرا وسِ عاشق مصطفٰیؐ — کٕن تھاد بوزا اسے صادِقا
تےٚ تیٚتھہ اوس نے آسیہ کانہہ — کٕن تھاد بوزا اسے صادِقا"

احد زرگرس ہٕنٛدین کیٚنژن مشہور تہٕ فکر انگیز باتن ہٕنٛدا اکھ شارہ

---

[1] مگر یہ کینہٕ چھےٚ وُنیکھتے پہن باسان زِ یہ سو دُرے باتھ چھُ اکس باکمال تہٕ بالیغ ذہن شاعرٕ سُنٛز تخلیق باسان۔ (ناظر)

بوزِو تو۔ یِم چھِہ تِم باتھ یِمو تٔس حُکم کُفرُک دیُت ؎

بٔسی تے مولا سپدی خان — زِنٛدٕ روزِ باقی میون جسم و جان

•

لا کر سِر دٔپان منٛز چھی سپار — کافر سپدِتھ کوٚرُم اقرار

•

بے اندرٕ نیبرٕ چھس پوشیدٕ راز — کٔس دِیہہ سجدٕ نَے کٔس پرٕ نماز

•

گوڈٕ آو شیطان اَدٕ آو بشو — راز دانیہ روقتن نماز پرتو

•

سپُن پوختن ترسے نو کُتاہ — نہ تور ویٚتھِ لا نہ الا اللہ

دپُن بوزُن وہ پُن عنقاہ — نہ تور ویٚتھِ لا نہ الا اللہ

•

...... نالی تراو زُنّار — پال دپن کُفرس روزِتن دار

•

ذکر تہٕ تسبیح زالِتھ تراو — فکرے گرٛٹھ گرٛٹھو سیر پرٕزناو

•

احد زرگر چھُ دُنیادی ہاوِ باوِ نِشہٕ لوٚب روزان اوسمُت تہٕ عام طور پٔنٛنی
گرٕ بیوٚ کھمُت۔ صرف اوس ریتہٕ کالہِ عیدگاہ بینِتر کینہ جکرس نیران۔ بٔتیہ اوس سُہ
پٔنٛنین چیلین بیتر نِش روزنہٕ گژھان۔ ترٛہ سوارِ دوہہٕ اوس مجلِس سماع کران۔
یانے گیوٚن مجلِس۔ تمِس اوس نہٕ وٕنی کانٛہہ نِشہٕ صحتُک اوس خاص خیال تھاوان
اَز ترٛوٚ پٔنٛہہ وُہ وٕری ہیوٚ دِژ وفات کلچرل اکادمی خِلعت بٔتیہ کیٛشرٕ ناگ و تن سیٚتھ

مگر تِمو کوٗر نہٕ سُہ قبوٗل[1]۔ دوٗپُن۔ اَمہٕ سیٚتۍ بٔنِہ میانہِ شخصیتس کیٚس اُنٛس کھٔٹے تمِس
چھےٚ شٲیر گٲم داریاہ چیٚلہٕ یا مُرید یِم تَس فِدا آسی۔ تِہنٛدِس فرزندٕ سِندِ وَنِنہٕ
مُطابق چھُ تِہنٛد سورُے کلام تِمو تِہنٛزی زِنٛدٕ گی پیٹھ کٔرِتھ تھوٗوٗمُت، یُتھ نہٕ
کانٛہہ غلطی ہیٚکہِ گٔژِھتھ۔" کرِنَس خُدا مغفرتھ آزاد بِہ شِنٛدٕ اوس"



---

[1] اکیڈیمی دِتی کَو ڈُنیچہ لَبہٕ ۱۹۶۲ءہس منٛز خلعت تہٕ خلعت پراوَن والین منٛز اوس
احمد زرگر صاحب تہٕ شامِل۔ اَتھ سِلسِلس منٛز بوٚس تہٕ تقریب سپٕز تتھ منٛز اگرچہ زرگر
صاحب حاضر اوس نہٕ اَما پوٚز یہٕ خلعت روٗٹ تِمو یِنہٕ گرٕ باضابطہ یا تھٕ۔ (ایڈیٹر)

غلام نبی فراق

# صمد میر تہٕ احد زرگر

(راکھ جایزٕ)

لگ بگ پٔنژٕہ مین ہنزٕ ہُن وٕری بن منز ووٗتھ نہٕ کأشرِ شأیری منز تیتھ کانہہ تریُمہِ شأیر یُس کم اَز کم — تیتھ موضوعس پیش نظر تھٲویتھ اہم تہٕ بوٚڑ حصہٕ کلامُک بالا فطری تہٕ صوٗفی شأیری منز لیوان چھُ صمد میرس تہٕ احد زرگرس بطورِ ہمکال ہمہ شانہٕ بشانہٕ ہیٚکہٕ ہے۔ اَتھ پژرس پیش نظر اگر اَسہِ وَنَو زِ یِم دوشوٕے شأیر چھِ کأشرِ زبأنی منز صوٗفی شأیرن ہنٛدِ کرأمی ہمسایہٕ شأیر اَسہِ چھِنہٕ کُنہٕ مُبالغُک کأم ہیوان۔ بلکہِ اَکس توأریخی پژرس تہٕ موجوٗد ثبوتہٕ حالس اظہار دِوان۔

صمد میر چھُ بظأہر ۱۹۰۱ء منز تہٕ احد زرگر ۱۹۰۹ء منز زیوان۔ اَمہِ موجوٗب چھُ اَکیُمُ دۄیمس اَٹھن وٕرین زیٹھ۔ مگر صمد میر چھُ اَکی میہ جنوری ۱۹۵۹ء منز تہٕ احد زرگر ۲۱ نومبر ۱۹۸۳ء منز رحمتِ حق سپدان۔ مگر وٕرین ہُنٛد یہٕ پھیر چھُنہٕ تِہنٛزِ شأیری ہنٛدِس موضوعس منز کانہہ ترٛٲٹھ تبدیلی آنان یوس یہٕ بیان کرنس لایق آسہِہا۔ یتہِ مۄکھ محض زٕ وٕری برونہہ کتھ باتھ کران زرگر چھا نبشت دوٚن زِ اَز کل کیا چھُ لیکھان تمیُک دۄلمُ زِ مئے وأنی کینژھ وٕری لیکھن تہٕ ادیٚ منز صمد میرُن حال اوس اَمہِ نِش مختلیف تہٕ شہ رود پٔنژٕہ مین وٕری بن منز تہٕ منز کُنشوک

لیکھان تہٕ تتھی کرٕ مرنہٕ برونہہ تتھ مُشاعرس منز تہٕ شرکت، یُس وزیرِ اعظم بخشی غلام
محمدن جشنِ کشیر کس سلسلس منز ______ کرنوو تہٕ ییتھ منز سُہ
پانہٕ تہٕ شریک اوس۔ امہ لحاظ تہٕ چھُ یہندِ تخلیقی دورُک وقف کُنہ عدس تام لرِ لوٚدۡ
پکان۔

اَکھ اَکس نِش اظہار تہٕ امیجری ہیٚش نظر مختلف آسنہٕ تہٕ چھِ یِمن
دۄشونی شاعرن منز کینہہ چیز مُشترک تہٕ۔ مثلن صمد میرنہٕ چھُ احد زرگرنی پأٹھی
تھیز مکتبی تالیمہ نِش بیپاری روٗدمُت۔ یِم دۄشوے آسہ باقے زبانن ہٕنزِ
شاعری نِش یِمن منز فارسی تہٕ اُردو خاص پأٹھی ناوہینس لایق چھِ بیٚٹھا کمٕ
واقف۔ دۄشونی ہُند مزاج اوس تنہا پسند تہٕ دۄشونی اوس شہری تہٕ گامی
زندگی ہُند کافی تجربہٕ۔ دۄشوے وُچھ آزادی برونٹھ تہٕ پتیم کشیر۔ دۄشوے
روٗدی عصری سیاسی تہٕ سماجی تحریکو نِش دور۔ دۄشوے کوٚر پننہِ باوژ پأنتھ
کأشر زبانی ہُندُے انتخاب۔ پننہ امہ باوژ پأنتھ ثأری یمو دۄشوے روایتی
سانچے، حالانکہ یِہنزِ سیاتی منز آسے ہیٚژ لحاظ کأشر شاعری منز نوارِخ ساز
تہٕ رنگارنگی تجربہٕ کرنہٕ۔ دۄشونی آسی پن پننہِ پھٕهن وألی گامہٕ شہر وژھ اُنجہ
لول بران۔ دۄشونی آو پننہِ زندگی منزے ادبی تہٕ دانشور حلقن منز احترامہ
بوٚزُبتھ استقبال کرنہٕ۔ دۄشوے کوٚر مشہور اکہ نشدُن افسانہٕ پن پننہِ طریقہ پیش۔

یتھ کنُن مےٚ برونٹھے اشارٕ کوٚر یِم دۄشوے شاعر چھِ صوفی شاعرن ہِنزِ
کاروانکۍ زٕ اَخری اہم شاعر تصور یوان کرنہٕ۔ شاید اوٚہ کینہ زحالس چھُنہٕ امہ نِش
یِمن ہیوٚ بیا کہہ کانہہ شاعر یُس یِمن ہمشانہٕ بنتھ ہیکہ ہے یا یُس نِش آسہ
یہ توقع تھاوتھ ہیکہ ہیوٚ زِ یِہ ہیکہ تتھ مثالہ دزوٚن تھأوتھ یوسہ یمو پانہٕ ازھٕن
ریاضتہ سیتۍ روشن کٔر۔

اَسہِ وۄنۍ زِ یِم چھِ صوٗفی شاعِر۔ پَس وۄ چھُو اَسہِ زِ صوٗفی شاعِری کتھ شاعِری ہیٚکہِ وَنِتھ یِتھ۔ اَمِکۍ اہم عناصِر کیاہ ہیٚکَن بَنِتھ تہٕ یہ کتھ چھےٚ بَلکہ شاعِری نِشہِ بَدٕ وَن سپدان۔ تہٕ یِم زِ شاعِر لیوٚکھ سہٕ شاعِری پانَس یِتھ کُن تراوان چھِ سو چھا ساری صوٗفی شاعِری ہِنٛدِس دایرَس منٛز ییوان۔ کیا اَتھ شاعِری چھنا اَمہِ رۄس بیٚیہِ کانٛہہ حُسن تہٕ بیٚیہِ کانٛہہ پہلوٗ۔ سُہ کُس چیز چھُ یُس اَتھ تمَن عام لُکَن منٛز تہٕ مقبوٗل بناوان چھُ، یِم تصوُفکہِ زاوِیہِ جاۄنِش واقف چھِنہٕ۔ کیا اَتھ چھنا پنُن جمالیاتی پہلوٗ یُس میزانہٕ کینہٕ آفاقی تہٕ آسان چھُ۔

اِنسانہٕ سنٛد باپَت چھےٚ یہ کُت رات تہٕ بےٚ اَنٛد کاینات ہمیشہ اَکھ راز روٗز مٕژ۔ اَتھ رازَس دٔرُن تُلنہٕ اَرِچ اصل حقیقت زانہٕ باپَت روٗد اِنسان ہمیشہ جِد و جہد کران۔ بیٚتراہ زان سُہ اَتھ مُتعلق حاصِل کران روٗد سُہ گوٚو اَتھ عام کران۔ اَتھ عظیم سفرَس منٛز تُلۍ تحقیق کارو تہٕ ژھانٛڈ وٕپسنٛدو بے مِثال تکلیف تہٕ۔ اَڑۍ گٔے ناربُو کر تہٕ اَڑۍ داریہِ بُزکر۔ اَڑِن گٔیہِ وَنہٕ ویلاےٚ۔ مگر اِنسانہٕ سُنٛد یہ بے مِثال سفر روٗد جاری تہٕ یہ چھُ اَز تہٕ جاری۔ کاینات تس تہٕ پانَس مُتعلق یُس عِلم اِنسانَس نِش اَز تہٕ چھُ یُس چھُنہٕ سُہ مُکمل۔ یہ ہیٚکہِ نہٕ مُکمل سپدِتھ۔ اَتھ روزِ ہمیشہ بَرژر سپدان۔ مگر یہ بَرژر دِیہ؟ یِتھ پاٹھۍ یہ دِوان چھُ، نوٚین ژھٔرِ رَن جاے یِم بُرُد نہٕ باپَت مزید ژھر میرِنۍ وجوٗد شکلاوَن تہٕ یِتھےٚ پاٹھۍ روزِ یہ سِتم ظریف سِلسِلہ جاری۔ اِنسان اوس بروٚنہہ تہٕ سوچان تہٕ یہ چھُ اَز تہٕ سوچان زِ یہ عالم کیاہ چھُ۔ اَتھ منٛز یِم بے شُمار تارکھ کیا ژہ آسہِ وجوٗدَس منٛز تہٕ آیہِ کیا بنہٕ اَتھ۔ بیٚیہِ تمام وجوٗدُک راز کیاہ چھُ، یہ کیا چھُس پانہٕ تہٕ میےٚ اَندٕری اَندٕری لیوٚکھ سہ باقے زندگی چھےٚ اَتھ کیا کیا گُدر یوو تہٕ گُدر۔ میےٚ کیاز چھُ یہ ڈلہِ وۄن وَق پَرژھنےٚ کرنےٚ بنےٚ خبری ہِنٛدِس عالمَس منٛز۔ بیٚیہِ زندگی نِشہِ بوٚنٛٹھ کھاران۔ یِتھ ساری پیےٚ نِو شکلہِ رٹِن وال یِس مٔنکہ مَس کُس چھُ بناوِن مول

اگرچہ یہٕ کیاہ چھُ پانہٕ تہٕ کَمہِ چھُ بنوومُت۔ اِنسان ہیٚکِہ نا موت فتح کٔرِتھ تہٕ لازوال بٔنِتھ وغأرٕ وغأرٕ۔ اَتھ سأری ہیے اَتر کُمسرٕ کُرٛہنہٕ باپتھ کوٚر اِنسأنی کأنٛژھارن فلسفن تہٕ مذہبن تہٕ پننُے رول ادا۔ واریاہن کتھن آو جواب دِنہٕ تہٕ واریاہ سوال سپٕد بُروٚنٛہہ کُن وأتِتھ اِستادٕ۔ سائنس تہٕ چھُ یہِ گٔنڈمُت راونس منٛز پننیو بے پناہ دِلچسپی ہاوان تہٕ جوابس پتہ جواب اَنان۔ یقیٖنس تھہٕ دارتہٕ پیچدار مسلن حل کرنس منٛز چھُنہٕ خاص کٔر پھٔٹھ کالہٕ اِنسانس پننہِ عقلہِ تیٚشتھ برٕ لوٗر اَتھہِ روٗٹ کٔرِتھ ہیوٚکمُت یِمہِ کینٛہو عجیب غریب مسلہٕ حل سپدِتھ پیکہٕ ہیے تہٕ اَمِس اِنسانہٕ سٕنٛز ژھانڈو پسندی ہٕنٛز تریش پھُٹہٕ ہیے۔ مُمکن چھُ یہٕ بناوِہا ہیے پتہٕ پننہٕ اَتھو عقلہِ منٛز وَتہٕ ہاوکھ پنٕو مُشکلاتو دیتھ بیٛتھ پٔیر یوسہٕ بذاتِ خود عقلہِ ہٕنٛز عاجزی ہٕنٛز تہٕ پیمرٕ اَمِس، زٔنم زِ محدوٗد عقلہِ پیٛٹھو تہٕ چھُ اَتھ تیشتھ چیز یُس روحأنی تہٕ اِلہامی دأیرس منٛز لبان چھُ۔ یتھ حأصل کرنہٕ باپتھ بظاہر کأنسہِ عقل پسند سٕنٛز منٛز رتھ بیوان چھُنہٕ۔ حالانکہ یہٕ نتیجہ کڑنس منٛز تہٕ چھِہ تیز عقلے انسانہٕ سٕنٛز برٕ لوٗر اَتھہِ روٗٹ کران۔ زِندگیہ تہٕ کأیناتس مُتعلق اَتھہ اہم اپروچس اَندر پکھو سپٕدِ کٔر واریاہ سکوٗل قأیِم یمن منٛز اَمہِ نوٗرُک فلسفہٕ شکل اختیار کٔر۔ اَتھ نوٗرُک فلسفس سپُد وقتہٕ پکنس سٕتہٕ سٕتہٕ ہپاری میأری مِثل تہٕ تہٕ پن پننہٕ وقتُک اَثر نہٕ۔ لفظ بدلیہ، اظہارُک ڈنٛگ بدلیو۔ علامژ بدلیہ۔ استعارٕ بدلیہ، مگر اصل پرٛزر سپُد نہٕ کینٛہہ تبدیٖل۔

اَتھ سٕتہٕ سٕتہٕ یوٚسہٕ دوٚیمہ دٔرو اِنسأنی سماجس منٛز ہمیشہ قأیِم روز تمہٕ نہٕ کوٚر پننہِ طرفہ اِنسانہٕ سٕنٛدِس اَتھ اَپروچس واریاہ مدد۔ یِم لوکھ یِتھہٕ کنہ موٗنجِہ سپدِ کٔر، قحطکی تہٕ خوفناک بیمارِ ہنٛدِ شکار سپدِ کٔر۔ یِم بٔتے اِتفأقی تہٕ بٔتے بوجن بیٛھور کأوی ین پننیو منطقی نتیجہ وأنٛأوی، تِم نہٕ پیٚھی ہیے موٗس سوٗچس کُن۔ اَتھ وَتہٕ پیٹھ باسیوٗ تِمن سکونٕک تہٕ قرارُک شیٖچھار۔ یُس یُس تہٕ

کاشِہ اُمہ اَہَم پَزرَن یا اَمِکی کُنہِ شعبن پانَس کُن اوٚن سہ رۄد باقے عام کینہہ خاص
لوٗکو نیش وارِیاہ مختلف۔ اَڈبن باسیو زِ اِنسان چھُ محض مجبوٗر۔ بیٚیلہِ اَڈیو یہِ وۄن
زِ سہ چھُنہٕ تہِ یہِ شہ پانہٕ کرِتھ ہیٚکہ یا یہِ زِ سہٕ چھُ سوٗرُے نَس پرِ پنُن پان پَرزنَاوُن
تہٕ پنٕنین رنگارنگو صلاحیتن برپوٗر کام ہیٚنُن۔ تِمہٕ نِشہِ چھُ مُکمل یا اٚکھ پَت رۄزُن
بیٚیمِہ سیٚتھ بیٚیَن تکلیف واتہِ۔ اِنسان چھُ اِنسان تہٕ یُس نہٕ رنگ تہٕ یُس یِہِ تہٕ خُشحالیت
بِس تہٕ مُلک یُس تہٕ خاندان تہٕ یُس تہٕ فلسفہٕ نَس آیہِ نَن کھاوِ، تِمہٕ سیٚتی بیٚیمِہ نہٕ
نَس کاشِہ اہم فرق۔ سأنی صوٗفی تہٕ ہیٚکن اُکھرس پیٚٹھ پِمنِہ منز شمار کرِنہٕ یِتھ۔
خاص کرِ بیٚیمہ پزرِ موجوب زِ تِم چھِہ عام طور اجتماعی تہٕ اِنفرادی ظاہرداری
ہاوِ باوِ مقابلہٕ پنُن گیان خاموش وأنجہ کاشِہ ژھار نَس اہمیت دِوان تہٕ لیٚتھ
تنتھ ژھوُتہِ پیٚندِلو ڈولو بوسہِ دِوان۔ سکوٗن ژھارنُک یہِ پزر ہیٚکہ تہٕ پیٚٹھو
پیٚیٹھو نظر اکرِتھ نظرانداز کرِنہٕ یِتھ۔ اِنسانہٕ سٕنز اجتماعی مجلسہِ ہیٚکتے تہٕ اَکِس
فردَس منز تِمی مُنشد الہام وُزناوِتھ۔ اَتھ چھِہ اکِس فرد سٕنزِ ژھانڈو پسند
جسیج ضروٗرتھ۔ میون مُدا چھُنہٕ یہِ زِ بہٕ دِہ ہنناوُن فلسفہ۔ بُلکہ چھس بہٕ یِہمہ
کیٚنہہ کتھہٕ وأنتھ سوٗ شأیری پہ زانو نہٕ یاپت وَتھ ہموار کرِنیچ کوشش کران
یوسہٕ سانیو صوٗفی شأیرو تخلیق کرٕمٕژ چھےٚ۔

کأشُر زبان بولن والین منز تہٕ چھِہ بیٚیٹھو لوٗکھ ڈھکی میتو ہمو اَکہ نتہٕ بیٚیہ
طریقہٕ زندگی ہُنُد یہِ رنگ بستہ بظاہر بنیہ یاپتہ پسند کوٗر۔ یِمَن واتناوِ ژرک تہٕ
اظہار کرنُک بل اوسُنہٕ، تِمَن مُتعلق کرِہ تہٕ اُسی کاشِہ نہٕ کتھ۔ رۄدی تِم یِمن تہٕ
طاقت اوس، تِمَن پیٚٹھ کتھ کرِنی چھےٚ اَدِ کینہہ تہٕ موزوٗن، تکیازِ اَسہِ نِش
چھےٚ تِہنزِ شأیری بیچھ منز تِمو ہُنٕز بہتر تہٕ اصل حِس اَسہِ تام واتناونچ
اَزہین کوشش کرٕمٕژ چھےٚ۔ کأشر زبأنی منز اَمہِ لو کنڈہ معکنڈہ کاروائیکو تہٕ اہم

ہمکال شاعر چھِ صمد میرٕ تہٕ احد زرگر۔

صمد میر چھُ پننہِ شاعری ہُند آغاز وٲژن ہیٚبتھ منز کران تہٕ پننہِ ابتدائی دورچ شاعری منز کیٚنہہ نعت تہٕ لیکھان، یِمن منز سُہ پننہِ پیٖرٕ ہُند تہٕ اعتقادُک ذِکر کران چھُ۔ یِتھے پٲٹھۍ چھُ احد زرگر تہٕ پننین کیٚنژن پدن تہٕ وٲژن ہیٚبژن منز ذیٚبس تہٕ نیٚتیس متعلق پننہِ پیٖرٕ ہُند اظہار کران، اَتھ شاعری منز یوسہٕ فرق نظر گژھان چھےٚ، سو چھےٚ یہِ زِ بیٚشنہِ صمد میرُن اسلوب وۅرُٹھ نیو رۅس ماکارہٕ تہٕ نوٗن تہٕ صاف باسان چھُ، تتہِ چھُ احد زرگرنِس اسلوبس منز ابہامُک رنگ محسوس کرنہٕ یوان۔ یہِ چھےٚ اَتھ سو وجہ یتھ موٗدٕ تہٕ کٔلی سایہِ میر ساو پرمیٖو بخشان آسن چونکہ یِمن دوشونٕی ہُنز پرٕتھ شاعری چھےٚ آخرس پیٹھ عقیدن تہٕ عقلہِ ہٕندین حدن اندرےٚ روزان، یُس چھُنہٕ اَتھ صوٗفی شاعری ہُند ناو دِنہٕ شوبان۔ سو شاعری تہٕ ییہٕ صوٗفی شاعری ہِندِس دٲیرس منز یتھ منز تم مختلف منزل ناوہٕ درائی یِمن ہُند ناو رِوایتی اندازس منز شارن ہِند ذریٚ ہیٚچھِ ییہٕ۔ یُزٕ چھُ تہٕ زِ ناون ہُند فہرستہٕ پیش کرُن گژھِ تہٕ شاعری بوٗدوٕ یہِ فہرستہٕ شارن منزٕ سےٚ پیش کرنہٕ آمُت آسہِ۔

نٮ۪بلہِ کٔس چیز چھُ سُہ یُس یِمن دۅن ہمکال شاعرن اہم صوٗفی شاعرن ہِندِس دٲیرس منز آنان چھُ تہٕ یٮ۪میٚک مطالعہ ساپنہِ آگہی تہٕ عقلہِ منز تہٕ پَن پننہِ مقدورٕ پٲٹھۍ ذرٕ کرِتھ ہیکہِ۔ یہے چھےٚ سو اہم کتھ یمیٚک وٕضاحت کرٕنۍ مےٚ ضروٗری باسان چھےٚ۔ پرٕتھ شاعری چھےٚ سانیو وادیو صوٗفی شاعرو کُرمژ تہٕ صمد میرن تہٕ احد زرگرن تہٕ چھُ اَتھ شاعری لول بوٗزمُت۔ مگر یِہندِ شاعری ہُند کیٚنہہ حِصہٕ چھُ تیٚتھ تہٕ یتھ رِوایتی جمالیاتیچ چھاپ چھےٚ تہٕ یوسہٕ عشقی شاعری ہِندِس دٲیرس منزٕ سےٚ شمار گژھِتھ سپدِ نٕہ۔ یتھ منز شادمٲنی ہُند اظہار امیٚسنز با

وۄدا کھَن ہُنٛد ہے۔ وِصٲلِچ کَتھ اُسن یا جُدٲیی ہُنٛد بیان تِمَے تڑاے چھےٚ چھیکرس تِتھ عشقی شاعری کُنےٚ گژھان۔ یوسہٕ کَم از کَم مِرزا کینٛہہ روایتی شاعری ہُنٛدۍ حِصہ روزان چھےٚ۔ یِتہٕ چھُ اَکھ بوڈ وجہ زِ عام لُکھ چھےٚ یہِ شاعری پسنٛد کران۔ اَکہِ طرفہٕ چھُ اَمیُک موضوع لول، بیٛیہِ طرفہٕ چھُ یہِ پابنٛد۔ روایتی طریقہٕ سازَس پیٹھ گَوَنہٕ وۄنۍ تہٕ یِنا طرحدار تہٕ تہَے دار تہٕ۔ مَنٛز مَنٛز چھِ اَتھ شاعری مَنٛز تِم شار تہٕ یوان یِم تمثیلی تہٕ علامتی اِظہار تہٕ لبان چھِ۔ بوزَن یا پَرَن والِس مَنٛز فِکرِ دِرِ سہ ہی دِوان چھِ تہٕ تَس پَنُن پننہٕ شعور تہٕ حِسا اَگہی موجوب اَکِس بَدَل ماحولس مَنٛز وانناوان چھِ۔ یہِ چھےٚ اَمہِ شاعری ہٕنٛز تِژھ خصوصیت یوسہٕ عام طور سماج واد شاعری مَنٛز نظرِ گژھان چھےٚ نہٕ۔ یہِ چھےٚ اِنسانہٕ سِنٛدِن تِمَن گُناہَو تہٕ خامیَن کاش تڑاوان یِم نَنہٕ گَژھِتھ مَنٛزے روزان۔ پیٚرۍ تُوکھ احد زرگرنۍ یِم شار مگر اَتھی پیٹھ مِس پوٚت منظرس مَنٛز ؎

| | |
|---|---|
| رَنگ بالی ڈولم تازہٕ گُلس | سۄے مےٚ دِلَس کان |
| سَنگ کالی ژولم رازہٕ بلس | سۄے مےٚ دِلَس کان |
| یِی مٔلی ہیٚرا اِیم جانہٕ ہولس | تی لھُو ٹیوم اَرزان |
| بیگانہٕ دَپان تونہٕ لولس | سۄے مےٚ دِلَس کان |
| نار چیٚر رٔنیہ چھم جِسم گُلس | دَم بَدَم تیٚز ان |
| یارہٕ چیٚر زالی نَم سوز مَلس | سۄے مےٚ دِلَس کان |

یِم چھِ اَکھ مقبول وژنکھ کینٛہہ شار بنٛد۔ یِمَن مَنٛز چھُ سُہ حُسن موجود یِم شارہٕ باپت ضروری چھِ مگر مانٛنے لحاظ چھِ یِم تصوفی شاعری مقابلہ عشقی شاعری زیادٕ نزدیک تہٕ وارِیاہ نزدیک۔ اَمی سِے شاعر سُنٛد بیا کھ وژُن یُتھی کُ وۄج ؎

وولہٕ کالی راوے کھیک اَرمان

چھُ لولہٕ شاعری ہُنٛد بیاکھ نوٚمونہٕ۔ اَتھ منٛز چھُنہٕ اَکھ تہٕ شہ شار یُس صوفیانہٕ فِکرِ ہٕنٛز نشاندہی کران آسہ ہے۔ اَمہِ قبیلکۍ تہٕ مزانٛہٕ کۍ چھےٚ بیٚیہ تہٕ واریاہ شار یِم مٲرۍ مُنٛدۍ چھےٚ، جذبل چھےٚ، سادہ وار چھےٚ مگر یِم موضوعس پیٚشن نظر چھےٚ کرِس لولہٕ شاعری ہُنٛد حصے مانٛنہٕ ییٚن۔

صمد میرنہٕ شاعری منٛز تہٕ چھےٚ یِتھۍ شار نظرِ گژھان۔ تِہٕنٛزِ وۍنہٕ یِم شار کنٛتھ حیساکھی تہٕ بالاخطرتی بیرس چھےٚ باوَتھ دِوان ؎

| | | |
|---|---|---|
| بلو اَمہِ چانہٕ مستس پیالو | وَلو لالو | وَلو لالو |
| ژھلہِ نوٚلہم بہٕ کٲشا ژالو | وَلو لالو | وَلو لالو |
| کسۍ گوہم متیو مُشتاق | حُسن بند میانہٕ کھوٚتہٕ چھا بیاکھ | |
| کُشنٛد کوٚر تھم پسند خالو | وَلو لالو | وَلو لالو |
| مےٚ نزٛدوم دوٚ یہ دُنیا دین | ژےٚ پت دٲیس متیو مسکین | |
| نہٕ چھُم زر سرنہٕ چھُم مالو | وَلو لالو | وَلو لالو |

یہ سورُے وَنُن ییٚمِسٕک اَکھ اَکھ مِصرِ فراقٕک دود لولہٕ منٛز ژھٕتھ چھُ ہیٚکہِ آسانی سان اَکہِ لولہٕ وٕرژنکہِ خُشی یتہٕ پیش کرنہٕ ییتھ۔ وو ذی اگر پُرُن دول اَمہِ کیٚن استعارن بدل مانہٕ دِتھ بدل کینٛہہ وَنہٕ اُسو ماکروس ھاک۔ تس تہٕ چھےٚ پنٕنۍ آزادی۔ مگر یُتھ مانہٕ ہیٚکہِ لولہٕ شاعرن ہٕنٛدین کیتین شارن تہٕ دِنہٕ ییتھ۔ لہذا پزِ اَسہِ یہ سورُے پزر نظرِ تل تھاوِتھ اَتھ شاعری ہیچھ نوٚ اَنداز سوچُن۔

صمد میرنہٕ شاعری منٛز چھےٚ تِتھۍ شار تہٕ یِم سیٚٹھا مٲرۍ مُنٛدۍ چھےٚ۔ یِمن شارن منٛز تہٕ چھُ اہم صمد میر نظرِ گژھان۔ یوٚتاہ یِم لولہٕ شاعری نِش دوٗر چھےٚ تمی اَنداز چھےٚ یِم صوفی شاعری نِش تہٕ دوٗر۔ یِمن منٛز چھُ شوٚیہ وُن طنز تہٕ تہٕ مزاح تہٕ، صوفی شاعری مقابلہٕ ہیٚکن یِم شار آشوب واد شاعری ہٕنٛدس دٲیرس منٛز۔

شمار سپدِتھ ۔

ماچھس تہٕ میٹھرٕ گو باو کُنۍ ۔ گرٕ چھِ کھیوان ماز

شیٖرٕن چھِ دِوان نگاہ کھیٚونۍ ۔ کاشنیہ ووٚنۍ نو

موٚہ لگہٕ ہیشِر تِس ٹھُلہٕ ۔ لوٚہ لارِ شیٖرِس واو

شالس شمشیر ہملہٕ ۔ کیٛا کلہٕ کر ٹھہراو

صمد میرنہٕ آشوب وادٕ نہٕ لولہٕ شاعری تہٕ احد زرگرنہٕ لولہٕ شاعری منٛز چھےٚ اکھ ٹاکارٕ فرق نظرِ گژھان ۔ یُتھٕ صمد میر عام تہٕ روزمرٕ دیہاتی تہٕ نیم شہری زندگی نِشہٕ پننہٕ ایمیجری ہٕنٛز مواد حاصل کران چھُ ، تِتھٕ چھُ احد زرگرنہٕ ایمیجری تِمہٕ نظارٕ نِش سوٚنبرِتھ انان ، یِمن عام طور درمیانہ طبقس منٛز روزن والین لوکن اَچھن تل آسان چھُ ۔ صمد میرنِ کینٛہہ شارِ پرِتھ چھُ اَسہ حضرت نورالدین نورانی سٕنٛدٚین کینٛہن شارن ہٕنٛز ایمیجری یاد پیوان ۔ حالانکہ میرنٕ کینٛہہ چھےٚ یِمن کاتھہ تہٕ مٔشرِ پانہٕ داغی ۔ یوٚہے حال چھُ کم یا جادٕ تِمن نعتن ہٕنٛد تہٕ ، یِمن منٛز یِم دوشوے پننہٕ عقیدتُک اظہار کران چھِ ۔

کنہہ چھےٚ اُتھی جایہ پیٚٹھ اَنٛد واتان ۔ بلکہ چھُ یِمن دوشوٚنی شاعرن ہٕنٛز شاعری ہُنٛد اکھ اہم حِصہ چھُ سُہ یُس صوٗفی شاعری ہٕنٛدِس دٲیرَس منٛز یِوان چھُ ۔ یہ چھُ یِہنٛزِ شاعری ہُنٛد سُہ حِصہ یُس نفس شناسی تہٕ بالا فطرتی اسرارن سیٚتھ توٗلُق تھاوان چھُ ۔ اُتھی جایہ چھےٚ حق شناسی ہٕنٛزِ بصیرژ ہٕنٛدۍ امکان روشن سپدان ۔ سوے بصیرت یُس یہٕ قطرَس منٛز سمنٛدرن ہُنٛد طلوطم نظرِ گژھِتھ ہیکہِ ۔ یُس یہ جُزَس منٛز کُل ژھارِتھ کُل تمیز کران چھےٚ ۔ یتھ جایہ واتِتھ اِنسان پننہٕ آغاز تہٕ اَنجامہٕ پیٚٹھ ؤرٕن تُلان چھُ ۔ یِمہ سیٚتھ مُلکن ہٕنٛدۍ حد ، لوکن ہٕنٛدۍ رنگ ، نسل ، خاندان پرٚیتھ چیز بیہہ بُنہ تھوٚتھ دِوان چھُ تہٕ انسان بحیثیتِ انسان روزان چھُ ۔ تہٕ سُہ تِمن سوالن برٚونٛہہ کُن انان

چھُ یِم موجوٗد زانٛنی ہیٚنٛدِ سرحدَو تہٕ گمانو پیٚٹھو وُڈو کران چھِ۔ یِم مسلہٕ چھِ رنٛگا رنٛگو تہٕ
یِمن اظہارٕچ وانٛگی تہٕ چھِ پنٛن پنٛنہِ مقدورٕ تہٕ حِساگِہی مٔحجوب پنٛنہِ شاعری منٛز رنٛگا
رنٛگو طرٖیقو جاے شیٖران۔ مگر یہِ چھُنہٕ اَزچ تہٕ چھِرا کاشُرِ زبانی ہنٛزِ آواز بلو کرٕ چھیٚ
یہِ سہٕٹھا بٔرونٛٹھ پیٚٹھہٕ لکھنہٕ یِمہٕ ہُتہٕ اَمکو مختلف رنٛگ چھ باقے زبانن منٛز تہٕ تِتھے
پأٹھو وجوٗد لبان رٔوزی میٚتو یِتھٕ پأٹھو باقے انسانی جذبو یِمن منٛز پننہٕ جاے رٕٹمٕژ چھیٚ۔

یوٚتام صمد میر سٕنٛز تہٕ احد زرگر سٕنٛز پٔرٛژھ شاعری مۆنٛد نولٕ چھُ تتھ منٛز چھِ
نِم اسلوٗبہٕ رنٛگ یِم تِمن بٔرٛوٗنٛٹھ تہٕ ہیٚش کرنہٕ آمتو چھِ مگر بُڈ کیٚتھ چھیٚ یہِ زِ یِمن
ہنٛدِ اسلوٗبہٕ رنٛگٕچ شیڈ چھیٚ یِمن پننہِ۔ یِیلہٕ صمد میر پٔرٛژھ شاعری دِس تُلان
چھُ اَسہِ چھِ محسوٗس کران زِ یہِ چھُ زٕڈٕ تشبیہہ، تِتھو استعارٕ تہٕ اظہار
دوٗنان، یِم نٔنِسٕ رٕٹِتھو شٔنٛزِ شاعری ہنٛدِ پأٹھو عام زندگی منٛز کڈٕنہٕ آمتو آسان
چھِ۔ اَمیُک نتیجہ چھُ یہِ نیران زِ یہِ زبان چھیٚ سانہِ اظہارٕک داماہ کُشادٕ کران۔
بوٚہَے حال چھُ بٔدل طرٖیقہٕ احد زرگر سٕنٛز پٔرٛژھ شاعری مۆنٛد تہٕ۔ اَمیُک مطلب چھُنہٕ
یہِ زِ یِم دوشوٕے شاعر چھِ اَکُے بیٚے اسلوٗبس نٔرٕ آلہٕ وان۔ تہٕ یِمن منٛز چھُنہٕ کانٛہہ
تہٕ بیٚنِس کیٚتھ چھیٚ بٔدل یِمن دوشوٕنی چھُ پن پنُن اسلوٗب۔ یِمن ہنٛزِ حِساگِہی
چھیٚ مختلف۔ یِتھ ورتاو یِم تجربن دوان چھِ سُہ چھُ مختلف۔ یہِ پزر مزید وٕژھناوِنہٕ
باپت دِمہ بہٕ یِمن دوٗن شاعرن ہنٛزِ شاعری منٛز نموٗنہٕ باپت یِم شار بنٛد۔ صمد
میر چھُ اَکھ شار یِتھٕ پأٹھی پیش کران ؎

پرن پرواز کران شہباز — غذا تِمی سُشُند چھُ آدمو ماز
سُہ بے نأظیر بہٕ چھُس ممتاز — غذا تِمو سُشُند چھُ آدمو ماز

دوشونی پیرکونون احد زرگرُن یہِ شارٕ بنٛد ؎

بے جسم وجان جانان ورہ — دوٗن پرن ییٚتھٕ یتھٕ کُل دُنیا

تا زمین و آسمان قد داوار — پال دین کُفرس روز تن دار

تمہٕ شُند روزی چھُ در دستِ من — لجم مُردم چھُس شب و روز کھین

بولہِ چھُس سامیہ بڈٕ قابلِ کار — پال دین کُفرس روز تن دار

صمد میر چھُ پننِس بیتھ شارٕ بندس منٛز گوسائنس پیش کران۔ تہٕ کرٕ

پیش کرنکس اسلوبس پیٹھ ہٕنا غور۔

آو گوسائنیا بوز میہ غلغل نار منقل ہیتھ پھرے

جامہ زُنگتِ خاک دٕہان ملہٕ ژام گنگہ بل ونگہ برے

دوشُن دُچھِو نو احد زرگرنہ اسلوبہ چھُ گوسائنس پیش کران ؎

ژھبیہ بیوٚٹھ گوسأنی ہتھیہ رٔٹِنہ داو

ژھوپہ میوٚٹھ کرِتھ کستِس سٕنیاو

سپہ روٚٹھ مأیِل گو سوٚنٛس

ہیے وبتِھ تہٕ ونتھ باوہٕ لس

یمن سارنے نوٚمونہٕ شارن منٛز چھُ اظہارک حُسن کرشِکہ یاد کران۔

مگر بیٚتہٕ صمد میر سٕنین شارن ہٕنٛد بالا فطرتی مزاز اظہار کس ساچس منٛز أمتھ

فطرتی خط وخال ہِی لبان چھُ، تہٕ چھِ احد زرگرنی شار نشتھ ہوا انوا یادٕ کران

یُس بالا فطرت تہٕ پُر اسرار باسان چھُ۔ اَتھ سِتۍ سِتۍ چھُ بیتہٕ محسوس سپدان ز صمد

میرنہِ زبأنی مقابلہ چھےٚ احد زرگرنی زبان زیادٕ پیچ تہٕ نوزُک تہٕ سأئنس تصوٗرس

منٛز تلوطمُ ہیوٚ یادٕ کران۔ دوشونی شأعرن ہٕنٛدس بیم تہٕ بیٚتھی ہی درجن داد

شار چھِ نم یمن منٛز یہنٛزِ زندگی متعلق تصوٗرٕچ نشاندہی سپدان۔ علاوٕ یمن ہٕنٛدِ

تصوٗرنٛج خاصیت سطحس پیٹھ یوان چھےٚ، تہٕ یمن ہٕنٛد اہم شأعر نظر گژھان

چھُ۔ اَتھ قبیلس سِتۍ تولُق تھاوَن وألی یمن دوشونی شأعرن ہٕنٛدی کینہہ شار

کرٕکھ بہٕ بوٚنہٕ کِنہٕ پیش، تاکہِ سو کتھ سپدِ مزید صاف۔ ییٚتہِ تذکرِ مِٹھے صوفی شاعری ہِندِس مزازس خط و خال دِنہٕ باپت وُنیُک تام ییٚتھ مضمونس منٛز مختلف جاین کورٕ۔ گوڈٕ وُچھتو صمد میرنی یم شارٕ

علِم گو علم لُدنی ژٕلِم شک آم یدٕ نی

مےٚ نو کورٕ کانٛسہِ نِش نوش کورٕس آرسنہٕ یارٕی (صمد میر)

گوش بَن ہٕتاو ظوٗن نوش کروٗ گمَن

ہوش ہٕتاو کمَن سیتو چھےٚ دِیان

نوش یارٕ جوشس ہا چھمنہٕ ہمَن

ہوش ہٕتاو کمَن سیتو چھےٚ دِیان

چھُکھےٚ شبر کَرِد کعبس پھیر ترٛوٚپرٕ بَرٕ دَرٕ نبرٕ مو نیر

چھُ لِلہِ وُن ہُکٕ زٕلہِ وُن نار چھُکھےٚ بیدار چھُکھے بیدار

مرزندٕ سترٕ کرٕ ہا تےٚ ہوٗ پَرٕ اوم سوٗ پَرٕ اوم سوٗ

لاکر بیٚنٕہ دوٗن کیا تام چھُوٗ پَرٕ اوم سوٗ پَرٕ اوم سوٗ

زٕلِہ بس زٕکھ دِہے شک تےٚ شُبہٕ رام تےٚ رحیم تس یکسان چھُ

گٕلِہ تس منٛنہٕ دِہے بَنہِ سادٕو پَرٕ اوم سوٗ پَرٕ اوم سوٗ

کنہٕ کتھ بوزُم منہٕ لا نووُم وَنہٕ کس روٗوُم دوہ تےٚ راتھ

ستھ بر ترٛوٚپرِتھ بیٚتھ پیٚتھ ہٕتووُم وَنہٕ کس روٗوُم دوہ تےٚ راتھ

کتھ کنہٕ آیہِ تےٚ وتھ کُسو زانے اَتھ وَنتہٕ مانےٚ کیٛشا

نتھ شاہٕ وانِتھ پیوم ترٛکانے اَتھ وَنتہٕ مانےٚ کیٛشا

ہیتھ ساس شُنزرٕ رٕتھ تامیرکو رُم کیا سوٗدرٕ چھِ بیرِ پیٚٹھ حبا

ستھ بور جاے یچھم زٕہے دارِ پرانے اَتھ وَنتہٕ مانےٚ کیٛشا

مٔے وَحدتہٕ پٲدٕ گے پژ بہٕ أنٛدرٕ‌ے ڈراسس نبر
ڈٲسِتھ ییم جِسس تہٕ حرکت اگر بوزکھ یہٕ چھےٚ کتھ
دِنمُ ووٚن حاٮ۪تس پوین بہٕ ماسنہٕ نیتھ نوٚن گوس
سو ما گژھہٕ بیاکھ حکمت اگر بوزکھ یہٕ چھے کتھ
کتہٕ آو آدم بوز فتنو ادِیت شہ ملکو فرار
بہٕ ہا گوس شہ ہا اوس تتہٕ زینے حال ونکیا
دوٚنی یٔزری نوکھ احد زرگرٕ نی یم شارتہٕ۔

ظعوہٕ سیٖنتو میلہٕ ووٚن ژوٚن دربارن   وٲقف کارن تمیہ چھی زان
ظعوہٕ سیٖنتو اوٚن لگیٚ سیٖنتو گاشدارن   وٲقف کارن تمیہ چھی زان
گنج مخفی اوس ژھایہ اسرارن   ظعوہٕ سیٖنتو نوٚن ڈراو ژھالہٕ مارن
شتن طرفن اِحاطِ کوٚر انوارن   وٲقف کارن تمیہ چھی زان
آکھ ظعوہٕ سیٖنتو نش دوٚن کاردارن   ڈراکھ بولداہٕ مٔنز تن ناوان
پاک کٔرس آب کرِ ژٕہن موٚردارن   وٲقف کارن تمیہ چھی زان

●

نِبٕہرٕ زالان سو ژندراہ ژوٚن بوٚونن   أنٛدرٕ کھاران یٚنٛدرس منٛنہٕ ساٮ۪سو پن
نِبٕہرٕ نالان کیا چھکہ گیٚس گیٚس زن   أنٛدرٕ کھاران یٚنٛدرس ستہٕ ساٮ۪سو پن
گُلِ بُتراتھ بیٚلہٕ پھوٚل از ظُلمات   ظُل ظُلماتہٕ نِش گوٚ پٲدٕ پژیات
کُل کاینات تجلاو اُمی جلوٚن   أنٛدرٕ کھاران یٚنٛدرس ستہٕ ساٮ۪سو پن
ویرِ ڈُنگل زیرِ زُل روز کیتھہ کال   پھیرِ واپس نیرِ میتھ پوشیدٕ حال
شیرِ آسیس تلپا تا ژک سوٚن   أنٛدرٕ کھاران یٚنٛدرس ستہٕ ساٮ۪سو پن

●

چھَم پَتہٕ جامَن نتنہٕ یَلے　　وَنتہٕ بہٕ لَیہٕ کیٛتھ
بٔرِم دِتھ ھُوٚد نَم وٗلِے　　وَنتہٕ بہٕ لَیہٕ کیٛتھ
دَپہٕ سے بٔروٗ نہٕ بادٕ اوسُس بوٚنے　　اَکِہ نوٚ کتےٚ گرٛٹھ بیدار
پَتہٕ سپے منٛز سَن یوٗد ویوٗد چھے لَے　　اَکِہ نوٚ کتےٚ گرٛٹھ بیدار
بوٚنے چھُس عالِم اسبابے　　بوٚنے چھُس چارٕ ساز کارسالار
بوٚنے چھُس نایل بوٚنے چھُس نے　　اَکِہ نوٚ کتےٚ گرٛٹھ بیدار

•

گوڈٕ آو شیطان اَدٕ آو شوٚ　　راز دان دٔوکَن ناز پرتوٚ
شاذ کانٛہہ رازَس محرم گوٚ　　راز دان روکَن ناز پرتوٚ
سَتہ چھِی ٹھوکرُ اَتھ بُت خانَس　　سَتہ سادُ چھِکھ پُزاکران
سَتہ پاش ترٛوٚ پرِتھ پانَس پانَس　　جان رازدانَس سیوا کار

•

نہ چھُس باہوش نہ چھُس بےہوش　　نہ چھُس کوٚل زوٚر نہ چھُس باگوش
نہ چھُس خاموش نہ چھُسَم زبان　　بہٕ کتہٕ بسکپن سے کتہٕ ٹھبکان

(اَحد زرگر)

مِثالہٕ ہیکَن وارِیاہ پیش سپدِتھ مگر وأتو تٔمہٕ مرکزس پیٹھ یُس ترُون منٛے بٔرو نہٕ تہٕ اِشارٕ کوٚر۔ یُہے چھُے سو شاعری یوسہٕ پٔمن ہُند بہترٕ اَسہٕ تام واتناوان چھے تہٕ یمہِ کینٛہہ اَسہٕ یِم صوفی شاعرن ہٕندِس صفَس منٛز شامِل کران چھِکھ۔ زبان استعارہ تہٕ اظہار ساأدرو ارتہٕ مانے دار۔ عجیب کیفیتن ہُنٛد عالَم۔ مانے کرِو کھ تہٕ اَزل تہٕ اَبدس لگِہ ژھأر، شبیہن ہُنٛد نظارٕ کرِو تہٕ اچھن بَیِیہ شعلِتھ، گنگرا ودکھ تہٕ کَن مُدرن فِکرِ نٔرِتھ۔

یِمَن دوٚشوٕنی شاعرَن ہُنٛد بیاکھ کارنامہ چھُ اکہٕ نندُن داستان، یِتھ یِمَو باقے کینٛژن شاعرَن ہِنٛدِ پٲٹھۍ نَفظَن ہُنٛد جامہ وۄلمُت چھُ۔ داستان چھےٚ یِتھہٕ پٲٹھۍ زِ اَکِس راجہ گرِس منٛز چھےٚ بٲژن دۄن سَتھہ کوٗرِ زیوان، ییٚچھوٕ ژُنٛد چھُکھ کٲفی نمناگتان۔ اَکہ دۄہہ چھُ تِمَن تِش اَکھ گوسٲنی واتان۔ یِمو چھُ ییٚچھوٕ یِنہٕ باپت سٲری تیٚنر خٲلی گرٕ میٚتو آسان، لہٰذا چھِ یِم اَمِس گوسٲنِس عاجزی سان پننہٕ داستان وَنان۔ گوسٲنی چھُ یِمَن پیچھٕ رحم کھیوان تہٕ یِمَن ییٚچھوٕ بنیٚچ بشارتھ دِوان۔ مگر عِوَضی چھُکھ یِنہٕ وَنان زِ تِمَن آسہ یَہہ وُری آدا سپدِ نَس پیٚچھ یہ ییٚچھوٕ گوسٲنِس حوالہٕ کرُن۔ کٲفی پریشٲنی پتہٕ چھُ شرط منظوٗر کرنہٕ یِوان۔ اکہٕ نندُن چھُ زیوان تہٕ یَہہ وُہُر سپدان۔ برابر وَقتَس پیٚچھ چھُ گوسٲنی حاضِر سپدان تہٕ وادٕ مُوجوٗب اکہٕ نندُن پیش کرنہٕ باپت وَنان۔ شادی چھےٚ ماتمَس منٛز تبدیل سپدان۔ اکہٕ نندُن چھُ گوسٲنِس حوالہٕ کرنہٕ یِوان سُہ چھُ تَس کھٔش کران، بکران تہٕ دیگہِ منٛز رَنان۔ سٲری چھِ مٲیوٗس سپدان، وَدان رِوان تہٕ پان ماران۔ گوسٲنِس چھُ یِمَن ہِنٛدِس اَتھ حالَس پیٚچھ رحم یِوان۔ دِیان چھُک گٔژھو اکہٕ نندَس دِیو آلو۔ آلو چھُ دِنہٕ یِوان تہٕ اکہٕ نندُن چھُ یِنیٚر کینٛژو آلوٕک جواب دِوان تہٕ زِنٛدٕ نۄمودار سپدان۔ یِتھہٕ پٲٹھۍ چھُ تیٚمبر پھٲٹِو ون دۄل عظیم غم عظیم ترشادی منٛز تبدیل سپدان تہٕ گوسٲنی چھُ اَتھی منٛز غاب گژھان۔

داستانُک یہ مرکزی خیال چھُ کینٛژو شاعرو مختلف طریقو پیش کوٚرمُت۔ یِمَن منٛز چھُ صمد میر تہٕ احد زرگر تہٕ شامِل۔ یِمنہٕ تعقیب کرن والہٕ کہانی عنصر علاوٕ یِتھہٕ پریٚتھہ کانٛہہ مزہ معاش بَران چھُ چھِ اَتھ منٛز کردار علامتَن ہٕنٛز جاے رٹان تہٕ یِتھہٕ پٲٹھۍ اَمہ کِس مانے بیٚن مزید کھجر بجر دِوان۔ صمد میرُن داستان چھُ احد زرگرنی داستانَس مقابلہ ہنا لوکُٹ تہٕ احد زرگرس مقابلہ چھُ صمد میر اَتھ قدیم داستانَس

اسلامی تصوفک رنگ کھاریتھ مخصوص مانے ییٚن ہیٚنٛدِس دائرس منٛز وَنان۔ وُچھو
شہ کیٛا چھُ وَنان ــ

بصورتِ محمد بصورتِ دَے — دٕلو سٕنٛز یا سیہ خاصہ جاے وۄتھرے
مونےٚ مٮ۪تے سورُے چھُ چونُے پےٚ — دٕلو سٕنٛز یا سیہ خاصہ جاے وۄتھرے

پیٚھنٛے پانٛژھو چھ شہ پانٛژو تمہیدی شارو پتہٕ داستانک دِس حمدٕ تہٕ نعتہٕ
سیتو ٹلان۔ احد زرگر چھُ پتہٕ داستان رِوایتی ڈٔسلابو وَرائے شروٗع کران۔ حمد
پرنسِ داستانس مقابلہ چھُ احد زرگرُن داستان فنی حُسنس تہٕ انسانی فہمکاری
پیشِ نظر زیادٕ جاندار متاثر کرن وول تہٕ منطق پسند باسان۔ پننہٕ اکہٕ نندُن
کتابہ منٛز چھُ غلام نبی خیال وَنان زِ رمضان بٹُن اکہٕ نندُن چھُ باقے تمام اکہٕ
نندن ہیٚچھو دِرامت۔ میانی کنی چھنے امہ بیانہٕ سیتو احد زرگرس سیٚتو واریاہ زیادتی
سپدان۔ حقیقت چھےٚ یہ زِ احد زرگرُن اکہٕ نندُن چھُ اظہار بیانس، نفسیاتک لحاظ
پٲٹھراوتس، لفظ زٲرتہٕ اسلوبس پیشِ نظر چھاپ سپدٕ ہیتین تمام اکہٕ نندن
منٛز جماتٕ خُشنویت لٔبھاوان تہٕ سرس۔ اتھ اکھ ماکار مِثال چھےٚ شہ گفتگو یُس گوسانی تہٕ
ہٕٹنٛگو پانہٕ وانٛی کران چھِ۔ اکھ حقیقت یتھ ماحول چھُ پیادٕ سپدان ییٚس نفسیاتی
اصولن پیشِ نظر مناسب بنان چھُ۔ امیک اکھ اکھ مِصرٕ چھُ پننہٕ موقعُ ہلیتک
تہٕ اہمیتک برپوٗر باسس دِوان۔ یہ چھےٚ اکھ سوہا اہم کتھ تہٕ یمیچ موجودگی انسانس
متعلق احد زرگرتہٕ بہتر فہمکاری ہُنٛد نیب دِوان چھےٚ۔ گسُایس باقے اکہٕ نندن منٛز
نظر گژھان چھُھنہٕ بٔتلن گوسانی شُند تذکرٕ چھُ سارٕ وے اکہٕ نندن لیکھن والیو کوٚرمُت۔
مگر احد زرگر چھُ واحد شاعیر یَمہِ اَمہ گوسانی ہِووُمت چھُ۔ شہ چھُ آنگنس منٛز اَتان۔
مگر تس وُچھت چھُ بنہٕ کوٚر اَسٕن پیوان۔ اَتھ اَسنس پتھ چھےٚ کہانی منٛز موقوال جوازیت
بکیاز واریاہ متوہل کرتہٕ پتہٕ تہٕ چھُھنہٕ اَتھ گرس تیٚچھو زینک اَرمان پوٗر سپدمُت آسان

ووں ییٚلہٕ بٹنہٕ اَمِس پیٹھ نظر پیوان چھےٚ پانہٕ تہٕ چھےٚ بوٗن وَسان تہٕ خاندارس تہٕ چھِھ۔ بوٗن وَسنہٕ باپَت وَنان۔ تَس چھُ باسان زِ اَمہِ سٟتۍ گوٚ سائنس نِشہِ ہیکہِ دٲرِ ہُنٛد درمان سپدِتھ۔ ژھیو سوٚ کمہِ انداز چھےٚ گوٚ سائنس مخاطب سپدان تہٕ کم لفظ چھےٚ سوٚ استعمال کران۔

آکھہٕ ہے آکھو کمہِ کمانو — ژاکھےٚ کتہِ چھےٚ دِل لوٚبان
گرا کھتے سانے کاس دٕرمانو — جوٚگی مستانو وَندیو حبان
ژھوٚٹہٕ کشکول ہیتھ چھُکھ پھیرانو — لوٗٹہٕ چھےٚ دردس مَس پریشان
گوٚٹہٕ دار کھٕراوٕ چھُکھ ہٕٹس ٹھرانو — جوٚگی مستانو وَندیو حبان
شاہ تہٕ گدا شرٛوٚپی درخاکدانو — نیک و بد آخر زِندٕ رٕزان
کیا سوٗن انصاف چھےٚ نہٕ اکھ دانو — جوٚگی مستانو وَندیو حبان

پٟرزی پاٹھٕ چھےٚ یہِ اَکِس عاقل زنانہٕ ہٕنٛز آواز۔ یہِ چھَس موقس پیٹھ کیا ہیکہِ سوٚ بٹہٕ وُنِتھ۔ جوٚگی گُنٛد سراپا یِمہِ اختصار سان حرف ترین مِصرن منز پیش کرنہٕ آمُت چھُ سُہ تہٕ چھُ بے حد تاثیرِ لایق۔ یم شارِ پٟرِتھ چھُ اِنسان یِتھ کتھہِ پیٹھ واتان زِ احد زرگرنی کردار نگاری چھےٚ سانِن تاریخن منز حقدار۔ سُہ چھُ پُرٕ پاٹھی زنانن ہِنٛدِ اَکِس کردار ہِنٛدِ سراپا کیتھہٕ پاٹھی ہیکہِ کم کھو تہٕ کم لفظن منز وفاداری سان تہٕ حقیقت پسند طریقس پیٹھ پیش کرنہٕ یِتھ۔

ییٚلہٕ گوٚ سائنسی خاراتھ ژھنگان چھُ تہٕ یہِ خاراتھ تَس دِنہٕ یِوان چھُ سُہ چھُ اَتھ جولہِ منز رٕٹان، مگر تِمن حالتَن منز زِ بٹنہٕ پیٹھ چھُ اَمہِ سٟتۍ بے پناہ اثر سپدان۔ نفسیاتی طور چھےٚ جوٚگی سُند یہِ حقس منز اَکہِ شٟینہ تھوٚو سیکھو پاٹھی دِیتھ وَسان۔

جولہِ منز جوٗگی روٗٹ بولہِ کرانو | ہولہِ ہولہِ او سۄ نشہِ ماران
بولہِ دِل کینہہ چھا ژھایہِ روزانو | جوٗگی مستانو وندیو جان

تہٕ بٹنہِ ہُندہ یہ وَنُن چھُ کَو سأنی پشہِ ہولہِ ہولہِ خندہٕ مارنُک منطقی نتیجہ۔

بٹنے دوٚ پننس سانہِ جوانو | یأنی پانس سیتۍ کیا چھکھ وَنان
اَسہِ سیتۍ کونہٕ چھکھ بات کرانو | جوٗگی مستانو وندیو جان
وٕٹنے چونے کتہِ آسانو | کیتھنے کینژن بن مہربان
اَتھ نے ما چھکھ فال وُچھانو | جوٗگی مستانو وندیو جان

یِمن سارنے شارن منز چھُ اَکھ خوٗبصوٗرت تہٕ بہِن دوٚل تسلسل نظر گژھان تہٕ داستان گوئی منز چھےٚ اَتھ زبردست اہمیت۔ یتھی ہی کینہہ چیز نظر تل اَنتھ وَنیا وسۍ زاہد زرگر چھُ یِمن اہم زاوی جارن پیشِ نظر کینژن جاین صمد میرس برونٹھ گژھان تہٕ تِمن شاعرن برونٹھ نیران' یِموٚ اَتھ دٲمس نام اَکہِ نٔون لیکھمُت چھُ۔

زندگی ہُند نوٚو سفر شروع سپدیتھ۔ نفس کُشی وٲنی نوس یا حیوأنی جبلتن خلاف اعلان جنگ۔ دوہ نی اگر اَسی سوچہِ تہٕ فکرِ ہِندِ پوٚنُو سیتۍ انسأنی توارِخس چھینہِ بیہو اَسی لیکو زِ انسأنی تہذیب چھُ نتیجہ تمہ جنگُک یمہِ تِیک اعلان عقلہِ جبلتن خلاف کوٚرمُت چھُ۔ یہ جنگ چھُ اَکہِ نتہِ بییہ طریقہٕ اَز تہٕ انفرأدی تہٕ اجتمأعی دوشونی محاذن پیٹھ جأری۔ یہ روزِ ییتہِ پور تہٕ جأری۔

بہٕ چھُس یہٕ مضموٗن اَند واتناونہٕ برونٹھ یہ وَنُن تہِ ضروٗری زانان زِ یِم بے مِثال اِنکشاف خاص کر جدید سائنس تہٕ نفسیات ییتھ صدی منز کران روٗدی تِم چھِہ داریاہن پرانین کھریکٲمتین تیقہٕ اصولن آب ژانان۔ انسانہٕ سُند مذہب پسند فلسفیانہ بالا فطرت تصوٗر تہٕ چھُ اَمہِ سیتۍ متأثر سپدان۔ پیٹھ ییتھ

موتی لال ساقی

# احد زرگر شاعری ہنٛدِس آئینس منٛز

۲۱ نومبر ۱۹۸۳ء گوٚو شمع ژھیٚنہٕ بُس احد زرگرناوٕ پٔتھ میٚن ژنتجھین وٕریٚن پھیرہ پھیرہ لوٗکن فکرِ تہٕ ذکرِ ہیٚتھ نیہ آلو دِوان روٗد۔ محفلو تہٕ ہنگامو نِشہ دوٗر روزن وول یہ مردِ قلندر اوس اَکہ الگ دُنی ییٚہک بسکین تہٕ اَتھ دُنی ہٕنٛدِس کوٗنٛدٕ تہٕ ٹھیٚکیٚتھ راج تاج۔

مےٚ چھُنہٕ احد زرگر کُنہِ عام مجلِسہ مُشاعرس یا دوٚیمہ کُنہ تقریبہ منٛز وُچھمُت مگر اَمیُک چھُنہٕ ہرگز تہٕ یہ مطلب زِ تس کیاہ اُس تہٕ انسانن سیٛتھ خوٚے۔ بُہ اوس یُس پزِ کینہہ محفل آرا، مگر تمہِ محفلہ آسہ بدل رنٛگہٕ آسان، یِتھی محفلن منٛز اوس سُہ پانے شمع آسان تہٕ پروانہٕ اَمِس اَنٛدی اَنٛدی گٔنٛدتھ دِوان۔

احد زرگرنہِ مَرنہٕ گٔیہ اَکھ باونغار آواز خاموش، اَکھ سُہ آواز یَتھ وزن تہٕ اعتبار اوس۔ یہ وَنُن تہٕ زِ احد زرگرس سیٛتی کیاہ لوٚگ صوفی شاعری کِس تیٖرس منٛز اَنٛد۔ کانٛہہ تحریک چھُنہٕ مَران۔ وَنہٕ گٔژھتھ چھِ یتھ پیوان یا ژھیٚنہٕ گژھان، مگر کاروان چھُ پٔرہ نہٕ پکان، مگر اَکھ کتھ وَنہٕ ضروٗر کاشُر زبانی روو اَکھ رنٛگدار شاعر تہٕ صوفی تجربن باوٕژ بخشن وول فنکار گوو اَمہ نِشہ جُدا۔

مےٚ چھُ یاد زِ ۲۹ مئی ۱۹۸۱ء کوٚر کلچرل اکادمی زرگر صٲبس سیٛتی تہٕ ہنٛد گرٕ نزدیٖک اَکھ خاص مجلِسہ ہُنٛد اہتمام۔ اَتھ مجلِسہ منٛز یِمو لوکو شرکتھ کٔر تِمن منٛز اوس

دیناناتھ نادم، غلام رسول نازکی، غلام نبی فراق، محمد یوسف ٹینگ، سراج الدین ظریف احمد، بشیر اختر تہٕ شامل۔ میٚنہٕ تہٕ اوٚ اَتھ مجلسہِ منٛز شامل سپدنُک موقع۔ مجلسہِ منٛز وَنہِ زرگر صابن ذاتی زندگی تہٕ رۄحانی سفرس مُتلق وارِیاہ کتھہ یِمن پٔنٛنۍ اہمیتھ چھےٚ۔

زرگر صابن وۄن زِ بہٕ چھس دُستھتھ[۲] وُہرا ماپۆز زینہٕ وٕری یا دۄہ بینیر چھُمنہٕ یاد۔ اَمہِ حسابہٕ گوٚ سہ یوٚہے دۄہٕ ہٮ۪تہٕ وُہرِ ہیوٚہ بیٚیمہِ عالمہٕ تہٕ ژُشند زاسِنہٕ چھُ ۱۹۰۹ سنہٕ ہیوٚہ یوان۔ کامل صابن چھُ ژُشند زاسِنہٕ سنہ ۱۹۱۶-۱۷ء دُیتمُت[۱] تہٕ میٚنہٕ چھُم پانہٕ اُمو ژُشند زابسِنہٕ سنہ ۱۹۰۵-۰۶ء دَرِج کوٚرمُت[۲]۔ ہیانہٕ انداز اوس اَمہِ ساتہٕ احد زرگر قریبن شیٚتھ اَکشیٚتھ ہیوٚہ۔

احد زرگر اوس بذاتی پشمینہٕ کارٕ بار کران تہٕ مول غلام محی الدین اوس پشمینہ وۄدُر۔ پشمینہٕ کارٕ بار پانہٕ نووُ اَہند پوٚشرُوتہٕ۔

تٲلیمہِ لحاظ اوس سُہ تیٚتھُے خانٛدٕ بیٚتھ ہِنٛز کلامہِ اَنکہٕ ونی لیکھان اوس مگر پیٚتھ میوٚ دٕہوپَشند ہُو وٕری یِو بیٚہِتھ اوس خاموش۔

احد زرگرن کرٕ کم کامہِ پنٛژہن وٕرین شاعری۔ گوڈنیتھ سپُد اُمو ژُشند کلامہٕ غزلیات "احد زرگر" ناوِ شرٕہن جِلدن ہِنٛزن اَردہن بیاضَن منٛز چھاپ تہٕ پتہٕ "کلیات احد زرگر" ناوِ اَکی سے سو مبرنہٕ منٛز، اَتھ کلیاتس منٛز چھِ کُلس ہیٚتھ ۲۱۳ باتھ شامل، یِمن منٛز نعت، منقبت، وٕژن، غزل تہٕ بیٚہ شامل چھِ۔ اَمہِ ہرٕ بمانہٕ چھُ زرگر صابن "اَکہٕ نٔندُن" تہٕ وۄنمُت تہٕ "گُل تہٕ صنوبر" قصہٕ تہٕ منظوم کوٚرمُت۔

احد زرگرنی اکثر نعت چھِ گرٹھکہٕ (Form) اعتبارٕ بدٕ تہٕ وژنکس [illegible]

---

۱۔ صوفی شاعری، جلد ۳، صفحہ ۳، ۲۔ گاشِرِ صفحہ ۱۰۰

دٲپرِتھ منٛز پیوان ۔ داریاہن باتن چھُ رۆژ باتن تہٕ لولہٕ ہٕرِ ہنٛدِ منٛز ہیو آہنگ یِم تمام گرٛکھ چھےٚ کٲشرِ لکہٕ شاعری ہنٛدی گرٛکھ تہٕ۔ سنگیٖتکو رٕسن چھُ یمن گرٛکھن قبوٗلِ عام عطا کوٚرمُت۔ یوٚتام زن شعر دِ غزلکُ تولُک چھُ، زرگر صابنِس کلامس منٛز چھُ اَمیُک تیداد بوٚزی بھتے۔ مگر یہٕ کینٛژھا تمی لیوکھمُت چھُ تمہ منٛز چھُ تیتھ داریاہ کینٛہہ یُس پرَن وٲلِس تہٕ بوزَن وٲلِس سوچناوان چھُ، اَمہ سٟتۍ کلامہٕ چھینہٕ وٕہراتھ رۆد بیٚس تام سہ راہہٕ بیٚیٚٹھ بیٚیٚٹھی ژلان چھُ۔ نوکتن تہٕ رمزن ہٕنٛز یہٕ شاعری چھےٚ ژھتھ دِتھ تہٕ انسانس ژھتھ دِیاوان۔ میانہن نظرن منٛز چھےٚ یہٕ جان شاعری ہٕنٛز پہچان۔

کتھ باتھ دوران دِتی زرگر صابن داریاہن سوالن اَمان اَسان جواب تہٕ داریاہن کتھن ذرا یہٕ پھٹ۔ تہنٛدِ وَننہٕ موجوٗب اوس تمو کبیر لوٗنس نِش گوڈنیتھ بیٚتھ ژاٹھ۔ داریاہن کتھن منٛز اکھ مولوی احمد صابس نِش زان حاصل کٔرمٕژ۔

تمو کوٚر یہٕ کتھ تسلیم زِ ژہتھ صوٗفی ہیٚکہٕ تہٕ شاعر اٟسِتھ، تہٕ کیازِ شاعر بننہٕ باپتھ چھُ بیٚیمہٕ تہٕ کینٛہہ آسُن ضروری۔

عام صوٗفی اصطلاح "کینٛہہ نہٕ" ویژھناوان وۄن تمو زِ "کینٛہہ نہٕ" چھُ تہٕ یتھ کانٛسی اوٚنت ووٚنت آو نہٕ۔ دوٚیمِس اَکِس سوالس جواب دِوان ووٚن تمو زِ روٗحانی سفرُک انجام چھُ حاصل۔ شاعرِ بٕکھنس مُتعلق ووٚنُن زِ یہٕ کینٛژھا میٚٹ ووٗنہٕ وُزان چھُ، تی چھُس کاکدس کھاران تہٕ شاعرن ہٕنٛدِس منٛز چھینہٕ میانہٕ براہ رٲس دخل آسان۔

زرگر صابن کوٚر یہٕ ونتھ یتھ کتھِ ڈاکھ زِ شاعری چھینہٕ ہنر یا کسب بلکہ چھُ یہٕ دَیہ دیت۔ مجازس دَکھنے کران ووٚن تمو زِ مجازی شاعر ہٕنٛز عمل چھےٚ تس شخصہٕ سٕنٛز ہش یُس اَکِس ماری منٛز مندورِ زیٚیٚرِ بیٚیٚرِ گژھتھ آسہٕ دِوان مگر یہٕ آسِس نہٕ پے زِ مندورِ اندر کیاہ چھُ، تس چھینہٕ اندراتس جُرژھتہٕ گژھان تہٕ کیازِ اندیشہٕ چھُس آسان زِ ژوٚر ژٔرتھ

مالکیم۔ دوٚیمِین لفظن منز وۄن تِمو زِ مجازی شاعر چھُ ظاہرس ملہٕ کھوٚل کران تہٕ صوٗفی شاعر چھُ نیٚبرٕ اندرٕ اَژِتھ دوہ ندٕ کاینا تھ وَنہٕ اَمان تہٕ پتہٕ اَمچہٕ رنگارنگی ہنز باوتھ کران۔

زرگر صابن دوٚن زِ کتابی مانے اَکِس کُن تراوِتھ گو شریعت طہارتِ جسم طریقت طہارتِ دل تہٕ حقیقت طہارتِ قلب۔ یا تہٕ شریعت گیہٕ ظاہرِچ صفائی طریقت منبع صفائی تہٕ حقیقت اَندرِچ یا دوہ ندرِچ صفائی۔

یَس سیٚتو نکاح چھُے باتدبیر
تِہنز ے بَیہ چھُو دامہٕ دامہٕ شیر
یُتھنہٕ گانگل کری کانہہ اغیار
کافر سپدِتھ کوٚرُم اقرار

اَکہٕ وَقتہٕ دوٚپھ اَکھ شارس پیٚپھ شیخ شورتہٕ کرٕ کیہٕ ناد۔ مُلہٕ بابو لاگ تس کُفرِچ ہانژھ تہٕ گرٕ نیبرٕ تس کوٚرہس کابہٕ نان۔ اَکھ شارس پیٚپھ کتھ کران دوٚن تمو زِ طالبس چھُ اصلی نکاح موٗرشِدس سیٚتو تہٕ سُہ چھُ سورُے خاص تسُندِس لبان تہٕ تِہندِ بابتھ چھُ لازِم زِ سُہ روزِ پیرس دامانس رٹِتھ تہٕ تسُنز ے دایہٕ تہٕ دَپِس پیٚپھ روزِ عمل کران۔ ہرگاہ سُہ کانسہِ دوہ پرَن اَمہٕ نِش دوٗر گوٚو یا وَتہٕ ڈول۔ پتہٕ پیہ نہٕ کیٚنہہ اَتھِ۔ احد زرگرس اوس پانس گُدرِیوومُت۔ سُہ اوس موٗرشِدس دامانہٕ رٹِتھ تِہندِ وومُت یکیٚتھین تس دوٚن آد تہٕ کوٚرُن اقرار۔ کتھ تس دوٚن دِتھ دوت اَدِ وحدتس تام ہِکرٕ تہٕ وَتھ منڈان تہٕ مانڈان پیوس حدِ روس دوکھ ٹلُن۔ احد زرگرُن تہٕ وَژُن چھُ دوہ ندِ تجربن ہِندِ شاعرانہٕ اظہارِچ اَکھ لاجواب مِثال تمثیلو تہٕ علامژو سیٚتو چھُ اَکھ نوُٚ دُے دُنیا بٹھنہٕ پیوان تہٕ پرَن والِس چھُ دُژیوٚت کرٕ ھان۔ یہِ دُنیا چھاونہٕ بابتھ چھُ نظر باز تہٕ صاحبِ دِل آسُن گژھِ ڈنیگ شرط۔ اَمہٕ خاطر چھُ سورُے تراوُن۔ ساری رِشتہٕ تہٕ ہوٚس منساوُنی۔

حیسہٕ بوز مأرِس دیُو گردَن

یَس زانکھ تس سپنٕو اَجیل بَن

گژھ بَرادَر کرِکھ ییرِ پار

کافر سپدِتھ کوٗرُم اقرار

گَنٕہ کرٕ پننِس اولادَس

ہَمنہٕ ہَمنہٕ ماز ژٲو دٔریاوس

یُژھ یے مَن کر پانس نہار

کافر سپدِتھ کوٗرُم اِنکار

نکارٕ پیٹھٕ آنکارس تام ؛ اتھ چھُ اکھ زیٖٹھ زٔوٕژ سفر ، یہ چھُ پرٕژھنہٕ یِہِم اَژُن تہٕ زیِنہٕ پیٹھٕ آکاشس تام ہلہٕ کرُن ۔ تہٕ اتھ سفرَس منز چھِ انسانس پننی اولاد روٗٹ کران ۔ یِم ڈمبہٕ زٔلوَن تمے بأتی چھِنہٕ اولاد گرٕژھن یوان ۔ اَمار ۔ آشہ لالچ ، یِم سأری چھِ انسانہٕ سٕندۍ اولاد ہمیٖنے جیٖژَن یَتھ چھےٚ تس وُمبر گرٕژھان ، تہٕ سٕندِس منز غوطہ غوطہ کران چھُنہٕ نسٕ کُنہٕ بوٚٹھ نظر گژھان ۔ ہرگاہ یِم چیٖز وارٕ وارٕ ژٲوِنہٕ یِن ، سعہ کھ تہٕ سکوٗن بنِہ انسانہٕ سُنٛد لون ، اَماپوٚز اکھ منزٕ بلِس واتُن چھُنہٕ سہل ۔ اَمارَن ، آشَن تہٕ لالچس چھُ وارٕ وارٕ کلہٕ ژٹُن ۔ یِمو سارِوۍ چیٖزو نش مَن ، اَندرُ ژھیٖنہٕ کرُن ، مگر یہ عمل چھےٚ قرارٕ سان آنٛدس واتناوِنی ، وۄپھٕ ٹلنہٕ سیٖتھ چھٹنس مُنزبلس واتنہٕ رٕژھٕ تیٖٹھُے نٔل نکھ ۔ یِم اکی جیٖنتہٕ ہمن سارِنۍ ژٹُن ٹھِکھ دِن ، تِہنٛدِس کمالس کیا وَنی زِ تِم چھِ اَزلے مقبوٗل آسان ۔ احد زرگر چھُ اَمہ تجربہٕ منزٕ گُزرمُت ۔ سُہ اوس اَمارو تہٕ ارمانو اکہ وَقتہٕ ڈٲپھتھ نیوُمُت مگر جلدٕے پیو پانس ، وَتھ لٔبِن تہٕ آنکارس کُن آو ۔ اَوے تہٕ چھُ مأرِکن احتیاط سان قدم تُلنس بانٛد بانٛد کران ۔

زرگرن چھُنہٕ لفظِ کافرٕ مُنکر' رٕکس مانہِ بس منز ورتوومُت بلکہ 'عاشق'

لفظ بدل استعمال کوٚرمُت ۔ احد زرگر چھُ حق پرست' تہٕ سُہ چھُ بُت پرستنہٕ سٕندی

پاٹھۍ سورُے اُتھۍ حقس چھُپہٕ دِوان۔ عاشق سپدِتھ بیٚلہِ زرگر صابُس دوٚن آو'

اَدے کوٚرُن آنکار' دأیرٕ نہٕ تہٕ دِنہٕ اَننہٕ روٚستُے آنکار نہٕ گوو آنکار' تتھۍ ووٚنکھ

اُنی لورِ تھٕکھ چھیپہ کرِنی۔ کأنثر شومت نہٕ چھُ دِنان۔" ژٕہ مان تی بیٚھمیٚک ژٕنۍ تجربہٕ سپدِی

عشقن کٕرٕ ہِس کل نہٕ وانتوٚون موہ رشیدس تام تہٕ اَمہ پتہٕ اَس غآب الغآبکۍ تصوّر اُچھن

تل ۔ کافر سپدِتھ اقرار کرنس وورج دِتھ چھُ شاعرن تمہ تسکینُک اظہار کوٚرمُت

یُس تس نیچھِ زیو تھ سفرٕ کرِتھ حأصل سپُد۔

احد زرگرنہِ شاعری سام ہیوان چھُ کینژن باتن مُتعلق کمانہٕ گرٕ ھان زِ

یہ طرزِ اظہار چھُ خألص عاشقانہٕ اظہار نہٕ اَکھ چھُنہٕ صوفی شاعری ہِستو کانہہ واٹھ

مگر اندوانتہٕ ژٕ وتھِ چھُ سُہ باتن پتھ کینژ ولگو تن دِوان زِ عاشقانہٕ انداز بیان نہٕ

چھُ صوفی تجربن ہُنٛدُے اَکھ حِصہ بنان۔ پرن والِس چھُ ذہنس ذرٕ یہ لگان نہٕ

تمِہنٛدِ سوٚچمُت نہٕ دأیر مُت چھُ وُسی ہیوان۔ سُہ چھُ اَکہ دُنی باہہِ نیبر تھ اَکِس نوٚس

دُنی ہِس منز واتان ؎

روٗنہٕ متہ میانہٕ یاوَن ژوٚرو لو

کھونہٕ لٕلہ دِتھ کرِے گوٚرٕ گوٚرو لو

نہٕ مُژرِتھ چھس مستوٚرو لو

کھونہٕ لٕلہ وُتھ کرِے گوٚرٕ گوٚرو لو

یہ چھُ سمسار آخر بازی گار

نہٕ چھے روزان حکو رتھ نے لو کچار

اُچھہِ دادِن سیدان سوٚرو لو

کھوتہٕ للہٕ وٲنتھ کرٚے گوٗرٕ گورو لو
نکھہٕ یکھنا سوٗرٕ سے حال باوٕ سے
ہیکہٕ کوتاہ دور ہیرٕ چوٗن ہے ہے
دٕ کہٕ لاٚیُن چھُنہٕ دستوٗرو لو
کھوتہٕ للہٕ وٲتھ کرٚے گوٗرٕ گوٗرو لو

(تہٕ اَمہ پَتہٕ یہٕ رنگ)

دیُت حُسنکی جلوَن عاشقن بزم
حُسنہٕ سیتی روشن کُل عالم
شِلہٕ مُشتعس حُسنکہٕ نوٗرو لو

نِصفہٕ پَتہٕ باگیٛکُ لرٕ پھیرُن چھُ سا ئری ہیٚے فضیحس بدلاوان تہٕ پرٚن وول چھُ
تس مُشتاق گژھان یُس حُسنک آگرُ چھُ۔ سرا پا حُسن اٚسِتھ ذرٚس ذرٚس تیلیتھ
چھُ۔ نازنینن ہُندیہٕ نازٕ من چھُ گوٚ تماشس برٛونٚہہ کنہٕ تہٕ وونہٕ دک سنتوٗرٕ چھُس وُزان۔
اَمہ سنتوٗرک شوٗد گرٚتہٕ تس کنن یس ووندس منز وُسُن تگہٕ۔ بیٚیمہ یہٕ سوزشاٛیرس
عطا کوٚرٕ تس ہرگاہ یہٕ شاٛیر کھوتہٕ للہٕ ناوٕ تہٕ گوٗرٕ گوٗرٕ کرِ تس کیتہٕ پاٹھی ژھانڈ ہیٚنہٕ
وونٛدٕ۔

حق الحقس وٲنی دِوان چھُ زرگر تمہ کے نوٗر یہٕ یتھ طرفہٕ وُچھان۔ دیدار
کرنہٕ باپتھ چھُ عشقہٕ نارس آلاوُک اَنہار بخشُن عشق چھُ منزٕ لکُس وٲنہٕ ہاوُک۔ بالاٛیزرکرٕ
ششکلہٕ دانہٕ یُس سٕری گو تس چھُ رنگس منز حقکے رنگ ڈریشتھ یوان۔ یٚرا ونہٕ باپتھ
ہیٚکہٕ سہٕ کانہہ تہٕ وٲتھ اِختیار کرِتھ۔ عشق چھُ پان پُشرُن (رضا) تہٕ ییٚمہ سوٗدلہٕ
پان پُشرُن تس چھُ کُنرس منز۔ کُنیرتہٕ کثرتس منز وحدت دیدمان۔ تیٚشرزووتھ بیٚیھ
تام چھے عمل تہٕ عبادتھ بنان س

بڑوجن نال ووڈل نوٗرِ وَحدت پنے
پوٚرشتَن دوٚپنم شاہ دَرِ پڑار
درشن گاہ تتنہٕ با عظمتنے
حوٗرِ وُچھ گتنے مژ دیدار

کثرتُک یُس اَژھمن سِلسِلہ اَسہٕ بُنتراُژ ہیٚتھ پیٚنارَن تام دِرِشیٚتھ چھُ پوان، یہِ کثرت چھےٚ نَظرَن ہُند پھیٚر، نتہٕ چھےٚ یہِ کثرت اَکی نوٗرٕکۍ رنگہٕ رنگہٕ پرتو۔ مگر ژھارَن وٲلِس چھُنہٕ ژھارنہٕ کنُہ گژھن۔ دیدارٕ خاطر چھُ شاہ یتھ کرِتھ مَنہٕ یارٕ بلہٕ پڑارُن۔ ییٚمہِ چھےٚ سۅ جاے یِیٚتہٕ قطرس سمندرُک ووٗن چھُ پوان شرط چھُ عشقہ مُرکَر گژھن ژَٹنَن گرٕ گٮ۪یہ ژَٹان ژَٹانے سٔری تہٕ بنیوس دیدار، نشند ژٕٹُن بنے یہ تپسر عبادتھ۔ پوٚز عشق ہرگاہ آسہٕ پژ ہیٚتھ وَنتھ چھےٚ اَکی پیٚہ مُنزٕ بولُس کنُہ گژھان۔

شاعر یُندِ عشقٕ چھُ محبوٗب نَس برُونٹھہٕ کنُہ اَنِتھ دیتمُت۔ توَے چھُ سُہ شادمان۔ سُہ چھُنا وجوٗدس کھوٚنہٕ کھوٚنہٕ بَلہٕ وِتھ نالہٕ رٔٹِتھ لول بأگران تہٕ ہیکہ چھُ برنگہٕ پیٚتھ وَنان ؎

موٚنہٕ میٚٹھ دِتی مَس کھوٚرَن تہٕ اَتھنے
کھوٚنہٕ کھوٚنہٕ بلہٕ وُم روٚنہٕ موٚت یار
تَنہٕ تَن بِلہٕ وِتھ بیٚتھ خلوت سنے
حوٗرِ وُچھ گتنے مژ دیدار

عشق چھُ خلوَکھُک مامِلہ۔ یہِ چھُ سربَستہٕ راز یُس لِلہٕ وِتھ ووٗن چھُ پوان۔ یہِ چھُ ووٚندس منز دِزِدُن سُہ اَلاو یُس زاُنی کارَس تہٕ زانی یارَس یارِ وَنَن ہُند تشنیل چھُ نخشان تہٕ اَنادِ ہیٚنا تہٕ بیے خبرَن ژِنہٕ موٚکلِتھ کرُتھ چھُ ژٕراوان۔ پڑاوِتھ یوٚ دٕرِی بار ہُند نوٗبوٗتھ چھُ کہوَچہ پاسہٕ نیرُکھ مُقام۔ احد زرگرنہٕ شاعری مُتعلق کتھ کران چھُ کامِل

صاحبن لیکھمُت سے[1]

"یہِ چیز دوٚیم خصوٗصیتھ چھےٚ سو چھےٚ ابتدائمس فقیرس کلامس اندر پیدان چھُ یانے ابہام گوئی ۔ ابہام گوئہٕ ہرگاہ کانہہ باتھ شعر یا گوٚبیر آسہ ہیتھ یا تیٚتھ علامژ نوٚ آسن یِم ہنٛد سمجنہٕ خاطرٕ انسانس غور و فکرِ بیٚیہِ کرُن ۔ بلکہ گو ابہام بیتھ اسی مُضر تہٕ خطرناک چھِ وَنان ۔ گویا بے مانے شار وَنیٚنۍ یا اَکھ موضوع تہٕ خیال تیتھ پاٹھۍ بیان کرُن ۔ یتھ واتنیار ناکام آسہ رُود مُت تہٕ بیس انسان انتہائی کوشش باوجود کُنہِ صوٗرتس اَنٛدر لبتھ ہیکہٕ ۔ احد زرگرُن داریاہ کلامہ چھُ اَمی مُبہم گوئی ہُنٛد شکار ۔ خاص کٔرِتھ تہٕ صوفیانہٕ بیہ مانہٕ ۔ مثلن یِم شار چھِ تو کھے

| | |
|---|---|
| سو رُخ شمہا یہٕ چیکمہتھ | سو رُخ شمع دان کھوٚتہٕ ہیتھ |
| سو رُخ نوٗرس کران گٔمتھ | سو رُخ پروانہٕ لولو |

●

| | |
|---|---|
| سیاہ سیٚتھ ناگ عجب لایق | سیاہ آب ستہٕ وِنی مُعلق |
| سیاہ آگرُ سیاہ شہرس | بوٗ مبرُ گومُت سیاہ کارس |
| سیاہ نجدس کھوٚتے مجنوٗن | سیاہ چشمو سٕتہ ہاران خوٗن |
| سیاہ پروانہٕ ہاہ ہیٚتھ یارس | بوٗ مبرُ گومُت سیاہ کارس |

گوڈنیک سوال چھُ زِ ابہام گوا بے مانے شار وَنیٚنۍ ۔ ممکن چھُ زِ یہ ما آسہ ڈرُس مگر میٲنی کِنی چھُنہٕ اَتھ لفظس بیٚے مانیت کُنہِ جایہٕ تہٕ مانے نیران ۔ ابہام گو گوٚٹ ، ڈلیتھ مُلہتھ ، نوٗن تہٕ ٹاکارٕ نہٕ کینہہ تہٕ ہرگاہ شاعری منز ابہام آسہ تہٕ اَتھ ہیکن ہٕ الگ الگ جہتھ نیرِتھ ۔ لٔہذٰا شاہ یا گٔہ شاعری ہنٛز دوٚیم داتھ چھےٚ تہٕ آوے بجہ شاعری ہنٛدِس دٲیرس منز لوان ، تہٕ کیا زِ یمن ہُنٛد اندازِ بیان

---

[1] صوفی شاعری جلد ۳ ۔ صفہ ۱۷

چھُ ماسٕرتہٕ کٔنِتھ چھِنے سیٹھہٕ شیوٗد وَننہٕ آمٕژ۔

دوٚیمی یوٗ تامتھ زَن علامژو کنہٕ رنگ۔ ورتاوُنک سوال چھُ، سلوٗکچہ وَتہٕ منٛز چھِنے پرٛتھ رنگس پنٕنی پنٕنی اہمیتھ تہٕ یم رنگ چھِ ہاوِتھ دِوان زِ سالک کٔتھ منٛزِلس پیٹھ چھُ ووتمُت۔ سالکس چھُ تمہٕ وِزِ سوٗرُخ رنگ مراقبس دوران ڈٔرینٛٹھ یوان، یُس عشق گنیومُت چھُ آسان، یُس چھُ پرٛیتھ کانٛہہ چیز اَمی رنگہٕ نظر یوان، یتھ منٛزہ پانہٕ تہٕ شامل چھُ۔ عشقُن گنیر چھُ یُس اَتھی نوٗرس گتھ دِوان۔ یمہ سیتۍ یُس چھیکرس نفسہٕ قرار چھُ بخشان، یہ چھُ سلوٗکُک دوٚیِم منٛزِل، سالکہٕ پیٹھس اَتھ درجس چھُ جدول السلوکس منٛز النفس اللوامہ وَننہٕ آمُت۔ ییٚمِس منٛزِلس پیٹھ واتِتھ چھُ سالکس سورُے کرٛہنے کرٛہُن نظر یوان۔ سُہ چھُ اَمہِ کرٛہنیارُک گتھ دِنہٕ دول لوٚبمُت۔ مگر یہ چھُنہٕ منٛزِل بلکہ چھُ پڑاو۔ اَوَے تہٕ چھُ سُہ مجنوٗن بٔنِتھ نجدس کھسان تہٕ سیاہی منٛز غوطہٕ دِتھ سیاہ اوٗش ہاران، سُہ چھُ سیاہی ہُنٛد پوشیرُ۔ اوٗش چھُ اَمہِ کینہہ ہاران زِ منٛزِلس وٕتس نہٕ مگر گتھ دِتھ چھُ شاد مانی ہُنٛد اظہار اَمہِ کینہہ کران زِ بیاکھ اَکھ پڑاو زِیوٗمُت، ییٚمِس پتہٕ یمس کوٗدُم تار۔ اَمہِ منٛزِلہٕ پتہٕ چھُ سالکس تیتھ نوٗر ڈٔرینٛٹھ یوان، یتھ کانٛہہ رنگے چھُنہٕ، تہٕ یوٗہے مقام چھُ یتہٕ سیمرغ، چھُ روزان۔ ییٚس کُن فریدالدین عطارن "منطق الطیر" کِتابہِ منٛز اِشارٕ چھُ کوٚرمُت۔

یہ چھُ منظوری ہُنٛد مقام۔ صوٗفی چھُ اَتھی جایہ ہاوٕنس گرٛہان تَس چھُ سورُے دِیدمان مگر اَتھ کوم کرنُک چھُس نہٕ بٕژرٕ۔ یہ چھُ اَدر پیٹھ عالم۔ کرٛہنیارِ کہ عالمہٕ پتہٕ چھُ سالک رنگَن ہنٛدِ گردابہٕ منٛز لوٗسِتھ لگان، تَس چھُ بےرنگ نوٗر باگہٕ یوان۔ اَتھ نوٗرس کاوناوُن چھُ نامُمکن، یہ چھُ کینہہ نَنہٕ دُنیا یتھ مُتعلق ناگارجن چھُ وَنان:

"It cannot be called void or not void, or both or neither. But in order to indicate it, it is called the void .... it is on account of Sunyata (void) that everything becomes possible. It is synonym of that which has no cause, that which is beyond thought or conception, that which is not produced, that which is not born, that which is with out measure."

احدزرگرن چھُنہٕ شُنۍ واد دَریعہ پوٗرٕ مُت بلکہِ چھُ تس پٮ۪ہ میرِ کینٛہہ بأتھ باوِنہٕ آمُت تہٕ تمۍ چھُ تجرُبہ کرِتھ یہِ پَزَر دأیرِ مُت، اَوے تہٕ چھُ بڈِ ہَہٕ وَنان سہ

چھُ کینٛہہ نَے کرِتھ کینٛہہ نَس رَل
وُچھم کینٛہہ نَے مےٚ دیٛدَن تَل
چھُ کینٛہہ نَے کیا مےٚ کوٗرٕ تمٕ ژَھل
وُچھم کینٛہہ نَے مےٚ دیٛدَن تَل
چھُ کینٛہہ نَے دِتھ دُکان درجان
چھُ کینٛہہ نَے جلوَیے یزدان
چھُ کینٛہہ نَے گتھ دِوان شش کل
وُچھم کینٛہہ نَے مےٚ دیٛدن تل

چھُ کینہہ نے احد زرگر ہیہتھ

چھُ کینہہ نے پرٛیتھ اُکس سرٕ خط

چھُ کینہہ نے رنگ تہٕ بے رنٛگل

وُچھُم کینہہ نے میٚ دیدٕن تل

وحدت الوجوٗدُک گرٛز چھُ وید و بیہہ محی الدین ابن عربیس نام پرٛیتھ طرفہ
کنن گرٛنھان تہٕ اَمیُک شوٗد چھُنہٕ بیہتہ سائنسی زمانس منٛز تہٕ ژھو کیوٗمت۔ یہٕ چھُ
سُہ اَدٕھین نغمہ ییٚمہ مغربچ بڑی بڑی فلسفی نام گرٛزٲدی تہٕ شوپنہار ہیو شخص رٛود
پرٛک پرٛی اَتھ دُبارٕ پرٛان تُہند وونٛدٕ شوٗد بیہس۔ یوٚہے فلسفہٕ چھُ اپنشدن ہُند اگر
تہٕ نوافلاطوٗنی فلسفچ گوٚج۔ کأشر شِومت تہٕ چھُ اُتھی لولہٕ منٛنہٕ لاے کران تہٕ آدِ شنکر
سُند اَدیت وادتہٕ چھُ وحدت الوجوٗدکے شرٛوٚنِل، مگر فِکرِ ترٛنس کیتُت کٔڈ نغمہٕ۔
سانین صوفی شاعرن ہُند کلامہٕ چھُ سُہ عطر یُس ہیوٚن ہیوٚن پوشن ہُند ویوٚد یکہٕ وٲنہٕ
کرِتھ تیار چھُ سپدمُت۔ وونٛدٕ باونس منٛز ییٚمہ تہٕ چیزن صوفین اَتھ روٗٹ کوٚر
سُہ چیز روٗٹ نموٗنالہٕ منہٕ۔ مقصد چھُکھہٕ کُنہٕ خاص فلسفُک تبلیغ بلکہ وونٛد گرٛکھ
لگنہٕ سیٚتی بوٚہھ لگہ منی لال تہٕ جواہر دوٚڑہہ دوٚڑہہ بوٚہھ کھارٕنی۔ ییہے کتھ بنے یہ
سانہٕ صوفی شاعری ڈنجھ تھاونچ ضمانتھ۔ ہرگاہ یہٕ شاعری تہٕ کُنہٕ خاص فلسفس تابین
رٛوزِتھ تبلیغ بنے منٛز آسہٕ ہے، اَتھ نتیجہ، وُشنیر تہٕ بنے وایہ اظہار آسہٕ ہے کھوٚرتھ زد
گوٚمُت، پننہٕ زنگار تگی کینہ چھے یہ شاعری کیٛنژن جاین کھرِ دارٕ سپدتہٕ وونٛدس
منٛز جاے کران تہٕ پرٛن والس یا بوزن والس کیا ہا مقام کُنی شیچھ باوان۔ تابین تہٕ
قادنہ روزنہٕ سیٚتی چھُ سانہٕ صوٗفی شاعری خود رو کاڈ کوٚڑمُت تہٕ یہٕ چھے رنگن ہُند
اَکہٕ خانہٕ بنے منٛز۔ رنگن ہندِس گنجارس منٛز چھُ اَکھ رنگ دوٚیمہ رنگہٕ نِش مُچھہ کڈُن
ناممکن۔ اَتھ مالس منٛز چھے سیٚنہٕ بسیعہ رلوابژو تھکنی الیق کام کرِمژ تصوفکو

کینہہ رنگ چھِ تِتھۍ یِمن کشیرِ ژ اپنیٚن چھُ دِتیٚمُت۔ بودھ مَتس منٛز لوٚیہِ تصوُف یا بھگتی ہِنٛز لےَ وۄتلےٚیہِ، تمیٚک اَکھ بوٚڈ حصہ چھُ کشیرِ منٛز ےِ پھانٛپھلیوٚمُت۔ ہیٚنہٚ کِنہٕ کشیرِ منٛز اَیہِ یَتہٕ بودھ دھرمُک پرٛیاک بنے یہِ۔ اِتھۍ مسَلس منٛز ٹُل شوٚمُت پوٚرہٕ پاٹھۍ کلہٕ۔ بۄدوےَ زَن اَتھ سوٚتھ سۄرٛ لےَ اَمہٕ پرٛوٚ تیٚمہٕ سازن ہِنٛد اَتھ واس ژھاران اَس۔ یِتھۍ پاٹھۍ کوٚر کشیرِ تہٕ کاشرِ لوٚ دِیٚہ وَتہٕ وٚنی راوسَس منٛز زبردست رول ادا۔ ژوٚداہِمس ہتھ وَرِیس تام رُوٚد کشیرِ منٛز بُدھ مَت تہٕ شومت اَکھ اَکِس کٔرِ لوٚرٕ بارسَس تہٕ پنٛداہِمس ہتھ وَرِیس منٛز تہٕ آس یِمن دۄشونی فلسفن کشیرِ اَندر مانَن والین ہِنٛز وۄپٕژھ۔ ژوٚداہِمہ ہتھ وَرِیہٕ پیٚٹھے گو یتھ اسلامی دور شروٗع۔ مگر وٲنیہ وادَن ہِنٛدِ یِم نقش لوٚکن ہِنٛدِس ذہنَس کھٕنیتھ آسی، تِمن پیٚرٛزن کُس دِیہِ ہیے پھیش تہٕ بیہٕ پیش نکھ اوس تہٕ ممکن تہٕ۔ پرٲنی نقش تہٕ پرٲنی عقیدٕ تہٕ سوچن ژ اَیہِ روزِ رنگ بدلاوی بدلاوی سۄ تھرس پیٚٹھ وۄنلان مگر وۄنی اوس یِمن اَکھ نوٚو اُہار۔ سوچکِس پھٔلیہِ وَنس منٛز اوس بیٚیہِ اَکھ شوخ تہٕ زوٚدار رنٛگ کسہ ہُریر سپدیوٚمُت۔

احد زرگرٕنی شاعری چھےٚ سانہِ اَمی تہذیبی پوٚت منظرُک اَکھ حسین آینہٕ خانہٕ۔ تہٕ اَمہٕ خانہٕ پاٹھرٕ اوسَس منٛز چھٕنہٕ شاعر سِنٛدِ یِرادُک کانٛہہ دخل۔ شاعرس پیٚ کیٚنٛژھا وراثتس منٛز تۄرٕ دۄ نِہ دچہِ کوٚند منٛز گل دٕزِتھ دراونی بازر۔ اَمہِ چیٖزَن کوٚرُن تَمس کانٛہہ نوقصان بلکہ بچاوِن تیٚمِس شاعری یکرنٛگی نِش۔ اَمیٚہ کیٚس رنٛگن ہِنٛد گنجار اَمہٕ شرِ شاعری منٛز بُتھِ چھُ ہیوان سہ چھٕنہٕ کُنہِ تضادُک نتیجہ۔ بلکہ چھُ یہ تیٚمِس روٗحٲنی سفرٕچ نشاندہی کرن علاوہ تیٚمِسنٛدِ مشاہدٕچ تہٕ باوتھ کران۔ تجربن ہِنٛدِس دُنیہس ووٚنت ہیوان چھُ احد زرگر وَنان سہ

احد زرگر کام کرُد ژھین     زیوس تہٕ شیٖوس پچھے ملہٕ وَن

سُہ چھُ نی وَنان یِیمِتِیُک ذِکر پھِرِ کھِرِ اُپنشدن منز۔ آمُت چھُ شہوت تہٕ زٕکھ ترٲوِتھ چھُ آدم اِنسان بنان۔ تَوے نہٕ پَزِ شہوَتس تہٕ زٕکھِ ٹھکھ دِیُن، نُو دا اُزتہ بالاکُنزمس منز چھُکھنہٕ کانٛہہ فرق، زِ یُو چھُ دٕری یاوٕ۔ بالاکُنزِ چھُ آکرٕ۔ شُو چھُ سُہ مُنزُل یُس ساٲری یسے منز اسِتھ تہٕ ساری تِش ھفوٗد چھُ نہٕ سُہ ترٲونہٕ خاطرٕ چھُ میٛڑ مرِاسِتھ تہٕ اَسہِ دُنی یانِش بالا گژھن۔ بیٛیِس اَکس جایہِ چھُ شاعر وَنان ؎

جایا در شریر خاص الخاص

مایا پاسے سرِ زُیتھ اخلاص

کایا سایہِ دِتھ چھِے آتمس

تیٛمِتھ تورٕ چھِہ بُیتھ لیور وُجھس

شریرس اندر خاص جاے چھےٚ نادِبِنٛد، سُہ نوقطہٕ بنِٛتہٕ بیٚہِتھ آلوزاین چھُ لبان مگر مایا (ونیُب) چھےٚ اَتھ ساٲری یسے پننہِ میچھر وُک رس باگرِتھ بھرِ بیٚہِتھ۔ رُحس چھُ جِسم پانَس اندر زُوٕرِ تھاوِتھ۔ یِم ساٲری چیز، یِم ساری ٹھٕرٕ کاسِنو چھِہ سالِکس پانَس تام۔ تِس یُتھ شدید عشق آسہِ، یوٚت تس بکھنہٕ باو گمنہِ تیوٚت گژھن یِم ٹھرٕ دوِ تھان۔ سو رُے چھُ منتس پانَس تام نہٕ پوٚز عشق (بکھنتہ باو) چھِس منزِ یلس کُن وَنہٕ ہاوُک۔ مُرس چھُنہٕ کانٛہہ موٗل بہٕ چھِہ رازِ ہوتہِ۔ سُنداول یُس سُہ بدلاوان چھُ روزان، یُس شخص پَزِ دِلہٕ خفتس کُن اَکھ قدم پکِہ، سُہ چھُ تس کُن داہ قدم بُتھِ یوان۔ اِنسان یُس تصور کَندِ تس چھُ سُے تصوُر بُتھِ یوان، تس چھےٚ سوٕ رے شکل نظرن تل گَنان، یوٚہ یہٕ تمُو گُنٛدِمُتِ آسہِ۔ اَوے چھےٚ گوٚڈٕ کالس منز سالِکن کینٛہہ خاص صوٗرژ مراقبس منز ڈرِمِنتھ یوان۔ مگر حق چھُ یہِ زِ وَنہِ چھُ تہِ اَنُن یِیمِتِیُک نہٕ کانٛہہ تصوُرِ کرِتھ ہیکو زِ۔ اَتھ کُتہِ پکان چھُ پوٚد پوٚد ڈانجِرِتھ ترٲوِن عشقس تہٕ خلوصس گژھِن نہٕ کُنہِ

مَرحلَس یا موڈس پیٚٹھ پھیرِ تھوٗن۔ رِنٛدَس تہٕ زاہدَس چھےٚ بوٚڑ فرق یِہِے زِ رِنٛد چھُ وونہٕ اَنٛدری تقوہَس لور، سُہ چھُ واش واش کرنہٕ روٗس عشقن داماہٕ رٹِتھ تقوہَس سر تاپےٚ لور، مگر زاہد چھُ زَھلہٕ گوٗر سُہ چھُ دوٚیمین ہاونہٕ باپتھ تقوا پانہٕ ناوان تہٕ اَتھ منٛز چھُ تیٚشِنٛد کھوٚر دار سوچِتھ چھِسہ۔ سُہ چھُ دوٚیمین ہاونہٕ باپتھ پرہیزگاری ہُنٛد درس دِوان مگر تہٕ پرہیز چھُنہٕ تہٕنٛدِ عشقُک چھِیہٕ آسان بنیومُت۔ سُہ چھُ تقوا پان ژوٚرِ تھاونہٕ باپتھ، اَصلیتھ کھٹنہٕ باپتھ اَکھ پردٕ کِنہ ورتاوان۔ رِنٛدِ چھُ سراسر عشق تہٕ لول، دُنیا نِشہِ لاپرواہ پننِس پانَس اَنٛدر جذب آسان گومُت مگر یوٗز زاہد چھُ ہاو باو موٗت۔ تَسُنٛد تہٕ ہاو باو چھُ تیٚشِنٛدِس زُوٚہدَس باپار بناوان، یِیلہِ زَن عشق پانہٕ لول تہٕ چھُ تہٕ مُرشِد تہٕ۔ یُس عشقہِ سٕندِ رعو طی دِتھ آمُت آسہ، سُہ چھُنہٕ پیٚٹھِس کھسِتھ پارٕ کران۔ محبوبنِکس سٕندِس منٛز لوٚڈِتھ تہٕ حاضرنِکس عالمَس منٛز وٲتِتھ کوٗل گرٛھان تہٕ تیکینٛز تھاسہ دُپھان چھُ ترنج باوتھ کرنُک چھُس تہٕ بنتٕر۔ اوے تہٕ چھُ دُوہٕ شوٗبتھ بہان۔ تجربک یوہے عالم وپرٕژھناوان چھُ احد زرگر ونان ؎

ڈِناک تقوا یِ نٛدس در کار۔ ہیلکُ پرہیز چھُ زوٗہدُک کار
شلکُ محرم لا گُفتار۔ ہیلکُ پرہیز چھُ زوٗہدُک کار
قضا بڑو نہٕ کر قضا منظوٗر۔ فِضا چھاوِشش جہانکُ نوٗر
غزا اَدٕ چھےٚ ساز سیتار۔ ہیلکُ پرہیز چھُ زوٗہدُک کار
محوٚیشُس دُرِ عرفانُس سُہ کیاہ کرِ مِل قلم دانُس
سہو کوٗتُس نخو سیپار۔ ہیلکُ پرہیز چھُ زوٗہدُک کار
عبادت کرٕ سیادت ژاو۔ سجاد تسبیح چھُ کاوِشُنٛد تاو
ریاضت چھا بنِ ہر کار۔ ہیلکُ پرہیز چھُ زوٗہدُک کار

مگر اَتھ مالِس کُس چھُ خریدار۔ کیتھہٕ کُتالین ہندِس یتھہٕ عالمَس منٛز کُس چھےٚ یمن

کتھن تنیج فرصتھ تہٕ فراغتھ۔ اَوے تہٕ پیو احد زرگرس وَنُن ؎

یِی پانہٕ ہیتو تمہٕ جانہٕ موٗلُس۔ نی کینژہ ارزان

بے گانہٕ دِپان تونہٕ ۔ لولُس۔ سُے مےٚ دِلس کان

ذاتُک ہیندِس اکھ مُنر بولُس ووٚن اُپنشدو "جیون مُکتی" تہٕ مہایان بُدھ متن دِیُت یتھ پھنِے لوٚکن بودھ سنتو ناو۔ یوسہٕ تہٕ چھُہ سانِکہ شِدر باپتھ گوناہ تہٕ ثوابہٕ کینژ جلدُر اُپور گژھتھ مقام ۔خوشی یا غم، اَسُن یا وَدُن، گاش یا گوٚٹ یم پیر چھہٕ تس کانہہ ٹھوٚر کران، تس چھے نظرمو کلیمژ آسان، سارِے کاینات چھس برونٹھہ کینہ رقیص آسان کران تہٕ سُہ چھُہ اُتھی سیتو مس آسان۔ ہیئنبر تہٕ دوٚر رکی سرحد چھہٕ آسان ختمیتو ہیتم۔ ظاہری عبادتھ تہٕ ریاضتھ کرنیج چھہٕ تس کانہہ ضرورتھ روزان، تس چھُہ رُمہ رُمہ حق ہیر ہاہ تہٕ اللہ ہو پران آسان۔ فطرت آسنہ چھُہ سُہ شدر آسان سینتو مُت، نژہ چھے پانس اندر آفتابہٕ وُچھان تہٕ بہے پھرکو پاٹھو چھےسوکرکھ دوان ؎

عالم نہ بود و من بودم ۔ آدم نہ بود و من بودم

ایں دم نہ بود و من بودم ۔ من عاشقِ دیرینہ ام

شاعری پرکھاونچ گوڈنیج کہوٹ چھے شاعرانہ صداقت۔ شاعرہٕ سُند تجربہٕ لوٚناہ سوٚن تہٕ نیرل آسنہ تیوت آسہ باأثر۔ ہرگاہ یہ فنکاری سان باونہٕ ییہ۔ شاعری پرکھاونہ باپتھ گژھِ تہٕ اَکھ اندر وکھنا ونہٕ آمُت فلسفہ بُنیادِ بُن بناونہٕ۔ اَمہٕ سیتو گژھ فلسفہ شاعری ہیٹھ حاوی تہٕ بنُن دوٚن راوس۔ یھتے پاٹھو چھُنہ کانہہ شاعر کُنہ خاص گیٚجہ کنڈ تہٕ مُناسب۔ بنہٕ ووٚن چھُہ ژ تس ہیٹھ آسہ کُنہ خاص فلسفُک وُون پیہن اَثر، مگر گوڈٕ انوار چھُہ یہ وُچھُن زِ سُہ چھا شاعر کینہٕ نہٕ۔ یتھہ پاٹھو عظیم شاعر آسنہ باپتھ صوفی آسُن ضروری چھُنہٕ نتھے کُنہ چھینہ یہ کتھ تہٕ ضروری

زِ عظیم صوفی کیا آسہٕ عظیم شاعر تہٕ۔ دوشوٕنی مینٛدی لوازمات چھہٕ الگ ووٕنی ہرگاہ یمَن دوشوٕنی منٛز گۄڈٕ ہیتہٕ کانٛہہ شوٗد، ساد وارتہٕ نیرِل چیز تقسیٖہ پٮ۪یہٕ تیمہٕ کیٛاہ چھہٕ مولہٕ وُن۔

احد زرگرٕنی شاعری چھےٚ تسٕندین تجربن تہٕ شاعرانہٕ صلاحیتن ہٕنٛد اکھ ماری مۄنٛد سنگم۔ یہٕ چھہٕ تگمنگری تہٕ کاٹھ کلہٕ نش مُچہٕ تجربن ہٕنٛد بلٕے بیترِک اظہار سہ

مینہٕ منہ بیمچی تار وائے میٖے

شونٛیٖ طرفن گوٚنٛدانم نار

مینہٕ وُن کرٕ وٹہٕ بیوم جانانیے

ہلہٕ زار سیٖے وُچھہ دیدار

•

ظوُنہٕ سیٖتو بلہٕ وَن ژون دربارن

واقف کارن تیمہٕ چی زان

ظوُنہٕ روٗس اوٚن لگیاہ سیٖتو کاشہ دارن

واقف کارن تیمہٕ چی زان

•

دمہٕ سیٖتو گنٛڈہٕ گوٚ کاش اِثبات

یمپوشہ منٛز گوٚ پادٕ کاینات

ہیم ژانہٕ تحقیق کرٕ مقامات

یمپوشہ منٛز گوٚ پادٕ کاینات

سماع سٕرٕ منٛز پھوٗل نیلوفر

برٕہما تیمہٕ منٛز ڈراو جوہر

جمع اوٚہ آو ذات و صفات

یمپوشہ منٛز گوٚ پادٕ کاینات

یاگر پچھینہ کتہ کوٹ رفتار
زاگرچھ تراوچھ سپنش تیار
خاوے سندی یاٹھو پھیبر در ذرات
ہمپوشہ منز گوے یادے کائنات

●

موتن رندن نبس موٹانگ امان
زوتن زندے مرکو مرکو لسان
طوطن خبر وڈنی بلبلش
ہمے وبیسی تہ ونتم بادکس
گنج لوب گو سائی منز وارانس
سنڈیا شمیس دوٹی زالان
رنج کشٹہ سیتین ہیوکل یکسانس
جان راز دانس سیوا کار
کھئنیتھ چھم ہیر بون اللہ
شنیتھ ہوہس و چھم جلوا
ننیتھ گوم ہر طرف انوار
واللہ دیدار دیدن تل

●

زبانی ہندیس مالمس منز اوس احد زرگر سیٹھا بختاوار۔ یہ چھینہ زبانی ماتحت بلکہ چھے زبان امہ سندز ذو ننز۔ اوے تہ چھینہ امہ سندہ بادز بل کنہ جا یہ و نیسو گومت تہ یہ چھے امہ سندہ قادر الکلام شاعر آسنچ علامتھ۔ زرگر چھینہ زبان تھران تہ گراں بلکہ چھے زبان امس وزان۔ یہ چھے سو خود رو بالی کول، یتھ امہ سندہ اندر آگر چھ۔ امہ سندز شاعری منز چھے آسہ واریاہ نوے تہ ذو دار ترکیبہ بنیتھ ییوان، مگر کنہ تہ

جاپہٕ چھُنہٕ اَسہِ کُمانہٕ گژھان زِیمہٕ کیٛاہ چھےٚ ووہرٕ۔ یَرٕن ودل چھُ یمَن ترکیبَن
اَندر پوٚشیدہٕ مازِیَن سام ہیوان تہٕ پرٛیتھ جایہٕ چھُس پانتیارُک ایحساس
گَنان۔ باسان چھُ زِیمہٕ ترکیبہٕ چھےٚ وُٲنسو بیہِتھ کاشُرِ میزازُک حصہٕ۔ احد زرگرن
یِمہٕ ترکیبہٕ ورتاوِ مژ تہٕ لکھنہٕ بیہِتھ شاعری منز سجاوِ مژ چھےٚ تِمَن سارِنٕے کوم کرٕنۍ
چھُ مُشکِل، امہٕ کیٚنژن ہُند حوالہ دیُن مُناسِب:۔

نوٚروٚدٕ خطہٕ، پیپرِ بل، کالہٕ شدرس دمہ دِنی، رنجہٕ ریٚنز، گنج آباد، ناوٕن
دار، ہلکہٕ پرہیز، لاہوٗ تہٕ ہرٕن، دیدٕن گوش کرُن، ہوٗمے حے پھلے، پاش
واش ژاوُن، ہیرس زار گیندُن، پوچھر پینہٕ پنہٕ گژھن، رنگ مار، کنہِ ریٚنز،
وَنہٕ ریٚنز، سنہٕ ریٚنز، یَنہٕ ریٚنز، فرشس ٹھر دِنی، گردس سار کرُن، فنکُ تاج،
ستہٕ سائس پن، زایکُ نامہٕ، پایکُ نامہٕ، ژھوپہٕ میوٗ لٹہٕ، مسھر مثل بیتر۔

دوہ ہٕ شیچہٕ زبانۍ ہنز اَدرٕ نہٕ شاعری ہنز منددور کھارٕن چھُ اَمو سنز
شاعری الگہ الگ رنگ بخشمُت، زبان ساز احد زرگرن چھُ سادر وار زبانۍ ہُند استیمال
کوٚرمُت، گسہٕ آہتو لفظ تہٕ ترکیبہٕ یِتھ جایہٕ تہٕ اَمہِ استیمال کرِ مژ چھےٚ تِمَن تہٕ چھُن
پننہٕ تخلیقی جودٕ سیتی نوٚو مانے تہٕ تازگی بخشمژ۔ شاہ غفورَس بیہِتھ صمد میرَس
تام چھُ داراہ صوفیو شاستر ووٚنمُت تہٕ ورتوومُت مگر احد زرگرن یِیمہٕ حسابہٕ
شاستر ووٚنمُت چھُ تِتھ منز چھُنہٕ اَمس شمس فقیرَس ورٲے کانہہ تہٕ جوڑ تمۍ چھُ
پانہٕ ووٚنمُت ۔

احد زرگر دژاو دِل شیپرِ ہتھ ۔ شاستر جامہٕ ہیٚیرِ بوٚن ہیرِ ہتھ
آو وَسلنے شاستر مایے ۔ شامہٕ ژھاسیے پھیرہ کم نا

احد زرگرن شاستر چھُ کم کاسہٕ پرمانندس نکھ واتان۔ ییٚمہٕ کِنۍ اَمہِ سُند
کلامہٕ کیٚنژن یَرٕن والین فکرِ تران چھُنہٕ۔ شاستر کہ لفظ ورتاونس چھُ میانۍ

کِنو یہِ وَجہ زِ یِمَن ترکیبَن تہٕ لفظَن منٛز چھےٚ رۄحٲنی تجربہٕ ادا کرنٕچ ژٕز حلاوٕژ چیٖنتھ
تہٕ ہیٚتر۔ سنسکرت چھےٚ فلسفٕچ زبان تہٕ اَمہ کِس لفظ وُنرِس چھُ گوٗڈٕ مانے تہٕ سُتی تجربہٕ
پیٚتراونُک باپتھ تہٕ ہینژ۔

کریشنُ، ڈیشُن تہٕ چھاوُن بانے تلاش، دیدار تہٕ وِصل چھہِ دٔیہ دٔیہ ہیٚنز رِکہ
ژٔرے اہم مرحلہٕ۔ کریشنُ چھُ گوڈٕ، ڈیشُن چھُ تھکہ پیٚینڈ تہٕ چھاوُن چھُ انجام۔ احد
زرگرنی شٲیری چھےٚ کریشنہٕ پیٚٹھ چھاوَنس تام تِمَن سارِنے مرحلَن ہینز با وَتھ ہیوٚ
منٛز بِہِ سائکلس گُزرُن چھُ ہیوان)۔ اَوے چھےٚ اَمہِ ہیٚنز شاعری منٛز بسنہٕ رنگہ نزول
گژھتہٕ کینہہ کران یِنہٕ اہلِ نظر چھنہٕ کوم کرنس یا پان۔ کینژن چھُ وۄنزُل تہٕ کرُن ڈبابیرِ
کران تہٕ کینژو دیُت تِمَس حکمِ کُفر۔ ڈاسرٕ یار چھنہٕ پیٚتھین لوکَن سوڈٕے سمجنس اَتھ
روٗٹ کران۔

ڈیشنکِس منٛزکلس پیٚٹھ چھُ تِمَس شاہ پننے گرِ سمکھان تہٕ ژٕ پیٚتھ طرفہٕ
چھُھس جلوَن ہُنند نوٗرٕ ورش ڈرٕ پیٚنٹھ پیوان ؎

احد زرگرٕ دوٚن ڈیو پأنی پانس
شٕنز تہِ دو گینو تَس یارِ جانانس
دارِ مُنزرِ پتھ وُچھتَن مشیانے
ہارِ طوطس سٕتہٕ نو لوگ یارانے

کریشنکِس منٛزکلس پیٚٹھ چھُ ونن وول تی وَنان یِہ سُہ کانٛچھان چھُ، مگر
اَتھ وَننس منٛز چھنہٕ سمکھنُک سو کتھ تہٕ ہیٚرِ پہِ آسان بلکہِ دوٗرِ رُک آزار چھُ اَتھ
پیدان آسان۔ کتھ چھےٚ کُنی مگر تجربُک پھیر چھُ نوٚن ؎

اَحد زرگرٕ تہٕ پَنٕنے پان
کرُن تحقیق ژٕ یوٗد چھےٚ زان

پٔرزے ناوِتھ ربُّ العالمین

سنٛن پانس بنٛن خود بین

چھادٕنکیس مٔنزٕ بولس وأتِتھ دوٗنٛن کینٛژٕرس کالس تہٕ پَتہٕ زانٛن ژھپٕلے

رٕہ پَتہٕ ہشرٕ۔ بۆژاوِتھ کیا اوسُس پٕراوُن زِ ووج دِیہ ہے سہ

احد زرگر پأنٕنی پانس چھُ مُشتاق

سُہ چھُ پانس پانہٕ مأیِل تہٕ لولو





زرگر صابَن اُسی پننِہ مکانہٕ کِس بیٚٹھکہِ کُٹھِس منٛز بیٚٹھکہِ جایہِ پننِہ زندگی ہندی اہم ژہہِ گُذآری متی

مرغوب بانہالی

# احد زرگرٕنۍ ترکیب سٲزی تہٕ شبیہہ کٲری

مشہوٗر صوفی شاعر احد زرگر چھُ حال حالے رحمتِ حق. تٕمسٕند شاعرانہ دیُت چھُ دارِ بلہٕ مَن اہم صوفی شاعرن ہٕندِس دٔنیس مُقابلہٕ پرکھاونس لایق۔ حالانکہ تِہُند فنی اظہار چھُ ترکیب سٲزی تہٕ شبیہہ کٲری ہٕندِس ماملس منز اکثر صوفی شاعرو نِشہٕ تبوٗت مختلف زِ یہٕ ہیٚکہٕ کُنی تقابُلی مطالعس منز ظاہر تھٕنہٕ سپدِت۔ اَمہ لحاظ چھُ تٕمسٕند فنکارانہٕ شخصیتھ کیٚنہ مُنفرد تہٕ نیرل پہلوَن پیٚٹھ تکاش تراونہٕ برونٹھ عالمی صوفی شاعری ہٕندِس تناظرس منز کیٚنژن بنیادی کتھن کُن اِشارٕ کرُن ضروٗری باسان۔

مثالہٕ پاٹھۍ یہٕ کتھ زِ یٚمن زبانن ہٕندین صوفی شاعرن ہٕندر پاٹھۍ چھِ مانہٕ زبانی سیٚتۍ وابستہٕ صوفی شاعرن ہٕندی زٕ غار شعوری اقدام تہٕ کاشرس تمدنس پوچھر کرنُک تہٕ تِہندِس قومی رُوٗیس خاص دِستار دِنُک باعث بنیمتۍ۔ ییٚتھ اَکھ غار شعوری مگر باگہ لورُت اقدام گو کاشر زبان اظہار و بیانہٕ رنگو زور دار تہٕ وسوار بناونُک تِہُند شعوری عملی وِیوہار۔ یَمہ صدی وادن پامال روزِ مژ یہٕ زبان مالامال گژھ صاحب اعتماد بناونٕچ چھے۔ دویُم گو تِہندِ طرفہٕ پزرٕ پاٹھۍ انسانی قدرن آبیاری کرٕنھ یا اخلاقی یا لوکہ شرافت پھانپھلاوِت پزرس تہٕ عرفانس آے بخشنُک اقدام۔ بٔڈین صوفی شاعرن ہٕندین یَمن دۆشونی اقدامن منز چھُ احد زرگرُن ویوہار

تہٕ شامل۔ حالانکہ تٔمِس باعنیانہٕ ذہن تہٕ دِل نعمہ صٲبنِس تہٕ رٔحیم صٲبنِس مطیع دِکامتس
تہٕ فرمانبردار دِلس برابر وفادار زانُنک مشورٕ ڈیُن باسیہ کینژَن تصوّف پسند
دوستَن عجیب ہیوٚ۔ مگر ییٚلہِ تِم تہٕ پرزٕ پیشِ نظر تھوَن زِ کانٛہہ نوٚو تعمیر پرٲنِس
مرمت کرِتھ بارسس آنُنہٕ خاطرٕ یا کانٛہہ نظامِ اخلاق اصلاحِ احوالس کُن متوجہ
کرنہٕ خاطرٕ چھُ تِمہ کِس کُنہِ ماہرس چھِس ذہنَن ڈِنُک بلکہ ذہنَن دِتھ تتھ ڈٲبہٕ ڈالس
کرنُک تقاضہٕ تہٕ پوٚرٕ ہیوان کرُن ییٚلی چھُ مرمتُک یا اصلاحِ احوالُک حق پوٚرٕ
ہیکان سپدِتھ۔ یموے تقاضو کینہ چھُ احد زرگرنین بظاہر اخلاق سوز باسوَن
بیانَن کُن موجناط رٕویہ پانناوُن پیوان۔ ورنہ چھُنہٕ تِمہ مروجہ نظامِ اخلاقس
تحت سرزٕنی زانُنہٕ ینس کینٛہہ شک۔

مگر تمِنٛدین اخلاق سوز بیانَن پیٚٹھ ہیٚکہ بے لاگ تہٕ غٲر جانبدارانہٕ رائے
تیٚلی قائم سپدِتھ، ییٚلہِ یِمَن صوفیانہٕ بیانَن ہِنٛدین سماجی محرکاتَن پیٚٹھ اکھ
نظرٕ ترٲونہٕ ییہِ۔ تکیازِ یِمے محرکات چھِ یِمَن بیکرَن تہٕ علامژَن زایُن دِوان،
یِمَن پیٚٹھ شبیہہ کارِی مشخص چھےٚ ہیکان سپدِتھ۔ کُنہِ مخصوص نظامِ اخلاقچ
پابندی ہُنٛد دعوا کرَن واجینٛہ بوسہٕ تہٕ غٲر عرب مشرقی بسنی آسی زیرِ بحث آینہٕ
یِژھوَن، یِمچہ صوفیانہ یا عبرت پسند شاعری ہِنٛدی ین آسہ زٕ اہم ترین سماجی
محرکات بطورِ پس منظر اکھ۔ اکھ گوٚ مشرقی مُلکن منز ورٕ ورٕ گینٛدہٕ آمُت سُہ
قتلِ عام یمیُک خلاف بے بس مگر حساس انسانَن ہُنٛد ردِ عمل نیم خاموش احتجاج
بنان رٕود۔ ییٚمہِ کینہ وقتی دَباوَن تحت سُے نیم خاموش احتجاج "گوِیم مشکل وگرنہ
گوِیم مشکل" حالاتَن منز اَدٕ ہیچ وَرگہٕ باوتھ ییٚلیہ ییٚمہ شاعری بارسس آنان رٕود۔ اَمیہ
قبیلہ کِین محرکاتَن ہُنٛد تعلق چھُ ہرہمیش نفسیاتی بیمار والین صاحب اقتدارَن
تہٕ احساسِ کمتری کِین شکار سیاستکارَن سیٚتؠ اوسمُت۔ اہم ترین سماجی محرکاتَن

ہُنٛد دٲیمہ سِلسِلُک تعلق چھُ اَتھ برعکس ییٚمہٕ پٔتھٕ وولی ڈٔنٛجہ تھوٚنہٕ خاطرٕ اخلاقُک تہٕ نظامِ اخلاقُک ناو ہیٚتھ انتہائی غار اخلاقی تہٕ پٔسنی اختیار کرَن والین تِمَن سماجی زٕٹھین تہٕ بظاہر سیٹھا با اثر باسہٕ وٲلین سرکردٕ مذہبی پیشوا ہَن سیتی آسان۔ یِموٚد سی ریاکٲری تہٕ مکٲری پوچھر لبان چھےٚ۔ یِمنےٚ متعلق چھُ مشہور شاعر حافظ شیرازین وونمُت:

؎ واعظان کاین جلوه در محراب و منبر می کنند
چون بخلوت می روند آن کار دیگر می کنند

یِہنٛدِس ریاکارانہٕ تہٕ مکارانہٕ رٕویس خلاف صوفی شاعرن ہُنٛد نیم خاموش احتجاج تہٕ چھُ پننہٕ شاعرانہٕ درجہ موجب ابہام ہنیومُت۔ یِتھ اَسہ پٔزیٚتھ دور کین حساس مگر بے بس انسانَن سیٹھا اتھین پٲٹھی جاوی روز ہُنٛز مجبوری ہُنٛد ناو تہٕ ہیٚکو دِتھ۔ نَتہٕ گیو مکمل خاموش احتجاج دِتھ ژٕیتھ پٔزِتھ بستی نِش ژٕلیتھ دور گوچھن تہٕ غارَن منٛز بہِتھ بگر اَتھ نہ سپدیہ ہو صوفیانہ رٕویہ وٕنیتھ نہ شاعرانہٕ تکلیا یہ رُؤیہ اوس ژٕلنیچ تہٕ فرار اختیار کرنیچ راہبانہٕ وَتہٕ ہٕنٛز مَنگ کران۔ یوسہٕ وَتھ خود مرکزِ نیٚنگ شکار اِزیکُ سہ شاعر تہٕ اختیار چھُ کران یُس وجودیت کِ نظرین سرد مہری تہٕ غار وابستگی ہٕنٛدِس تنٛھو مقامس وانوومُت آسہ یِتھ مقامس پیٹھ وٲتِتھ اَکھ شاعر مرغ سیاہ کہ منٛز یِنہٕ کلہٕ کھٹِت تھوٚنہٕ یِنہٕ یہ زانان چھُ بہ بسیدیوس پتہٕ لارِتھ سارِہِ خطرٕ نِشہٕ وقتی طور محفوظ۔ اَمہٕ قسمچہ خود فریبی تہٕ خود مرکزی ہٕنٛدِس رٕویس برخلاف چھےٚ کینٛہہ صوفی شاعرو عافیت کوشی ہٕنٛز تہمہ وَتہٕ کٲشراو منٛز ہمن ایثار تہٕ انسان نوازی تہٕ وَتہٕ چھُ پیوان۔ یِمَن وَتَن ہٕنٛز نشاندہی کرَن سخ چھےٚ احد زرگرنی شاعری اَکہ ہدوٚن ولو ہارک باس دوان۔ یہ چھُ سہ ولو ہا رُیس محض تنِند بلند بانگ فنی جودتہٕ کینہ تعذیر وتہٕ حکیم تکفیر نِشہٕ بچِت ہیوٚک۔

اَتھ سلسلس منٛز چھُ تشنز ترکیب سازی تہٕ تشبیہ کٲری ہٕنٛدِس تمہ دُسلاس

کُنۍ یوت اِشارٕ کرُن کٲنۍ ییمیٚک مشہوٗر ووج چھُ ضعٕ کافر سٕپدِتھ کوٗرُم اقرار۔ تہٕ کیاہ زٕ زرگر صٲبنِس اُتھۍ اَکِس نمایندٕ وَزنَس وارٕ سٕنۍ سیتۍ تہٕ چھُ تہنٛزن ترکیبن تہٕ تشبیہَن ہُنٛد واریاہ اَنٛدازٕ سٕپدِتھ ہیکان۔ مثلَن یِم ترکیبہٕ:

ہمیٖنِچ سیار۔ رِنٛدٕ چال۔ وصلُک زار۔ نِکاحِ باندبیر۔ اغیارٕ ی گانٛگل پیٖروپار۔ پرِکل۔ مثلِ دُشمن۔ عابد خانٕہ۔ الماس تیٖرِ تہٕ رنٛگمار غزل۔

یِہندۍ پٲٹھۍ ابتدٲیی دورٕ مِنٛز وٲنۍ ییٚتِس اُتھۍ وَزنس اَنٛدر تشبیہ سازی ہِنٛدۍ یِہنٛز ہیٚو کرۍ اَہار روٗ ژلاوٕ نۍ:

کافر سپدِتھ اقرار کرُن۔ ماٲلِس گردَن دِنۍ۔ اولادس گنیٖہ کرٕنۍ۔ وصلُک زار کینٛدُن۔ نکاحَن مِنٛزٕ اَنمۍ زَنانہٕ دَمہ دَمہٕ شیٖراچھ چوٚپ برادر پیٖروپار کرِنۍ۔ پتیٚس اولادٕ شُندٕ ماز پھٕلۍ کرِتھ دٕرۍ باوَس ژھُنُن۔ مِن پرٛٹھ یکِس صوٗرتَس مِنٛز اَلِتھ مازَس یاتہٕ تہٕ مِز دٕچھُن۔

یِم وحشتناک تجویز ییٚش کرَن وول یِہ باغی گوٚیہ مات چھُ کینٛژَن اظہارَن مِنٛز شرعی تہٕ اخلاقی حدٕ وٕ دتامِتھ پھٕٹران باسان، ییٚلہِ شہ انسانیتُکو تہٕ نظامِ اخلاقچۍ ساری سرحد ژٕٹِتھ یِہ تام وَنٛس وایہ چھُ یِہ بران زٕ "یِیس زاک تشی سیتۍ وٲجیل بَن" یا "ییٚ سوز محمدؐ ہیٚتھ قرآن" یا "ییٚ نِش نَعش ژٕ او ملکُ الجبار" یا "عٲیبد خانَن گوٚڈٕ دیوٕ نار" یا "آسمانکو ملک کرِکھ سنگسار" یا "زٲہد پھٲشیہ دِن مثلِ دُشمن"

ظٲہری صوٗرتَس مِنٛز چھُنہٕ یِمَن سیٚدِ ین بیانَن اَمہ ورأے بیٚیہ کانٛہہ معنیٖہ کٕڈنیٚچ گُنجٲیش زٕ عالمِ انسانیتکِس نظامِ اخلاقَس گرٛدھ آکہٕ ناندٕو نا چِہٕ سیتۍ ژٕ کی پھیٖرٕ کرٕنہٕ یُن تتھ حدَس تام زٕ اَحد زرگرٕنۍ گرٕ یِتۍ تشبیہہ وُچھِتھ ہرگاہ حیوان تہٕ رُسوٲیی تہٕ خجالت موٚحسوٗس کرَن مگر تِم خونخوار تشبیہہ

گژھن ہینن ناکام حسرتن ہُند انتقام ہیٚنِچ تہٕ انقلاب برائے اِنقلاب ترُوٚنٛتھ ڈیکناو ہیٚچ
انسان کُش تہٕ انسانیت سوز کاروٲیی جٲری تھوٚونۍ۔ یتھنِس نس چھےٚ یہ کتھ یاد پاوٕنۍ
ضروری باسان زِ حافظ شیرازی سُند یِم خیالات اخلاق سوز تہٕ عمل دُشمن قرار
دِتھ اٲدٕ اٲدٕ تُکہٕ میٚتھ چیکہٕ یِم چھِنہٕ احد زرگرنین خیالاتن ہندِس حدس تام تباہ کٲری
تہٕ غارتگری کانٛچھنہٕ کین منفی رجحانن چلے جاو بڑھان۔ مگر چونکہ یِمن منفی رجحانن
پیٹھ مبنی بیانن چھِ صوفیانہٕ لباس نالی۔ یتھیہ کینہہ یِمن منز ورگہ معنہٕ ژھانڈنہٕ ہیٚچ
کوشش کرٕنۍ ما سابقہ ایران تہٕ کشیرِ ہٕشِن سارنیٚ اُفین خوٚر بُستانین ہندِس
مزاجس یا اجتماعی شعورس اکھ قومی فریضہ ہیو باسان روٗد۔ اَمہ اجتماعی شعورن
چھُ یتھیٚ کینٛژن آوازٕ خیال مَتین قطب وَنا وَنکھ شرکوٗر مُت تہٕ تہنزن کمیٚژن
اوٚلہٕ دوٚلہٕ کِتھن چھُ الہامُک درجہ دِیاونس منز تہٕ یہ سرگرم روٗد مُت۔ تکیازِ کرامات
پسند لوٗکن ہُند اجتماعی شعور چھُنہٕ یِتھین بیانن ہندین سماجی عوامِلن تہٕ نفسیٲتی
محرکاتن کیٛو ہیچانن ننگ روادار بنان۔ اَمہ لحاظ چھِ احد زرگرنی یِم بیانہٕ در اصل
ریاکٲری تہٕ مکٲری ہنز آسمانی ملک بزاوہٕ تہٕ آمِتین یا نمن اٲندی اٲندی گنڈنہٕ آمتین
قلاین دِٹِہ داس کرِتھ انسانیت کین پامال ارمانن تعمیرِ نو کرنہٕ ہیٚچ تحریک دِوان۔ خاطر
سون مُدا چھُ دُنی کین صرف یہ وُچھن زِ اکس زوردار بیانہٕ والِس شاعرِ سُند ی
دُسہ چھِ تخریبی کیٛو تعمیری خیالات شکلاونس دوران لاز من نوِ ترکیبہٕ پرٛکھان تہٕ
نوٚی تشبیہہ دوان۔ تکیازِ شاعری ہُند کھٔر زچھُ اَمہ کِس استعاراتی نظامس منز
گژھُن آسان۔ حالانکہ یہ نظام چھُ بعضے عام فہم تشبیہن اندرٕ تہٕ کاڈ کڈان۔ مگر
اکثر چھُ یہ فکر انگیز ابہام گوی منز ے تسکین لبان۔ چنانچہ شبیہہ کٲری تہٕ چھےٚ
فکر انگیز ابہام گوی ہندِ پوٚتمو اہم زین وسیلو منز اکھ۔ یِمن ہُند تعلق ادبس
منز پیکرن تہٕ علامژن ہنٛدِس کرداران ہندِس بارس منز ہیٚنس چھُ آسان۔

اَمہِ لحاظ چھُ شبیہہ کاریٚ ہنٛدِس دیوہارَس پٮ۪ٹھ ڈٮ۪کہٕ بجر تہٕ حاصل زِ یہِ چھُ فنکارٕ سٕندِ شعوٗرکین اندرٕ ٹھن تہٕ نسبتہٕ رِ لاشعوٗرکین ژھایہِ گتِین ہُنٛد عکس تام ووتلاوِتھ ہیکان ۔ تہٕ کیاز بارسس بینہٕ وایس پٮ۪ٹھ شبیہس منٛز چھےٚ عام پاٹھۍ فنکارٕ سٕند بنُن وجوُد تہٕ جلوٕ گرسیدان ۔ یہے کتھ چھےٚ احد زرگرنہِ شبیہہ کاریٚ متعلق تہٕ صحیح ۔

مثلن یمہِ وفتہٕ سہ تصوفکرِ مبادیاتیچ یا بنیادی کتھن ہنٛز نشاندہی کران یہِ چھُ وَنان :

پیٚرٕ پیٚرٕ ژاوِتھ سیٚرکر ذات　　　ڈٕرٕ ڈٕر تھاوکشف و کرامات

گرٕ گرٕ ژھوپہٕ کاو وہٕ موتراو　　　فِکرَو گرٕ ژھو گرٕ ژھو سپر پٕرزناو

شاپٕرٹھ ہیوٗن کاٹھ بیٹھ لاگان شیر　　　کاٹھ کاینہٕ موٗرِ مابنہٕ شمشیر

پاٹھ پوشتَس پٮ۪یِا نیلہٕ کنٹھ ناو　　　فِکرَو گرٕ ژھو گرٕ ژھو سیر پٕرزناو

اتھ چھُ انداز سپدان زِ احد زرگرنِس شاعرانہٕ شخصیتس منٛز گُپت صوفی کتھہٕ ہنٛجہ بیٹھ چھُ پایہٕ تہٕ عمل پیرا یا کم از کم تمٕ سٕند فکری نظام کتھ عملی نظامس چھُ بارسس اَتھ یِژھان ۔ احد زرگرنۍ شبیہہ کاری چھےٚ تٕمسٕند مشاہدک منٛز نیرہٕ تیٚشرِ بلند آہنگی ہنٛد تھزر تہٕ موحسوس کرناوان ۔ یِتہِ مشاہدٕچ یہِ مثال ؎

بس لام اَلِف میمس میان　　　حیس بوزِ پھٕکے کرٕ پاڈٕ زان

اسلام کےٚ زینت چھُ کُفر　　　مَدٕ وَس تہٕ بدنس منٛز دِچھیرٕ

اَمہِ پتہٕ بلند آہنگی ہنٛز یہِ مثال ؎

بےٚ چھُس عالمِ اسباب اَبے　　　بےٚ چھُس چارٕ ساز کار سالار

بےٚ چھُس نایل بےٚ چھُس نیے　　　اَکہٕ نو کنٹیٚے گرٕ ژھ بیدار

تیٚشرِ بلند آہنگی چھےٚ سوزِ منصوٗرٕچ یہِ ترایہ تہٕ رٹان ؎

بےٚ چھُس آمُت از کہنیے　　　بےٚ چھُس کینہہ ہنجہِ زیہٕ ہُنٛد بہار

بےٚ نتہٕ پانے چھُس کینہہ نیے　　　اَکہٕ نو کنٹیٚے گرٕ ژھ بیدار

احد زرگرنہٕ تشبیہہ کاری منز چھُ اکثر جاین حکایتی عنصرتہٕ نظر گژھان قصہٕ دٲیر نکُ یہٕ عنصر چھُ وارہا فارسی صوفی شاعرن منز تہٕ درینٛچھی یوان زرگر صابنہٕ اکھ زیٹھا پٲد چھےٚ پیش ـــ

ٹھُہلس تہٕ پٹھہ بیٚلہٕ وُٹھ بنایے
توٚہ ژوٚل کھیوٚل ہیتھ آکاش وٚن
نورٕ کیس عالمَس نورٕ کےٚ ہوش
نور واٚ رٕتھ گو یورٕ کیس ژھین
منٕہ منزٕ تٕہ چھہس بشدونہٕ بایو
کھوٚنہٕ کھونہٕ دود ڈیٚتُے میٚے سنتوٚدایو
بدنہٕ مشیدٕ شیرِ عشقٕ سودایو
سیدنس زاہدِ نفسٕک سایو

پہلیو ہیکن ہیپھ رٹ جاے
رِنٛدٕ بن زندٕگی ہیٚرٕ کرٕ نتَ
نورٕ کیٚن سوٚختن نورٕ کےٚ گوش
رِنٛدٕ بَن زندٕگی ہیٚرٕ کرَ نتَ
ننہٕ ننہٕ پیٚرکرہم جامہٕ رِتی رِتی
گاہ ہیوم ہیمہٕ چوٚ گرایو سینتی
ژھِیدٕ نچہ کگنہٕ قلایو سینتی
گاہ ہیوم ہیمہٕ چوٚ گرایو سینتی

کاشرین صوفی شاعرن ہندِس کلامس منز چھِ وارِیاہ شعر غارضروری ابہامکہ بلکہ مالا یاٲنی ہندِ شکار سپدِمتۍ۔ تہٕ ابہام یُس فنِ شعرُک اکھ زیور چھُ سُہ چھُ غارضروری ابہامس سیتی تیوت خلط ملط سپدمت زِ اکثر کاملہ ہوِس پوخۃ کار شاعرس چھُ احد زرگرنِس مالا یاٲنی حِصس نِسبتھ لیکھُن پیومُت۔ "ابہام گوٚو نہٕ ہرگاہ کانٛہہ بٲتھ یا نظم شرنہٕ پرکھ بیر آسہٕ ہیتھ۔ یا تمِچ علامژ تُوٚ آسن یہند سمجنہٕ خاطرٕ انسانس غور و فکر بیٚییہٕ کرُن۔ بلکہ ابہام بنیتھ اُسی مُعجزٕ تہٕ خطرناک چھِ وَنان، گویا تہٕ بے معنے شعر وَنُن یا اکھ موضوع تہٕ خیال بیتھ یا گٕژھ بیان کرُن ییمِنٛک واتنیار ناکام آسہٕ روٗدمُت تہٕ یُس انسان انتہاٲئی کوشش با وجوٗد لٲبِت ہیٚکِنہٕ۔" تاہم چھُ کاملِ صابُن یہٕ وَنُن صحیح زِ احد زرگرُن وارِیاہ کلام چھُ مُبہم گوٚیی ہنٛدٕ شکار۔ خواہ سُہ کوٚت تہٕ صوفیانہٕ ییہِ تہٕ مانٛنہٕ، مثلن

یِم شعر

سوٗ رُخ شمعہا بہ چھیکمٕنٕت	سوٗ رُخ شمعدان کھوٗنہٕ میٖہتہٕ
سوٗ رُخ نوٗرس کران کِتھٕ	سوٗ رُخ پروانہٕ لولو
یِمیہ سِتھٕ ناگ عجب لایق	یِمیہ آب سِتہٕ وٕنی مُعلق
یِمیہ آگرٕ سیٖہ شہرس	یوٗمبرُ گومُت یِمیہ کارس

کامل صابن چھُ احد زرگرنہٕ اخلاقی نِظامس دِنہٕ والہِ پہلوٗ ڈُک تہٕ بجا پاٹھی جایزٕ ہیوٚتمُت، خاص کٔرِتھ بیٚلہِ تمہ بہٕ وَنان چھہِ زِ "احد زرگرنہٕ شاعری ہنٛز گوڈنیُک خصوٗصیت چھےٚ تِمَن تشبیہن، استعارن تہٕ علامژن ہٕنٛد ورتاو یِم اکھ خوفناک فضا بأدٕ چھہِ کران تہٕ کأشرس اَدبس اندر" لرزاوَن شاعری" Horror Poetry ہنٛز گوڈنیُک مِثال چھےٚ بنان"۔

ترکیب سازی ہنٛدِس معاملس منٛز چھُ احد زرگر پننین بٔڈین پیشرون خاص کٔرِتھ سوٗ چھِہ کرال، شمس فقیر، رحمان ڈارس تہٕ بروٗنٹھ ژلان۔ تہٕ یِمہٕ پاٹھی چھُ تِمہ پٕہٕنٛدِ کھوتہٕ زیأدٕ صاحب زبان تہٕ قادرالبیان صوفی شاعر آسنُک باس دِوان۔ سنسکرت آمیز ترکیبہٕ وَرتاونس منٛز تہٕ چھُ سُہ صمد میرس کھوتہٕ زیأدٕ پوٗختہٕ کار باسان۔ حالانکہ دوشوے چھِہ سانہِ صابہٕ اَنہٕ پرأسِمتۍ۔ زرگر صأب چھُ فارسی آمیز ترکیبہٕ بناونس منٛز اکثر جاین جِدٕنگ ثبوت دِوان۔ کینہہ مِثالہٕ پیش کرنہٕ بروٗنٹھ چھُ یِتھ کتھِ کُن اِشارٕ کرُن ضروری باسان زِ بظأہر چھُ ترکیب سازی ہُنٛد دیوہار اصطلاح سازی ہنٛدِ دیوہارٕ کھوتہٕ سہل۔ تِکیازِ ترکیبَن ہُنٛد خام مواد چھُ لِسأنی میراثس منٛز یانے تِمَس ہنٛدِس قومس سیٖتۍ وابستہٕ روزٕ مرژَن زبانَن ہنٛدِس مِل ہِشہ سرمایس منٛز موجوٗد آسان تہٕ صرف اَمہِ خام موادٕک یا لفظ راشنگ تلہٕ تراوٕ تہٕ دۄیوٚ یا دۄیوٚ کھوتہٕ زیأدٕ لفظن ہُنٛد مرکب ورتاو چھُ ترکیبَن زایُن دِوان۔ بیٚلہٕ زَن اصطلاح سازی

منز بنیادی لفظ تام تھٲونی باگرنی چھ پیوان۔ مگر اتھ نس پتھ بیتھ وچھن زِ ترکیب
سازی منز تہِ چھ برابر تیوٗتے ریاضت تہ زبٲنی ہُنٛد عرفان آسُن لٲزمی یوت اصطلاح
سازی منز آسُن گژھِہ۔ یہ کتھ چھ اَسہِ گوڈے زانان زِ کاشُر زبان بخناوٕنس
منز چھ سیٹھا بوڈ حصہ سانین صوفی شاعرن ہُنٛد۔ امیُک انداز ییٚکہ اتھ زبٲنی
منز فارسی کس مولانا جامی ہِنٛدِس پاٹھی خاتم الشعراء یانے آخری بوڈ صوفی شاعر
آسنک درجہ ہتھوان ہاوس احد زرگر صابُن کلیم کلامہ زیرِ نظر آنِنہ سیتی لاگہ نہ ییہہ۔ یہ
چھے بیاکھ کتھ زِ زرگر صابن ییمو وٲرث چھینہ ییٚہنٛد کلامہ دستیاب کرنس منز زیادٕ
وسعت دِلی ہاوان۔ ترکیبن ہنز یوسہ رنگا رنگی احد زرگرن رٔچھ چھے کٲم
تیچ کیٚنہہ مثالہ چھے یِم :

(ا) معرفتہ مے۔ گاشک باٹنی کار۔ جلوٕک نظارٕ۔ کار سالار۔ تقدیرٕک
موختار۔ کینٛہ نیہ زرے۔ زیٖٹہ ہُنٛد بہار۔ ژھوٚپٕہ کاو۔ ہرِ کلہ پوش چھ چھال۔
شاہ ہون۔ کاٹھ کانہ مول۔ راتھ رٲچھ۔ باغ ناز۔ اسلامُک زینت۔ انفاس
تنہا۔ بے نمون۔ غرقہ شکر۔ پانہ ژینر۔ سیر جلاد۔ عقلہ ہُنٛد افسر۔ نقلِ تصویر
شکلہ ہُنٛد دفتر۔ اسرارِ حق۔ سجدِ چ گراو۔ مستی ہِنٛد رقم۔ ہوتہ ہاہک بساو۔
بندِ بازی تہ پھندِ بازی۔ دریاے اکبر۔ آبکو جاناور۔ آتشی ناو۔ دردِ کرایہ۔ ہیمہ چہ
گرایہ۔ پرمایہ۔ بدرایہ۔ عشقہ سودائے۔ کنہ قلائے۔ ژھیدِ نیہ قلائے۔ شمہ سیتھ۔
دلہ حسرتیہ۔ خانہ نیہ ملہ ون۔ بدرنیہ مشید۔ نفسُک سایہ۔ وصلیچ رائے۔ کیٚنہہ نیہ کل
ہا صلاتی نیہ خبر۔ نورٕچ سکھر۔ زِندٕ مرُن۔ ہیمُک زیور۔ ہیمُک جرعہ۔ حتیک ظہور۔

(ب) جوشِ درون۔ جوشِ برون۔ صفاتِ قدیم۔ ذاتِ قدیم
دوکان درجان۔ جلوہِ یزدان۔ نورِ ہاشمُک نور۔ پراگاشہِ ولور۔ نورِ اسود۔ نورِ
مرجان۔ نورِ سفید۔ نورِ یاقوت۔

(ج) ہشہٕ تپسی۔ ہشہٕ شنکا۔ ورٕش باوُن۔ ورٕش ڈیُن۔ میگ مل گالُن۔ بھگوانس زلُن۔ شاستر چمکٹ۔ ینہ یہٕ پدوی۔ سیوا کار۔ کیبولہٕ کیبول پچھان۔ پاٹھہٕ پوش۔ اوٚمک آلو۔ رامہٕ زُباۓ۔

(د) سحہٕ گنج۔ ستہٕ رٕنگہٕ جانوار۔ سحہٕ آف۔ ششکلہٕ گمتہٕ۔ بٹھاک برہزار۔ ہفت ناگ۔ ژٕن ہُنٛد سودا۔ دوٚن ہُنٛد لال۔ ژوٚن ہُنٛد رام ہُنٛد لے شن کوشن۔



محمد یوسف ٹینگ

# گُل وصنوبر — اکہ ربوائیر مثنوی

مثنوی لفظ چھُ عربی ’’ثنیٰ‘‘، ینٛہ ذراٛمُت ۔ یمیُک مطلب گوٚو ’’ژورہٕ‘‘ یا ’’ہوٚر‘‘ (رٔٹے ہوٚر نَفرٕ ہوٚر) اَتھ چھُ سیٛدٕ سیٛود مطلب زِ اَمہٕ کِس شارس گژھن ردیف یا قافیہ تہٕ نتہٕ فقط قافیہ کے بوت ہشر آسُن ۔ عام طور چھےٚ مثنوی بیانیہ شاعری یوسہٕ رزمی یا بزمی آسہٕ، خاطرٕ وار تادینہٕ لیوان ۔ ہر گاہ اَسہ اُردو والین ہٕنٛد یہ دعویٰ تسلیم کرَو زِ بابا فرید گنج شکرؒ ( وصال: ۱۲۶۵ء) اوس اُردوٗک سارِوٕے کھوتہٕ بروٗنہیُم مثنوی نِگار تیٛلہِ چھےٚ اَمہٕ قسمیٚچ مثنوی اَسہٕ شیخ نور الدین نورانیؒ سٕنٛدِ ین فیقہی شاعری منٛز تہٕ دستیاب گژھان ۔ بہر حال کاشرِس اَدبس کُر اَمہٕ شارٕ ذاتھ گنٛوہیمہٕ صدی عیسوی منٛز ژھٹ۔ یُس تاریخ زِ ونیُک تام کیٛن معلوماتن ہٕنٛد تعلُق چھُ ۔ اَمیُک باضابطہٕ سلسلہ کوٚر محمود گامیٛن ۱۱ ہیمہ صدی ہجری ہٕنٛدین آخری وَریَن منٛز ۔ سُہ چھُ پننہِ مثنوی ’’شیرین خسرو‘‘ منٛز لیکھان ع

ہزاراں رحمتِ حق بر نظامی — غلام درگہش محمود گامی

بہ روز چار شنبہ ماہِ صفر — بکشمیری زبان گفتیم خوشتر

ہزار و دو صد بود از یکی کم — گذشتہ ہجرتِ سردارِ عالم

پتہٕ ذراہ کنٛوہیمہ صدی منٛز بسیار شاعر ییمَو اَتھ مِقدار تہٕ معیارٕکنہِ کوٚت ہُرہٕ ہُر کوٚر ۔ مقبول شاہنیٚن ’’گلریز‘‘ چھےٚ ظاہرا کاشر مثنوی ہٕنٛد عروج پیش کران مقبول شاہن ژٕھٹ اُردو کِس مرزا غالبہٕ سٕنٛدی پاٹھو مثنوی اکہ باضابطہٕ قسمیٚچ لادِن ۔

تمہٕ کرِ اَتھ منٛز طنٛز تہٕ سماجی حقیقت نِگاری ہِنٛدِ تجربہ تہٕ "گرٛیسہٕ نامہ" "پیٖر نامہ" بیتر چھہٕ اَمیُک شہادت۔ اَکھ کرٕ تمہٕ یہٕ صنعت خالص منظر نِگاری خاطرٕ تہٕ استعمال تہٕ تہنٛز مثال چھےٚ "بہار نامہ" بیتر۔ بہر حال۔ وُہمہٕ صدی تام پیوان ہیوٚتُن اتھ شاہرٕ ذاتس شہہ ژھو کرٕن۔ توٚے چھِنہٕ اَمہٕ بیٚتھ صدی منٛز کانٛہہ شاہکار مثنوی درینٛٹھ یوان۔

احد زرگر ہرگاہ تہٕ وُہمہٕ صدی ہِنٛدین ساریوٚے کھوتہٕ قدآور شاعرن منٛز چھُ مگر صنفیٖن ہِنٛز مجبوٗری تہٕ بنٛیہٕ کیٖنٛہہ وجہ چھہٕ تس "گُل وصنوبرس" منٛز اَکھ دوٚیمہ دَرجُک مثنوی لیکھ ناوان۔ احد زرگر چھُ روح کین ظُلماتن تہٕ عشق کین آولنین ہُنٛد شاعر۔ تیٚہنٛز شاعرانہ سایکی چھےٚ بیٚنٛگ دار تہٕ وردار تجربن منٛز پیٚنٛوٚ اصیل خصلت ہاوان۔

توٚے چھُ سُہ وژنن تہٕ غزلس منٛز لالن اثر تہٕ سو کھٕتس گنٛج کران بجر بیانیہ شاعری منٛز یُیتہٕ صرف خارجی واقاتن یا قصہ خانٛین پیٚٹھ چھُ دیٚتھ پیوان، چھُ اَرہ تہٕ عاجز ہیوٚ یوان۔ وُون گوٚ یہٕ کیٚتھ چھےٚ تیٚنٛدِ پیچیدٕ ذہنچ ژرٕ ہاوان نہٕ یم زٕ قصہٕ تمہٕ پنٛنہٕ بیانہٕ خاطرٕ ژارٕ کر ہیٚتو چھہٕ۔ تم نہٕ چھہٕ مذہبی تہٕ نہٕ عشقی۔ یم چھہٕ کیٚنٛشرٕن ہولناک تہٕ ہیبت انگیز ماحولن سیٚتو تعلق تھاوان۔ اَکہٕ ہنٛد روٗن "چھہٕ اَکھ انتہائی لرزہ خیز مگر پُر معنی قصہ۔ مگر احد زرگرن چھُ یہٕ پدٕ چالہٕ لیوٚکھمُت تہٕ توٚے چھُ یہ سانہٕ موضوعہ نیٚشہ خارج۔

احد زرگرٕ ہنٛز مثنوی چھےٚ "گُل وصنوبر" اَمیُک موضوع تہٕ چھُ ہے بُنٛگ تہٕ حاران کرن وول۔ اَکھ خوبصورتھ بادشاہ باے کیٚتھ کنٛو چھےٚ پنٛنہٕ نِس خوش شکل لولہٕ دالیس تہٕ عزت دار خاندار پادشاہ بیٚنٛز لرٕ تل نیٚبرٕ تھ راتھ کیٚشُت اَکس خوفناک منٛزٕ واتان تہٕ تتہٕ کیٚنٛشرٕن کیٚنٛٹہٕ کال تہٕ بد صورت زنٛگین سیٚتو اجتماعی ہم بستری (GROUP SEX) کران۔ تہٕ پتہٕ راتھ کیٚشُت واپس واتِتھ پنٛنہٕ نس بے خبر روٗنس نیٚشہ بنٛیہٕ لرٕ ژاوان۔ زمانہٕ ہیٚنٛز جنسی ترایہ ہُنٛد یہٕ پہلو چھُ پرانہٕ زمانہٕ کین قبائلی تہٕ جادوگری رسمن ہِنٛدِس

زمانس سیتؠ تعلق نفاوان تہٕ آہنگ ترچھ وتھ تسندین لاشعورس تام رٲنٹھ کڈان۔ یہ چھنہٕ محض خیالہٕ کانہہ اتفاق یا بل۔ بلکہ چھ اتھ احد زرگرنس وُچھنہٕ ذہنس سیتؠ اکھ باطنی تعلق۔ سہ چھ عام طور انسانی رشتن تہٕ عقیدن ہندس دٕکھٹس پہلووس کن نظر تلان۔ تہٕ اَزٕ کس انسانہٕ سندین تمن اَلمیتن چوٚرہٕ کران۔ یہم فطرتہٕ نِشہ دوٗرٕ رِکنہٕ تس تعصبو تہٕ توہمو اکادِ کرِ ہیتھ چھ۔

احد زرگرٕنی یہ مثنوی کینہہ سنس منز چھپے چھاپ کٲمژ۔ تہٕ چھنہٕ اتھ کینہہ لیکھت مگر اتھ چھ یہ حیثیت نٲشر تسندین فرزندو رشید احمد سُندناو لیکھت اَمہٕ علاوہ ہیٚمہٕ پرٕ پٹھ ناو اتھ پیٹھ درج چھ۔ سہ تہٕ چھ نوٚو نوٚوے۔ غلام نبی خیالُن گفت چھ زِ میٚلہٕ تمو ۱۹۷۴ء منز احد زرگرُن اکہ نندُن ژھوٚنڈ۔ تس نیٖبوو زِ مثنوی "گل وصنوبر" چھے وُنہٕ مسودٕ چہ شکلہ منز ے شاعرس نِشہ موجود۔" (اکہ نندُن۔ شایع کردہ کلچرل اکادمی)[1] اَمہٕ کنہ چھ باسان زِ یہ چھے بس حال حالے شایع سپٕزمژ۔ مثنوی ہنز

---

[1] "گل وصنوبر" چھے کٲشرِس منز گیرکہ محمد شعبان صوفی تہٕ نظمٲومژ۔ اتھ مثنوی چھ لیکھت "تمام شد در سنہ ۱۳۹۳ھ" مگر تعجب چھ یہ زِ اَمہٕ کس اَندس پیٹھ یُس ابجدی تواریخ حافظ محمد حسین وفائی اندروٲرِ چھ لیوٚکھمت تتھ منز چھ چھاپ کرٕھنک تاریخ سنہ ۱۳۴۹ء لیکھنہٕ آمت ع

مہر دلدادہ گُفتا تام و تاریخ     ز طرزِ خوب موزوں گل صنوبر

یہ مثنوی چھے بہر حال کٲشرِس منز احد زرگرٕنہٕ مثنوی زِ ہٹھ۔ بیٚیہ چھے یہ نہمہ کھوتہٕ ژھوٚٹ تہٕ تہٕ بٔڈر چھ زٕ داستانُک لحاظ چھ احد زرگرنہٕ کھوتہٕ زیادٕ منظم تہٕ دلچسپ۔ اتھ منز تہٕ چھ اردو ماخذکے ذِکر کرنہٕ آمت ع

وُچھم اُردو زبانی نثر پٲٹھی     وٕنم کٲشر زبانی نظم پٲٹھی

صِنف چھےٚ وُنہٕ موجود تہٕ اَتھ منز چھِ لَر پھِرُن دِتھ اَکھ نوٚو زندگی حٲصِل کَرنچ تُوژھ موجود ۔ مثلن علامہ اقبالُن "ساقی نامہ" یا سردار جعفری ہُنٛز "جمہور" بنیہ تون۔ یِم چھِ مثنوی فارسَس منز آسنہٕ باوجود بنیہ نظمہ۔ کاشرس منز تہٕ ہیٚکہِ اَتھ کُنہ ساتہٕ یِیتھےٚ باگُش گژِھتھ۔ مگر تیٚوٚت کَرِتھ چھےٚ احد زرگرنی "گُل وصنوبر" اَکہِ رِوایتُک اٰخری اَندٕ بیٚتھ کینٛہو پانہٕ احد زرگر اَکہِ رِوایتُک لیکھت چھُ۔ یہٕ مثنوی چھےٚ کلاسیکی مثنوی ہنٛدِس مُستند قٲلبَس منز بَھرتھ آمژ۔ اَتھ حِصَس تام زیٚ اَمِکو عُنوان تام چھِ فارسی پٲٹھۍ۔ مثلن ؎

"روانہ شدن الماس برائے دیدن مہرانگیز"

---

(پیٚمتہِ صفحُک فُٹ نوٹُک بقیہ)

بہ اُردو ناو چھےٚ تتھ گُل صنوبر ۔۔۔ مےٚ وَنتو گُل کران کیاہ با صنوبر

اَتھ مثنوی منز تہٕ چھِ اَحد زرگرنہٕ مثنوی ہنٛدی پٲٹھۍ اَسنہٕ وِز پوش ہَران تہٕ اَتھو پھیرِ و سو کھیتہٕ دانہٕ بَنان ع

اَشکو دانہٕ وَدان خاتونہٕ بال پیٚیے ۔۔۔ بہرِ دانہٕ بَنان دُردانہٕ تتھ یےٚ

ز مجلس خندہ کوٚر خاتونہٕ بسیار ۔۔۔ خندہ سیتی ہرِ پٲیس پوشہٕ انبار

اَتھ منز چھِ زنگیَن سیٚتو گُل ہِنٛز ہم بستری ہُنٛز دلیل تَزِ پیٚہن مگر تو تہٕ کھوٚژرِ کھوٚنڈِ ع

پلنگس پیٚٹھ کھَسِتھ ہیٚم بیٖٹھ باناز ۔۔۔ وچھان چشمو وَنے کوتاہ دوٚدُم ماز

وُچھان چھُس دارِ کِنِو بوزیر تامتھ ۔۔۔ یُتھےٚ زنگین کرُن ہیٚوٚت استراحت

یہ گُل ساونی ہیٚیُرتھ تمو سیتو پانس ۔۔۔ بہ روزتھ زیٖر تامتھ انتظارس

کرُن ہیٚوٚت زنگین بوسہٕ کنارہ ۔۔۔ وُچھت مےٚ گو دِلَس یتھ حال بدتر

قصہ ہرگاہ گۅنٛڈ چھُ مگر کبیر صابن چھِ کیٚنٛہہ غارضروری تفصیل تراوِتھ ژھوٚٹ ہیٚو مگر شاعرانہ امکانن ہِنٛز یوسہٕ زیٚتھ احد زرگرس نِش گژھان چھےٚ، کبیر صابس نِش چھےٚ سو کم کامے تَرِ پرزلان۔

احد زرگرٕنؠ لہجہ تہٕ وَکھنے تہٕ چھِہ اُتھو انداز س منز تِتہٕ توٚرے ہیکوٚ اَتھ کأشرِس منز کلاسیکی مثنوی ہٕنٛزِ رِوایتُک اَندٕ وٕنِتھ۔ وونی روز یہِ اسلوب تہٕ انداز حرف لائبریری تہٕ حوالہٕ کِہن ادارن منز موجود۔

یہ قِصہ چھُ اکثر کٲشرِ ہن مثنوین ہنٛدی پأٹھۍ فارسی پیٹھٕ آمُت مگر احد زرگر اوس نہٕ فارسی زانان۔ تمۍ چھُ یہ کمِہ تام اُردو قِصہ پیٹھٕ تُلمُت۔ پانہٕ چھُ لیکھان زِ

یہ اُردوٕ پأٹھۍ وَننہٕ اُسُس آمُت
اَکِس دوٗن دوستن اُس کُل مٲنٛے ژامُت
تِمو دوٚپ پیٚہم یہ کٲشرِ پأٹھۍ وَنتَو
دِلن سانِین موافق وارٕ اَنتَو

احد زرگرٕنؠ چھُ یہ قِصہ دوٗن مرحلن منز وٕنمُت۔ تہٕ باسان چھُ یِمن دوٗن مرحلن منز چھُ ژُری تہٕ وادن ہُنٛد دوٚر۔ قِصہ ہرگاہ داستانچہِ دلچسپی ہُنٛد پور وٕنیتران چھُ۔ مگر اَتھ یوٚسہٕ باقٕی چھیکرس چھےٚ کرنہٕ آمٕژ۔ تمہِ سیتۍ چھُ نُنان زِ تمۍ چھےٚ آمٕژ گِنٛتھ ژھینہٕ گرٕھینہٕ پیتہٕ سبٲوٕ دُے تکۍ بنٛدی کرٕمٕژ تہٕ پتہِ پیٹھٕ شین تروومُت مثلن گُل کیو [illegible] شاہ اُسنس وٕلقرینہٕ منز ژٕلیتھ زنگین سیتۍ ہم بستری کران۔ یہ چھُ بدٕ تقطیع چہ آمہٕ مثنوی یتھ منز ژورٕ و سامو کھوتہٕ زیادٕ شار چھہٕ ہُنٛد نقطہ کمال تہٕ کلائمکس اَتھ جایہِ چھےٚ کتھہِ واش کڈنہٕ تہٕ فلسفیانہٕ تہٕ نفسیاتی رمز وَننٕچ وارِیاہ گُنجائش۔ یہ موقعہ چھُ احد زرگرنِس شاعرانہ مزاجس تہٕ نوکتہٕ ویژھناوٕنٕچ آزادی غلط کران۔ مگر باسان چھُ زِ پتہٕ تل لٕھوٚکرٕ مٕتِس اَتھ مشسودس اُنٛدت دِنٕچ اُمن نِس تیژاہ لایہٕ لار۔ زِ یہِ چھُ بَس دوٗن ژٕین شارن منزے کتھ ژھٕنان۔ تَس آیہِ ہے تمہٕ وِز ڈسلایچ زٕنیتھ تہٕ ژھینتہ کأمٕژ۔ اکھ سبب ہیکہِ یِنہٕ اُسِتھ زِ اَتھ جایہِ نِمبروٕ نِس اُسو کینٛہہ سماجی تہٕ اخلاقی ٹھرکٕ احد زرگرٕنؠ سماج ہیکہِ ہے نہٕ یہ برداشت کرِتھ۔ تَس اوس لوکہِ حارس منز نِمبروٕنِس پیٹھ

حُکمِ کُفر دِنہٕ آمُت۔ بجُرمس منز اٰسہٕ نہٕ شاید تَس یہِ سورُے ژالُن نوٚژھ روزِ ہرژنہٕ اوٚسے پوٚاک سُہ سرسری پاٹھۍ برٛونٛہہ۔ گُلہِ چھُ زنگین نیشہِ واتنس ژیر گومُت۔ تِم چھِ تَس مار دوان تہٕ امیُک سبب پرٛژھان۔ سُہ چھےٚ درجواب ونان۔ تُسُند روٚن چھُ ژھیپہ دِتھ یہِ سورُے بوزان ع

یمہِ تُلِ ژایہِ اَتھ زنگی مکانَس ۔۔۔ تیٚتھےٚ وایِس کُڈکھ لیٚجِ امتحانَس

تُلُک تُمِچ دچھنہٕ کھوفر چھہ وایان ۔۔۔ رٹِتھ اَتھ کھور اُمِس پُرزور لایان

مےٚ دوٚپ تُلُ جان بحق گےٚ روح تِمِس ژاو ۔۔۔ یہِ کڈٕ موتن سیر راہ ترونس واو

مےٚ اَز تام لوٚیمُت چھُنہٕ پوش اٰسے ۔۔۔ دوٚپم از پوش ڈلہِ ماہوشس اٰسے

بہٕ ادشس بی وَنان گَیہِ تھوٚدوٚ اتھ جَل ۔۔۔ پنُن سر زنگین ژروٚن کھو رَن تل

سیٚٹھا اُمی زنگین کرُ آہ و زاری ۔۔۔ مےٚ گو از ژیر اٰسہم بے قراری

دوٚپس زنگیو سَبب اٰمِکےٚ ژٕ پوٚز وَن ۔۔۔ نتہٕ سانِہ دِلن گو چون بد گُلوٚن

ژٕ یٚے چھےٚ نازنِہہ گومُت یُتھ ژیر از تام ۔۔۔ کوٚرُت کمہٕ بائشہٕ اَز مےٚ دنِہہ شام

جواب ڈیتنکھ سُہ شاہِ خوفتہٕ اقبال ۔۔۔ ہُشیار از اوس روزِتھ واریاہ کال

بہٕ آمژ آسہٕ ہا نتہٕ کیتہٕ کانٛہہ ۔۔۔ فکرِ اٰسہم سیٚٹھا تہٕ ہندے وحانٛہہ

ہِمو محبوبوٚ ہے بوز پُنز حقیقت ۔۔۔ نیٚیک وایَس کرِنہٕ لگو عیش و عشرت

یہ بیان چھُنہٕ تَسُنے یوت اَمکہِ زڈ والنس برابر۔ اٰصل قصَس منز چھےٚ امہ وارِیاہ ویژھنے موجود تہٕ یہ چھُ تِمہ انداز برٛونٛہہ کُن نیوان زن تہٕ یہ تنتر (Tantra) رَتُو مُن ہُنُد اَکھ حِصہ چھُ۔ احد زرگرن چھ کِنتھ ڈالِتھ تہٕ امیُک تاویل کرِنہٕ وَرائے قصُک سورُے مقصد کھو کھرتہٕ بے لوٚژھ ہنوومُت۔ سُہ چھُ پانہٕ وَنان ع

دپیومُک چھُس بہٕ اُمی چھُم نہٕ پوٚرمُت
بہٕ چھُس ناخواندہ کیٚنٛہہ نے چھُم سوٚرمُت

وَنے سَنہٕ اوس کُنہٕ ہاٚٹھ تَتےٚ ترٛواہ شیٚتھ
۱۳۵۹ھ

نِصِف اُسِم مےٚ وَنی ہرٕ ایہِ حکایت

نِصِف اوس روٗدمُت باقے مےٚ ییتھ منٛز

سیٚٹھاہ یُتھ کٲلی لٔگِم فُرصَت کوٗرُم تٔمنز

دوہن کینٛژن کٔرِم تِہِم چھہ کینہہ پوٗر

کٔرِم کوٗشِش فِکرِ ییٚمہٕ چی گیٚیم پوٗر

یوٗت کٔرِتھ چھُنہٕ مثنوی شاعرانہٕ تٲثیرِ نِشہِ یکسر خٲلی۔ اَتھ منٛز چھُ احد زرگرن بظاہر ساد مگر در حقیقت وُریبہ انداز بیان وارِیاہن جاین شولان۔ احد زرگر اوس شعر ووٚپرن باٚنی زانان تہٕ پرٛتھ ہیکان۔ یہ بنیہِ پتس اکھ خوٗبی تہٕ کیازِ سُہ چھُ خواہ مخواہ ابہامُوتھ بیانیہ پسند کران۔ تورے چھُ گُل وصنوبرس داستانہِ چیرِ دلچسپی رٔنگو وارِیاہ لُطف اَتھ منٛز چھِ وارِیاہ کردار۔ وارِیاہ فوق الفطری عناصر تہٕ وارِیاہ عجائب یوان تہٕ یِم چھِ اکھ دلچسپ فنطاسی (Fantasy) بناوان۔ ہر کٲہِ گُلی ہٕنٛدِس کردارس سیتھ تہٕ انصاف آسہِ ہے کوٚرمُت۔ یہ بنہِ ہے اکھ بے حد رنگین تہٕ معنی خیز قصہ۔ مگر ییتھ ییتھ شاہ پتس موقہٕ آمُت چھُ۔ سُہ چھُ پنُن غیر روایتی خیال ورتاوان۔ مثلن حمد کرِ

نوم شار نی تو ع

حمد زیٚبے کرُن دِتھُن یُس دِل چھُو گنجین — تھوٚوِتھ منٛز باگ تتھ اسرارِ رنگین
حمد زیٚبے کرُن ہنو وُھتس پائے تامر — سرس اندر مےٚ تھوٚو تھم میرا اکبر
درون ہر دم تُلو تیٚنگل مےٚ تراوِتھ — ادب روٗ چھمے بروں زیٚبے شعلہ ناوِتھ
لباسِ جسم میوٚنے وونی دٔزِتھ چھو — زِ مےٚ روٗس کُس ہیکہٕ باوِتھ چھُنہٕ سعی زیو

یکتاہ ہٕنٛدِس مرکزی کردار مہرانگیز۔ ہٕنٛدِ سراپا چھُ اکثر غٲر روایتی مگر آخری شارن پیٹھ چھُس "گُلریز" ہٕنٛدِ اثر نوٗن ع

ہوٚ نٕچ منٛز گٔیہ ماران آبِ حیوان گرٛہان یم گٔشتہ تتھ منٛز زندٕ سپدان

زنخدانس جہانس رٕژ چھپن جاے وٚسن شرانس ملکھ پانس کٔڈان گرٛاے

مژٕ زن پوش لٔنجے چھُس بدن ہی ودن قاتم وُچھِت تمی ہنٛز سو نزٕکی

بہ خوٗبی تے بہ پاکی کیاہ چھ تس چاو چھُنہٕ لوٗگمُت تمِس یادن لٔنجے داو

دُرِ عصمت تُشنٛد رٕوزِتھ چھُ روٗپوش رٕوٗٹُن نہ سخت الماس زلنہٕ تہٕ در گوش

منظر نگأری تہٕ بیانکو کیٛنٛہہ زبر نموٗنہٕ وُچھو ع

عجائب چال ڈٔیچھٕٹِن تتھ مکانس بنیوٗمُت زن سُہ اکھ ہے موکھتہٕ دانس

اچھے دارے یس ییٚتھ کونہٕ لوٗبن لچھے بُدی ہٕنز ییٚمِس قو ربان قنٛوین

ہُما چھہِ کھیوان بژور کھیو کور موشن مٔہس ہوٗ ست ہِنٛکلِتھ کوٗتی چھہ روشن

کنیشوٗ کوہ آبہٕ چھکہ سیتھن گلِتھ گوٗ بیٚیے بوز شپن ڈٔیشِتھ موم ویٚگلیو

پکھہ گیہٕ پأدٕ ہرنس مأنش ہیِتھ ژوٗل ژرے عنقا سپُن تس رنگ ہنٛز ڈوٗل

پنٛنٕ گدٕرن ہُنٛبھ ہتہ جویہٕ بوٗون ژھتھے تمہٕ جویہٕ پلہٕ نے پان چھووُن

تُشنٛد یُتھ تأدِ ہُشنٛد زن سیاہ اوس ژٕہیو کھعہ تہٕ زیادٕ کم کراکھ موہ ماہ اوس

بہ تیغ چھینہٕ کأنسہٕ اکی ہے بادشاہس بییک ہنز بہٕ ژٹان کوٗہن چھُ چون عکس

گرٛہان سنگ لانشنے منٛز پارٕ یکدم وٚسان زن صابنے منٛز تارٕ یکدم

( پرانہٕ زمانہٕ یوٚسہٕ کأشر صابن سنز ژأوِتھ بناوان آسی ۔ سوٗ اُس اکھ لختہٕ ہش آسمان تہٕ اُمس تار دیتِتی ژٕٹنہٕ یوان )

قلعہ چھہ رزمی مثنوی ین منٛز اکھ اہم حصہ ادا کران ۔ مگر کأشرِ پوٚتِیلہِ مثنوی ہاہہٕ ہنٛز لیکھنہٕ، تمہٕ ویزٕ اوس تِمن زوالی آمُت تہٕ یم چیز اُسکھ مُشتھ گأمتی، مگر احد زرگر چھُ بہرحال اکھ نُمایاں تصوٖیر پیش کران ع

دلاور تنِ تنہا اوس کُن زوٗن قلعہ اکھ دوٗرٕ بلند شان ڈیوٹھن

جنتگی سامانہٕ پیٹھٕ قلعہ کین دیوارٕن    نمٕتی رٕنگا رٕنگ اسٕ شفقہ ماران

بہ عظمت زٕن ٲبڈِس کوہسٕس برابر    بہ رفعت تا سماوات زٕن نمیٚتھ مٕنز

زبعد آں کٕڈِن تمہٕ حبابہ از تن    کرٕہس اُچھ ناوٕ تمہٕ آبِ زُلالن

نفس چھُ عام طور صوفیین تہٕ پرانین شاعرن نشہ پامَن تہٕ دولامن ہٕشد نشانہٕ، مگر احد زرگرُن غارٕ روایتی انداز فکر چھُ نفسُک بیاکھ تصویر ہاوان ۔ نفس ییٚتھٕ کٕ معرفتہ کائیناتس سیٚتی رِشتہ تہٕ نالہٕ موٚت سپدتھ ہیٚکہ۔

چھُ نفسے عاشقن ہادی تہٕ دمساز    چھُ نفسے عارفن ہُند سوز تہٕ ساز

چھُ نفسے مٕنزلن پیٹھ واتناوان    چھُ نفسے یارٕ سُند دیدار ہاوان

چھُ نفسے روح زٕن میانِس وجودس    چھُ نفسے نوح زٕن میانِس شہودس

الٰہی نفس میون بُتھاو کامِل    الٰہی حبا م نفسُک چاو قابِل

سراپا ہُک اکھ نمونہ ویوٗہ چھُ ییٚمہ آیہ۔

تمیٚس گُل فامہ سیٚے ماگمہٕ ڈولمُت    تُہے تٕر برگِ گُل گومُت تہٕ پھوٚلمُت

بوقتِ شانہٕ گومُت مو پریشان    تُہے روٗد درسیاہی آبِ حیوان

تسٕند ماھُبیچہ کٕس واوس دِلس خار    بوقت سحر پھیران دُزدِ عیار

احد زرگرُن سورُے کلامہٕ چھُ عظمتِ آدمُک رجز۔ اکھ مثنوی مٕنز چھُنہٕ تس بینہٕ آیہ گفتگو کرنُک شر ڈرامُت، مگر توتہٕ چھِہ یِمٕ شار موجود ع

چھُ آدم سرِ یزداں گنجِ اسرار    چھُ آدم پرزٕناوُن سخت دُشوار

چھُ آدم زادہ اَرداہ ساس عالم    چھُ آدم زادہ گاہے زیر گاہ بم

چھُ آدم گاہ نفی گاہ چھُ اثبات    چھُ آدم گاہ صفات گاہ جلوۂ ذات

اُہٕندٕ تہٕ پوٚز چھُ میلِتھ عالمس مٕنز    رِند و تحقیق کرٕ سوے آدمس مٕنز

احد زرگرن چھِہ مثنوی مٕنز کاشُرِ محاورٕ تہٕ ڈیچھ بُڈٕ بےشونکس انداز س س

منز نظماوِمتو ع

مُدٕس لورے ہیتھاہ، تُرکس اِشارہ

پِیسے افضل بیٚگ کھُرؔ کانگرے کأف

چھِہ یِم جانداران بے جان گاہتو • تمنے یتوتے چھِنے ہتو تے اَنے ہتو

بہ ماز اُمی شُند چھکنے • گاٹنٹن تہٕ کاوَن

وُنیتھ کس ہیٚنکہ چھُنت چھُم ماز پیومُت • کوٗ نڈُے یوت گاڑ ہیٚندِ پأگِ چھُم مژ یومت

گل وحسنوبرس منز چھِہ واریاہن کأشرِ مثنوی ین ہیٚندی عأٹب تہٕ موجود۔ واریاہن شایَن چھُ وزن پھُٹمُت تہٕ واریاہن جایَن چھُ شأعرن لفظن اُکس ناخواندہ شخصچہ ہیٚندی پأٹھی ورتاوان ع

مہٕ پھیو کینتژن دوہن از صُبح تا شام لوٚبُن کُنہ جایہ تہٕ سٔے سِیرِ ینہام

سیرِ ینہام چھُ اَکھ جایہ ہر پنہا نہ بدلہ ورتاونہٕ آمُت۔

چھُ مردن غیرتِ مردی دِکھاوُن

یمن تژاوُن تمن سورُے مٹاوُن

"غیرتِ مردی دِکھاوُن" چھُ اُردوُک ترجمہ تہٕ کأشر محاورہ نہ بر۔ ہیتھے کُنہ چھِہ کینہہ تشبیہہ تہٕ جمالیأتی لُطفہ نِشہ دوٗر ع

دوٗ پستان جنتکی زہے ناگ کھوٗیاد

اَنہٕ کِس شِہ کور ہیٚندی پستان ییٚلہ ناگراد بَنن، تم چھِہ خوبصوٗرتی نِشہ دوٗران۔ احد زرگرن چھِہ مثنوی منز جایہ جایہ مثنوی رِوایتہٕ کِس تقلیدس بیٚپھ پنٕژ غزل لیکھمژ۔ مگر یم چھِہ تسُندِ کُلیاتکی حصہ تہٕ توٗرے چھِہ اکثر و بیشتر یمن جایَن ہیٚنز کیفیتہٕ بدوٗن باسان۔

اَحد زرگرنی یہٕ تصنیف چھےٚ اَو کینہہ تہٕ اہم زِ اَتھ منز چھُ تمی پنُن حالاتن

ہُند اَکھ Autobiographical بیان درج کوٗرمُت۔ یتھ مثنوی ہُند
ہیرو پننہٕ پننس مالِس ماجہ کُن رواںہ گژھان چھُ۔ احد زرگرس چھےٚ پننس وۄڈس زیر
لگان ع

دماغ اوسُم مےٚ تمہٕ مُشکس دِوان داد
دران اشنا مےٚ پیوٚ گُدرُن پنُن یاد

سُہ چھُ وَنان زِ ہرگاہ مٲلی ماجہ سہٕ روٗ چھِ پول مگر تس اَمیٖچ نہٕ تہٕ یتھ خدمت
کرنُک سعادت حاصل سپدیہ تھ۔ بیٚیلہ سہٕ دُنیاہکین زوالن منز وٕلنہٕ آو۔ سہٕ اوسنہٕ
کھاندرُ تہٕ کرِن یژھان مگر ع

کوٗرُم ہم صحبتو یَژِ مَسط مداوٕ سے
زِ طافس جُفت بَنِنہٕ نس چھےٚ نہٕ چارٕ سے
دِژُوم واراہ تغافُل دِل کریوم سنگ
مگر وَقتٕکی تقاضنَن بو کوٗرُس تنگ
سُنت ہیوم فرصنہ نِشہٕ گوٚب ہیٚوتمُ دَم
کھٕتیم بر دوش ارداہ سالس عالَم
زمانکو نالہٕ ہنےٚ ہاٹس ووٚلُم نال
بیٚ تام گوم اَستہٕ اَستہٕ ٲلی جنجال
شوٗنزٕہ ۵۶ سال گُذرِم غفلتس منز
دُنس تامتھ کوٗرُم نہٕ اَکھ دَعا منز

احد زرگر چھُ اَکھ جایہ بینہ روحانی سِلسِلک نیب تہٕ دِوان تہٕ وَنان ع

غوٗلامَن منز غوٗلامہٕ غوث الاعظم

سگِ داغدار حضرتِ شاہِ ہمدان تیٚنٛدے پایہ کرتم مُشکل آسان

اُخوس بیٖٹھ چھِ احد زرگرن فارسی حرفن مُتعلق کینہہ نوکتہٕ باوٕ متی۔ یہ نُکتہٕ چھےٚ دِلچسپ زِ یِتہٕ چھےٚ یِم مُختصر مشق غلام رسول سنتوش بنس بجرطوپس منز ماریاہ کاڈ کڈان۔ احد زرگرُن انداز چھُ یہِ ع

خیٖسں عالسں اندر ڈیٖھتھ ترٕچ کان     دوٚیُم دالن ژٕ ہر دم پادٕ کرٕ دھیان

تُلُم ویُوِر سپن شپنٕس حسب مقدوٗر     دوٚیُم صادن ژٕ روز صادٕس رٕنِش دوٗر

تھوٚوُم کیٛھَنس تہٕ لامس سیٖتی اَخہٕ وٲس     اندر ہیٖمس تہٕ لامس واو زَن ژامس

سنتوشنِس بیانس سیٖتی چھُ اَمیُک ہیٚشر واریاہ عجیب۔

باسان چھُ یتھہ لارہ تہٕ چھانبرِ منز احد زرگرن تہٕ قصیدہ مکمل کورمُت اوس، تمیُک احساس اوس تس پانس تہٕ۔ سُہ چھُ لیکھتس منز نہ صرف اعتذار کران، بلکہ غلطیِن ٹھیک کرنچ عرضی تہٕ کران ع

کرن ووِنی چھِم عرض پیٖرن فقیٖرن     علامن صوٗفیِن تےٚ نوٗکتہٕ دانن

گومُت یوٚد کینہہ غلط بیتہ منز میٚے آسیم     تہٕ گو نوٗکتہٕ نہ تورمُت فِکرِ آسیم

قلم وٲلی وٲلی تُلِن تےٚ سےٚ سنبالن     ونُن تس چھُم بنُن حق بکھیم والُن

●

ارجن دیو مجبوٗر

# احد زرگر صأبٕن شاسترٕ کلامہٕ

یِمہٕ مضمونٕک مُدا تہٕ مقصد چھُ احد زرگر سٕندِس شاسترٕ کلامس
اَکھ موٗختصر سام ہینٛن۔ عنوان زیرِ نظر اَنِتھ چھِ نہٕ اہم پہلو اَمہِ برٛونٛہہ کُن یِوان۔
نمبر ۱ شاستر کِتھ چھِ وَنان تہٕ احد زرگرس پیٚٹھ کم اثرات چھِ اَمہِ شاسترٕ کۍ
اُسمِتۍ تہٕ تِمو کِتھہٕ پٲٹھۍ چھُ کأشرِس کلامس منٛز اَمیُک وَرتاو کوٚرمُت۔ بییٚو دۆیو
کتھو برٛونٛہہ چھُ یہِ وَنُن تہٕ ضروری باسان زِ شاسترٕ کۍ کلامہٕ کِتھہٕ پٲٹھۍ چھُ تِمو تۆہکیس
سٔنٛس شدرَس منٛز کأشرِ صوفی شأیری منٛز تاکار پٲٹھۍ درینٛٹھ گژھان۔

انسان چھُ اِبتدا پیٚٹھے تشکیک تہٕ قبوٗل کِس گرٛٚٹس منٛز پھیرنہٕ یِوان
روزمُت۔ اَمہِ صورتِ حالَن چھُ تس سکوٗن تہٕ بخشمُت تہٕ پریشان تہٕ چھُن کوٚرمُت۔
اَزکیس سائنسی یُگس منٛز تہٕ چھُ انسان دوٚہہ کھوتہٕ دوٚہہ چارٲنی ہینٛدِ پن
اَژھِین عالمَن منٛز پیٚٹھہٕ کائنات کِس وُسعت رَس، اَمہِ کِس بحرس تہٕ اَمہِ کِس
نِظامس نِشہِ کینٛہہ ژھا کھوژان تہٕ اَکھ رَژ رَژ سمٛجِنۍ کوٗشش کران۔ وَقتہٕ سٕنٛدِ
تہٕ تأریخہٕ روٚس یہِ دُنیا زانُن، پرکھاوُن تہٕ چھاوُن چھِنہٕ آسان کام۔ اَتہِ چھُ گییہ
انسان زیٚنان تہٕ گیے ہاران۔ یِیے حالتھ چھےٚ انسأنی تمدُن کیٚن مختلف مرحلَن
منٛز پیٚٹھہٕ کالہٕ تہٕ انسانَس اُسمٕژ۔

انسان چھُ فلسفی کرِ تہٕ عٔلی مِکو آگر ژھنڈان آمُت۔ ہندوستانَس منٛز تہٕ

چھِ وزِ وزِ واریاہ فلسفہ بارسس آمتی۔ کینژن فلسفن چھُ پانہٕ وأنی زبر ٹکراو تہٕ سپدمت شاید ما آسہٕ ہے تمیُک وجہ مخصوص طبقن یا نظام خیالن ہنز نمایندگی کرٕنی۔ نوٚے چھِ اَسہ ہندستأنی درشنن (فلسفن) منز پتنجلی سپدِس یوگہ درشنس سیتی سیتو چارواک شُند فلسفہ تہٕ نظرِ گژھان۔ حالانکہ دوشونی فلسفن منز چھےٚ زمین تہٕ آسمانُک فرق موجود۔ بہرحال آستِک فلسفہ آسوتن یا ناستِک فلسفہ۔ اَز چھِ دوشوٚے فلسفہ دٕری کابنانکو وسیع نظامن پیسرأنی متی۔ یمیُک کابنانکو سایسہ ٔبدکو راز یا بسر چھِ وُنہِ تہٕ تمن ناگن ہندکہ پأٹھو کلہٕ تلتھ دٕریشٹھ گژھان یم اُکس انسانس أندی أندی گنیہٕ گیوٚر کران آسن۔ تہٕ یمن سارِنے راز ن تہٕ بیرن چھِ سایندان پننہِ طریقہ تہٕ عارف پننہِ طریقہٕ پرکھاونس تہٕ بدکڈنس لگی متی۔ یم بیر بدکڈنس منز کُش گژھِ تمس تہٕ ونہِ وقتے۔

"شاستر" لفظ چھُ اَکھ شُہ لفظ یُس ہندستأنی تمدُن کیس پرأنس مذہبی تہٕ فلسفی ورثس ہِ حاطہٕ کرِتھ چھُ۔ اَتھ منز چھِ وید۔ اُپنشد۔ برہمن گرنتھ شٹ درشن تہٕ سمرتی یِوان۔ شٹ درشنن چھِ شٹ شاستر (شےٚ فلسفہ کتابہٕ) تہٕ وَنان۔ یمو منز چھُ اَکھ درشن یا فلسفہ یَتھ اُتر میمانسا یا ویدانت سوتر ونان چھِ۔ یوٚہے چھُ شُہ فلسفہ یمیُک ٹاکارٕ اثرات اَسہ اِسلأمی تصوفس سیتو نظر چھِ گژھان٭ اَمہ تحریکہِ چھِ ایرانس، یونانس، عربس تہٕ ہندستانس سیٹھاہ تھدٕ عالِم، شأعر تہٕ فلسفی عطا کری متی۔ تہٕ اَتھ منز چھُنہٕ کانہہ شک زِ اَمہ حسابہٕ چھےٚ یہ اَکھ عالمی تحریک تہٕ۔

اسلأمی تصوف تہٕ ہندستأنی ویدانت کِہ وحدتِ وجودچ مشابہت چھےٚ ٹاکارٕ۔ حقیقت چھےٚ یہ زِ علمن تہٕ فلسفن چھےٚ پننوٚ اَکھ بیوٚن حُکمرأنی آسان یم چھِ بادشأہی سلطنتو نِشہِ آزاد آسان تہٕ صاف تہٕ پاک دِل تھوٚن وألی لوکھ چھِ یمن فلسفن ہند

٭ تصوف چھےٚ سو اہم رۄژ فلسفیانہ تحریک یوسہ اَسہ دُنیاکین ولایتن بہلہ پایہ مذہبن منز نظر چھےٚ گژھان۔

ہرتھ بلاکنہِ نوحہ پانہٕ ناوان تہٕ اَمیُک حَق عالمس برونٛہہ کنہِ تھاوان۔ یژھو تحریکو سپنیو چھُ انسانی برادری ماے، محبتھ تہٕ حقیقت پرزٕناونس منٛز اَکھ رووٕٹ سپدان۔

احد زرگر صابن ییٚمہِ شاسترُک کلامہٕ وَدٕ نمُت چھُ تمہِ منٛز چھُنہٕ ویدانتکہِ فلسفہٕ کُے بوت تذکر بلکہ چھُ تمہِ منٛز ویشنومت تہٕ شیومت کین کینٛژن حقیقتن ہُند ذکر موجود۔ ویشنومتُک رام تہٕ کرشن تہٕ شیومتُک شِو تہٕ تہٕنٛز تپسی ہُند ذکر تہٕ اَمیہ نظر گژھان مطلب وَننُک چھُ یہ زِ "شاستر" لفظ ییٚلہِ اَسہِ احد زرگر صابنس کلامس کُن منسوب چھِ کران، تمہِ چھےٚ بلیہِ ہَن وُستھ دِنی پیوان تمہِ منٛز چھُ ویدو بیٛیہِ رامائن کیہو مہابھارت کِس رزم نامُک پٔتہٕ ویشنو تہٕ شیومت کین کینٛژن تجربن تہٕ اصطلاحن ہُند شۆد تہٕ صاف ذکر یوان۔ لہٰذا چھُ اَمیہ شاستر لفظ، فلسفہٕ ویدانتہٕ علاوہ باقی تمن فلسفن تہٕ تجربن منٛز ورتاوُن، یمن ہُند حظ پانہٕ شاعرن بینہِ عارفانہٕ زندگی منٛز تُلمُت چھُ۔

یہ کتھ تہٕ چھےٚ وَنٕنی ضروری زِ یم فلسفہ چھِ کاشرِس رنگس منٛز رنگنہٕ آمتو تہٕ یمن چھُ پننُن کاشُر میراث تہٕ ڈیکھ، یُس میراث سانٛی سارِی صوفی شاعر کھوتہٕ للہِ ناوان روزدی مہتو چھِ۔

اَمہِ برونٛہہ زٕ اَسہِ ہیٚمو زرگر صابنس شاسترکو کلامس سام، تہٕ وَنُن چھُ ضروری زِ یِہنٛدِس کُلہم کلامس مُتعلق تہٕ بیہ کینٛہہ کرنہٕ۔ تمہِ مضمونس منٛز یمہِ مثالہ بہٕ شاعر سُندِ کلامہٕ منٛز دِمہٕ، تِم کلامہٕ چھُ احد زرگر صابنیو دۆن نوجوان شیرازو یمن زرگر خورشید تہٕ زرگر شاہنواز ناو چھُ ترتیب دِتمُت۔ اَتھ مجموعہ کلامس چھُ "کُلیات" کلام اسرارالوجود و سوزِ عشقِ حقیقی ناو تہٕ کتابہِ ہٕنٛدِس سرورقس پیٹھ چھُ شاعر سُند فوٹو دِتھ تہٕ تمہِ تلہٕ کنہِ چھُ لیکھِت: "شاعرِ پُر ہنر محترم عبدالاحد

زرگر صاحب" کتابہ چھ کُل ۲۴۰ صفحہ۔ ہُدرِ تہٕ چھُس زٕ روپیہ تہٕ پنژاہ پونسہ۔ یہ کتاب چھپے ووٚنی تہندین معتقدن تہٕ شاگردن ہٕنزِ یادٕ تہٕ نِش یاف اَمہ کتابہ ہندِس افتتاحس پیٹھ چھ کتابہ ہِندِ پو ہموٚ دو یوٚ ناوٕ ہنزو لیوٚکھمٕت زِ یِہی کلیات چھپے احد زرگر سُنٛد مصدقہ کلام۔ اَمہ برونہہ اوس یِہٕنٛد کلامہ بہَن لوکچن کتابن منٛز چھاپ سپدمٕت۔ مگر کلیاتس منٛز چھ ۱۵ حصہ یکوٹہٕ چھاپ کرنہٕ آمتۍ۔ ۱۲ حصہ چھ پانٛژن ترٛیمن وریین منٛز چھاپ سپدی مِتۍ تہٕ ۳ حصہ چھ اَمہ پتہٕ چھپاونہٕ آمتۍ۔ اَمہ علاوٕ چھ ناوٕ شروٗ مان "گل وصنوبر" مثنوی تہٕ چھپے چھاپ سپزمٕژ۔ اَتھ ترٛبرس منٛز چھپنہٕ شاعیرِ سُنٛد "آگہٕ ننٛد نکٕت" کاتہہٕ ذِکر۔ یُس کلچرل اکادمی چھاپ چھُ کوٚرمٕت تہٕ ترتیب کار چھُس غلام نبی خیال۔ کُلیاتس منٛز چھ پانٛژ نعتِ شریف ——— تہٕ زٕ ہتھ تہٕ سیتھ غزلہٕ شامل۔ اَمہ علاوٕ ما اوس تِمو بیٚیہ کینٛہہ کلامہ ووٚنمٕت یُس چھاپس کھَسنے چھُ۔ تمہ متعلق ہیکہ نہٕ بہٕ کینٛہہ وٕنِتھ۔ تہندِس کلامس متعلق چھُ بہٕ وَنُن ضروری زِ یہ کلیات چھپے پرٛانِس کاشرِس رسمِ خطس منٛز چھاپ سپزمٕژ۔ اَدٕ مو کھ پتہٕ کتابتہٕ موکھ چھِنہٕ کینٛہہ شار صاف پرنہٕ ہیکان یِتھ۔ بیٚیمہ کینٛہہ یِتھین شارن ہُنٛد مطلب اننس منٛز دِقت چھپے پاد گژھان۔ بہرحال ووٚنی یکوٚ تہندِس "شاستری کلامس کُن" شاعیر چھُ پانہٕ اَمہ کنہِ ہنٛز باوتھ کران زِ شاسترن ہنٛز ما یہ منٛز چھُ سہ پانہٕ وٕلنہٕ آمُت۔ صفحہ ۱۲۶ تہٕ ۱۲۷ ہس پیٹھ یُس غزل درج چھُ تمکو آخری زٕ شار چھ اَتھ کنہِ وٕ کھنے کران:

احد زرگر دٕراو دِل شیرِتھ · شاستر جامہ ہیٚرِ بوٚن پیرِتھ

آو وٕلنہٕ شاستر مایے · شامہ ژھایے پھیرِ ہم نا

صفحہ ۱۷۳ تس پیٹھ یُس غزل درج چھُ تمہ کِس آخرس منٛز تہٕ چھُ شاعیر وَنان زِ سُہ چھُ شاسترن ہُنٛد طالب۔

طالٔب شاستر چھےٚ احد زرگر

غالٔب چھُہ لولہٕ مایہ لولو

یِمہٕ غزلہٕ مُکمل طورٕ شاستری کلامس وِحاظ چھےٚ کران تیمہٕ چھےٚ :

(۱) کافر نیپسی کران بگوانس

جان راز دانس سیوا کار

دِر پال ہر کال شو نارانس

جان راز دانس سیوا کار

(کُلیات صفحہٕ ۱۲۴ ، ۱۲۵)

(۲) وٕیشنہٕ مُشتاق کرشنہٕ گنگاییے

شامہٕ ژھاییے پھیرہٕ ہم نا

شامہٕ ورنگُ جامہٕ چھُس موجدار

کرشنہٕ ورنگُ موکھتہٕ ہار

رکتہٕ ورنگُ پیالہٕ چیپنہٕ نا ییے

شامہٕ ژھاییے پھیرہٕ ہم نا

(کُلیات صفحہٕ ۱۲۶ ، ۱۲۷)

(۳) کامکہٕ جامہٕ زیب ایہٕ لولو

رامہٕ ژندرن سپنایہٕ لولو

رازٕ کوٹھ سنتان تازٕ بانشہٕ چھُم کران

رازٕ بخشس رٕچھان دایہٕ لولو

(کُلیات صفحہ ۱۸۳ ، ۱۸۴)

(۴) شوٕ تپسی پرژھام شوٕ شنکایٔن وولنم عشقن تے

دپِتھس دپِتھس ایشر میلِتھ شِپِتھس منز وُچھ پان

(کُلیات صفہ ۲۰۵، ۲۰۶)

اَمہِ علاوٕ چھُ جُزوی طور تہٕ کیٚنژن غزلن منز شاستری کلامہٕ موجوٗد بنیادِ

پانٹھ صفہ نمبر اَٹھس پیٹھ یُس غزل چھُ تمِکو یِم شار:

کامہٕ دیو سیٚنز ویر زُنّار — پوٗر پوٗر کافر وُچھم

رام رامن رام کرٕ ہیتھ — چھکھ صنم دیانس اَندر

صفہ نمبر دٕہس پیٹھ یُس غزل چھُ تمِکی یِم شار:

دُیی تراوِس یکسانس

گِنیانس لاگ پروان

سُے چھُ میلِتھ دانس دانس

گِنیانس لاگ پروان

صفہ نمبر بٔہس[۱۲] پیٹھ یِم شار:

دَرمہٕ توٚ ندرَے دِل تلہٕ ناوان

گٔیانہٕ یندر بیہ پٕران لٔلہٕ ناوان

صفہ زٕتو دٕہس[۲۲] پیٹھ:

ھہ مرحبا بزمِ یُنِدرازس

سوزس تہٕ سازس ما چھُس ژھین

صفہ نمتس پیٹھ یُس غزل دَرج چھُ سُہ تہٕ چھُ مُکمل شاستری کلامہٕ کیس

زُمرس منز یوان:

دَمہٕ سیتھ گٔژھ گو گاش اثبات

ہمپوشہ منز گوٚ یادٕ کاینات

صفہٕ نمبر باژٕ ہٕٹھس پیٹھ یِم شار :

دُمہٕ دُمہٕ سرگم دُم کیتھ کیتھ — شُمہٕ سوٚتھ پکان گمہٕ ژھیٹہٕ دژایو

اوہکی آلوٚ دِتی ہَر شایوٚ

رام بو کوٚرہس رامہٕ دُبابوٚ — رام میلہِ بے شک رٔحمس سیتھ

جام چیٚیہٕ عاؤ فوٚ لولہٕ سرابوٚ — نگاہ بیوم آمہٕ چھوٚ گرایوٚ سیتھ

بیٚیہ باٹھو صفہٕ ۱۱۰ ہَس پیٹھ یِم شار :

یُتھ کرمہٕ پینڈ سیے داوٕنس دوٚنیے

ست سنگ چھُ ہیتھ رنگ بدلاوان

پژھ موکہ کتھ دِتھ کیول کُنیے

دیدٕ درشنے زانن زان

بیٚیہ باٹھو چھِ واریاہ شار یِم وَرگہٕ باٹھو یا سٔیدِ سیٚود شاسترٕ کی کلنچ زانکاری ہیتھ شاعر پنڈِس کلامَس منٛز موجود چھِ۔

یِمہٕ اصطلاحہٕ شاعرَن شاسترٕ کلامَس منٛز ورتاوِ منٛز چھےٚ تمِن سارِنے ہُنٛز وَکھنہٕ نہٕ فلسفی یا نہٕ پوٚت منظر بیان کرُن چھُنہٕ یَتھ ژھوٚٹِس مضمونس منٛز ممکن۔ اَلبتہٕ کیٚنژن اہم نقطَن سٕتھ چھُ ضروری۔ اَتھ کتھِ منٛز چھُنہٕ کانٛہہ شک زِ احد زرگرٕ صأبَس چھےٚ شاسترن پیٹھ سوٚن نظرٕ اسمژٕ نہٕ تمی چھےٚ یِمَن متعلق جان زانکاری حاصل کٔرِتھ یمہٕ چھِ کہوچہٕ کھاٚرِتھ واریاہن بڑِ مشکلن ہنٛدِ شاعری منٛز وَکھنہٕ کرنٕچ کوشش کٔرمژٕ۔ شاسترو موجوب چھُ دُنیہٕ لیوان زِ گوڈٕ اُس سارٕ سیٚے کاینَاتس گٹہٕ گٹ۔ بیٚیہ واریاہہٕ کالہٕ اَتھ گٹہِ دَم گوٚ یا سائنسی زُبٲنی منٛز اگر وَنَو آسہٕ تیٚلہٕ وَنو زِ گوڈٕ اوس یہٕ کاینات بے شُمار گاسہٕ (Gasses) ابرن ہُنٛد اکھ وسیع خزانہٕ بیٚیہ اَتھ خزانس دَم گوٚ یا نی بیٚیہ یمَن گاسن یا نہٕ واُنی زبردس ٹکراو سپُد، گاش گوٚ اظہار۔

یاوار یاہ اَفتابہٕ تہٕ سورمنڈل گے اِظہار۔ اَمہِ پَتہٕ سپُد آبے آب ظاہر یتھ پرٛتھوی (بُتراٗژ پیٹھ) یوسہٕ گاشن ہٮ۪شِد۔ جمنہٕ پَتہٕ بنیہٕ مرٛژاس۔ اَمہِ پَتہٕ دٲراو اَمہِ آبہٕ منٛز اَکھ ہمپوش یٮ۪مہِ منٛز کائینات یانے اِنسان پٲدٕ گو۔ یہ کتھ چھےٚ ہمن شاسترن منٛز تمی ہوٚی سان وَننہٕ آمٕژ۔

دَمہٕ سیتو کَتہِ کو گاش اِثبات
ہمپوشہِ منٛز گوٚ پٲدٕ کائینات

اَتھی کتھہِ مُتعلق چھُ شاسترن منٛز وَننہٕ آمُت زِ بُتراٗژ پیٹھ اوس بنیومُت اَکھ بوڈ بارٕ سٕدر یتھ کھیٖر سٕدرٕ ناو اوس (کھیٖر گو دودٕ) اَتھو منٛز باگ اوس اَکھ بوڈ بارٕ ناگ، یانی سَرُپھ یُس زَن اَڈرٕ کرِتھ بیہِتھ اوس تہٕ اَتھی پیٹھ اوس پرمیشرس تخت یُس برٛہماتہٕ وَنان چھِ۔ برٛہما چھُ اَمی ہمپوشہٕ منٛز پٲدٕ سپُدمُت مانِنہٕ یِوان۔ یہ کتھ تہٕ چھےٚ برابر ییتھے پٲٹھۍ ہمن شاسترن منٛز شاعرن وٕنۍ مٕژ:-

سماہ سَرِ منٛز پھوٚل نیلوفر
برٛہما تمہِ منٛز دٲراو جوہر
جمع اَدٕ آو ذات وصفات
ہمپوشہِ منٛز گوٚ پٲدٕ کائینات

•

شیشہ ناگ منٛز باگ کھیٖر سٕدرس
تتھ پیٹھ جایہِ تخت پرمیشرس
دیشہِ پھیرِ نیشہِ وُچھ لولہٕ منٛزلات
ہمپوشہِ منٛز گوٚ پٲدٕ کائینات

(صفحہ ۹۰)

شاستر مۆجوٗب چھُ برٛہما یِیٚمہٕ کاینا تُک خالِق وَننہٕ یِوان تہٕ وِشنو چھُ
یِیٚمیُک پالک (رٔچھن وول) تہٕ مہیش (بایٚشو) چھُ سُہ دیوتا یُس اَتھ ساریٚوٕے
ناش کران چھُ۔ یِمَن ترٛیشوٕنی دیوتاہَن ہُنٛد ذِکر چھُ شاعِرَن پننِس کلامَس منٛز
کوٚرمُت۔ دیوتاہَن ہُنٛد ذِکر آو تہٕ یِمَن منٛز چھُ ویدک دیوتا اندرس تہٕ خصوٗصی مقام
حٲصِل۔ شاسترو مۆجوٗب چھُ اَمِس دیوتاہَس پنُن مقام سورگس منٛز تہٕ تتہِ چھُ
آسمان عرفٲنی سوز و سازُک دربار لگیمُت۔ یہِ محفِل تہٕ بزم تہٕ اَمیُک نقشہ چھُ شاعِرَن
یِمہِ اندازَس منٛز پننہِ ریاضتہٕ سیٖتۍ وُچھِمُت پیش کوٚرمُت :

ہتہ مرحبا بزمِ ییٚشہ رازَس
سوزَس تہٕ سازَس ماچھُس ژھین
یَد ماہ وَنہٕ وِنہٕ لُگو اہلِ رازَس
سوزَس تہٕ سازَس ماچھُس ژھین

(صفحہ ۲۲، کُلیات)

ویدانتی فلسفہ مۆجوٗب چھُ شِو یِیٚمہٕ کائناتُک جوہر تہٕ انسانس یِیٚلہِ
پننہٕ پانٛژ تیٚژزان گژھان چھیٚ تَس چھُ پنُن پان اَمی قوتُک اکھ حِصہ باسان یِتھہٕ
دُوی چھینہٕ یِمَن دۄن روزان۔ وحدتُک یہِ فلسفہ چھُ یِیٚمہٕ شاعرس منٛز موجوٗد۔

دُوی ترٲوِتھ ستَن یکسانس
گَنیانَس لاگ پروان
سُے چھُے میلِتھ دانَس دانَس
گَنیانَس لاگ پروان

(صفحہ ۱۰۴ - کُلیات)

گیانچہِ وَتہٕ پکنہٕ خاطرٕ چھُ تکھتِس (عارفس) لازِم، دُنیاوی مۄہہ

کام تہٕ اہنکار ژٲوُن لازمی تہٕ پنُن رُح نارٕشتہ سوہم گارُن لازمی۔ امہ عملہ منٛز
باوتھ چھےٚ یِتھہ پأٹھۍ شأیرن کٔرمٕژ:

مُہہ، لوٗب، کام رٔٹھ، ژٔھٹہ اہنکار
رُوٗح ناش سٔپدِتھ سوہم گار
ہُوٗ ہیو نٔر نوٗرح بیند کرِ بہ کسبات
پہمپوشہ منٛز گوٗ پأدٕ کاینات

یِتھہ شارس منٛز چھُ پرانا یامک تذکرٕ تہٕ کرنہٕ آمُت، ییٚمہ سیتۍ اکھ بکھتۍ
بٔرہمہ رٔندرس منٛز ہینٛہ ژٕران وانہٕ نأوِتھ آنند یا پرمہ سعکھ پٔراوان چھُ۔

ترٛین کارنن ہُنٛد ذکر تہٕ چھُ شاسترن منٛز وارِیاہن کتابن منٛز آمُت۔ یم
چھِ رجوگُن، تموگُن، ستوگُن۔ اتھ چھِ مایا تہٕ ہیٚنٛز رٔز تہٕ وَنان۔ یہ رٔز ژٕٹی نِتھے چھےٚ
عارِفس اصلی حقیقت نشہٕ گرٛٹھان۔ رجوگن چھُ انسانس طاقت تہٕ قووَت
بخشان تہٕ امہ سیتۍ چھُ انسان زندگی ہٕنٛز اژھینٛہ دوریکہ ناوان، تموگُن چھُ
منشس منٛز شرارت تہٕ ناکارٕ کارکرنک مادٕ پأدٕ کران۔ اتھ مقابلہ چھُ ستوگُن روحانی
صِفت پأدٕ کران تہٕ تس منٛز بازرگی تہٕ پاکیزگی ہٕنٛزن عملن گوڈ بران۔ یِمن کارنن پیٚٹھ
تھوٗبولیتھ چھُ انسان صحی انسان بنان۔ یہ کتھ چھےٚ یِمن شارن منٛز وِژنہٕ ھناوِنہٕ آمٕژ۔

ترٛین کارنن سٕتۍ بنہ انسان
ستوگُن، رزوگُن تموگُن زان
من ژھارُن چھےٚ تمہ چھا سمات
پہمپوشہ منٛز گوٗ پأدٕ کاینات

(کلیات صفحہ ٩٠، ٩١)

یِتھہ پادوتی ہُنٛد ذکر چھُ میروہ تہٕ ژٕندرم تشبیہہ دِتھ یِتھہ پأٹھۍ شأیرن

ورتووُمت :

شوشامل پارُو تہٕ شوکبان
رُو میرئیس چھُم تشبیہ لاوان
پڑو ژٔندرم کنڈ منز ڈرایے
شامہ ژھایے چھیرہ کم نا

(کلیات صفحہ ۱۲۶)

اَتھ غزلس منز چھُ دشرتھ سِندین ژون سنتانن تہٕ رام سیتا یہٕ ہنٛد مثالہٕ کُرِتھ تہٕ رامائن کین واریاہن کردارن ہنٛد ذکر کرنہٕ آمُت۔ شعر چھُ بالکل صاف تہٕ واضح :

ششترگون رام لکھمن برت
دشرتھس نِش ژور گئے زیٹھ
مسحر مثال گو رامہ سیتا یے
شامہ ژھایے چھیرہ کم نا

یتھے پأٹھۍ چھُ کرشن، گنیش، کھیچرلاگن، دٔسے کونٹھ، ٹھوکُر، ٹھوکر کُنٹھ، زنّار، پربات، سندریا وقت آکاش پاتال، گنگا بیترِ اصطلاحہٕ تہٕ مختلف جاین ورتاوتھ تصوف کین مقامن ہنٛز وکھنے کرنہٕ آمژ۔

احد زرگر سِند یہٕ دلیل روزِ اسلامُ تصوفس تہٕ ویدانتس سیتۍ ہاچیٖ شاعری اصطلاحن مثالہٕ کرِتھ سو گیانہٕ وہتھ ہمیشہ پکناوان۔ یوسہٕ کشیرِ منز صوفی شاعرن پکہٕ وِنی تھاو۔ یہٕ لولہٕ گنگا روزِ کاشرین لوکن گیانک تہٕ عرفانک موددرس چاوان، تہٕ تِمن تھدین آکاشن سال کرناوان۔ تہٕ اسی روزو بقولِ احد زرگر اتھ سو تہٕ کاتہٕ سیتۍ سوچن ہلناوان تہٕ نوٗر دری یاوہٕ چٲنر یُور تن ناوان ۔

بشر بشیر

# احد زرگرنہِ شأیری ہُنٛد ہیم ناک پہلو

احد زرگرنہِ تنٛہٕ شأیری ہِنٛہ مٔنز وُنیُک تأمی کینٛژٕو نقادو ہیم ناک عنصرن ہنٛز نشاندہی کرنٕچ کوشش چھےٚ کٔرمٕژ تنٛہٕ مُتلق چھُ پانہٕ احد زرگر وَنان :

"یہِ سورُے چھُ اَکہِ مقامُک آلو۔ بےٚ ییٚلہِ اَمہِ مقامہٕ مَنٛز قدم تہٕ دوٚیمہِ جایہِ دونسُ۔ تَتہِ کَنہِ اَنہٕ ہا یہِ۔ مےٚ چھَنہٕ شأیری مجازس کُنہِ نیمژ بلکہ چھیہِ یِم طریقتکو مقام۔ میأنی شأیری چھَنہٕ ہنگہٕ ہنگہٕ باہسس آمژ۔ مےٚ چھُنہٕ اَمہِ کنٛہٕ ہُنٛد زانہہ تہٕ خیال آمُت زِ مےٚ وَنَن نالو، کٔھ یہِ چھُ بوٚڈ شأیر۔ بلکہ چھےٚ میأنی شأیری خاص فلسفُک پأدا وار۔" [1]

تہٕ اہم کأمِل چھُ یہِنٛزِ شأیری ہِنٛزَن ژوَرَن ماکارٕ خصوصیژن ہنٛز ذِکر کران دنان :

"گوڈنیچ خصوصیت (؟) چھےٚ یِمَن تشبیہن، اسِتعارَن تہٕ علامژن ہُنٛد وَرتاو یِم (؟) اَکھ خوفناک فِضا پأدٕ چھِ (؟) کران تہٕ کأشرِس اَدبس اَنٛدر لرزاوَن شأیری (Horror Poetry) ہنٛز گوڈنیچ مِثال چھےٚ بزان مِثلن یِم شُمار نیتھوکھ" [2]

---

[1] موہن لال آش۔ عبدالاحد زرگرس سٔتی ملاقات۔ سون ادب ۱۹۸۲ء صفحہ ۸۷

حسبہ بوز مائِنس دِیُو کرٕ دِن — یُس زا کھ تسُند سپنو وا طیل بن

گژھ برادر کرٕ کھ پیپرد پار — کافر سپدِتھ کوٗرُم اقرار

... ... ... ... ... ... ... ...

... ... ... ... ... ... ... ...

"یِم شار پران پران چھُ اِنسانن بدنکُ اَکھ زٕمہ وال ایتاد تپدان
تہٕ اِنسان چھُ شاعرس کُن ہمہ تن متوجہ سپدان۔ اَکس شرِنس سوچنس
اَندر پیچان تہٕ بیٚیمہ (؟) وِزِ شارن ہُند معنے فِکرِ چھس تران۔ اَدٕ چھس
وُٹھن پیپھ تسکین تہٕ اطمینانکُ تبسم یوان۔ یہٕ آواز چھےٚ سائنس
اَدبس اَندر بلکُل نو۔ مگر افسوس چھُ یُتھے زٕ اَکھ رنگتہٕ چھُ یمو
سیٚنی کلہ ژوٗٹمت (؟) شاید ملہ بابن ہنٛدِس حکمِ کُفرس تہٕ عام
لوکن ہنٛزِ ناسمج رَدِ عملس (؟) کُن وُچھتھ۔ ہرگاہ اَمہ نِشہ بالاتر
سپدِتھ اَکھ رنگس اندر یمو بیٚیمہ کلامہ آسہہاو ونمت سائنس ادبس
گژھہ ہے اَکھ نوو اِضافہ تہٕ شاید سیٹھاہ سود مند تہٕ۔" ؎۱

کامل صابُن یہ وَنُن چھُ وارٕ ہَس حدس تام صحی زٕ احد زرگرنِس کلامس
منز چھُ خوفناک فضا نیرل قسمٕچ تشبیہہ، استعارٕ تہٕ علامژ وَرتاونہٕ سپنو باوٕ
سپدان ؎۲۔ یُودوے زَن ترٕ وہنہ کُن یمو کنہتھ کھُر چھُ اوٚنمت تہٕ تہٕ ہندِس بیانس
منز اَکھ تضاد چھُ تہٕ ییتہٕ کُنو زٕ بیٚیمہ وِزِ (بقولِ کامل) شارن ہُند ما نہٕ فِکرِ
چھُ تران۔ اَدٕ چھُ وُٹھن پیپھ تسکین تہٕ اطمینانکُ تبسم یوان۔ گویا یمہ تشبیہہ
علامژ تہٕ استعارٕ احد زرگرن پننہ شاعری منز ورتاوی ہتھ چھہ تم چھ مانے سمجنس
منز اَکھ ٹھوٗر تہٕ یُودوے اَکہ طرفہ کامل صابُن یہ داوا چھہ کران زٕ ہرگاہ احد زرگرن
اَکھ رنگس اَندر بیٚیمہ کلامہ آسہہاو ونمت سائنس ادبس گژھہ ہے اَکھ نوو

---

؎۱ امین کامل۔ صوفی شاعر۔ جلد ۳ صفحہ ۶۹-۷۰    ؎۲ ای

اِضافہ تہٕ شاید سیٹھا سوٗدمند تہٕ ترٕ بنیہِ طرفہٕ چھِ یم احد زرگرنہٕ شاعری منٛز ابہام دوٚیِم اہم خصوصیتھ زانٛنہٕ خٲطرٕ یِتہٕ وَنان زِ:

"ابہام گوٚو نہٕ ہرگاہ کانٛہہ باتھ یا نظم شرٕ نیر گوٚو بیرٕ آسہِ ہیٚچھ (؟) یا تیٚچھِ علامژ (؟) نوٚ آسن یِہنٛدِ سمجنہٕ خٲطرٕ اِنسانَس غور و فکر بنیہِ کرُن، بلکہ ابہام تیٚتھ اوٚس مُضِر تہٕ خطرناک چھِ وَنان، گویا تہٕ بے معنے شارٕ دِنیٚن، یا اَکھ موضوع یا خیال تیٚتھہٕ پاٹھۍ بیان کرُن بیٚیمیٚک امتیاز (؟) ناکام آسہِ رُودمُت تہٕ یُس اِنسان انتہٲیی کوٗششہِ باوجوٗد کُنہِ صوٗرتَس اندر لٲبِتھ ہیٚکہِ (؟) نہٕ۔" [1]

ابہام چھُنہٕ فنہٕ خٲطرٕ تہٕ ترِ حد آرابنہٕ ہُنٛد چیز یُس یِمنہٕ مرضیہِ کِنۍ استعمال یِیہِ کرنہٕ بلکہ زبٲنی ہُنٛز اَکھ قودرتی خاصیت یۄسہٕ شاعری منٛز جہار چھےٚ لسان تہٕ ٹاکارٕ چھےٚ سپدان۔ [2] گویا یتھ چیزَس کامِل صاحب مُضِر تہٕ خطرناک چھِ وَنان، سُے چھُ یمیٚٲنی رکنہٕ فنَس پوشہٕ وِنی عظمت بخشان تہٕ اَمی کِنۍ چھُ احد زرگرُن پلےٚ بخشوٚیتہٕ فنکار ٹھوٗد۔ دوٚن چھُ وُچھُن یہِ زِ مختلف جذبہٕ بیان کرنہٕ وَقتہٕ کِتھُ ہوٚیہٕ موٗر وَحن یا تصوُر چھُ احد زرگر ہِنہٕ شاعری منٛز پیش کران یا دوٚہ ملاوان، یموٚہٕ سیٚتۍ تموٚ سُنٛز شخصیژ ہُنٛد شہ رُود یہِ بدٕ ہیٚکہِ کڑنہٕ یِتھ یِیٚمچہ بُنیاز میٚچھ یہِ ہیٚکہِ کھُر کرنہٕ یِتھ زِ آیا تٔمِسنٛز شاعری منٛز چھا بٔہم ناک عنصر؟ تہٕ یوٚدوے چھُس تم کِتھ حدَس تانۍ چھُ؟ اَتھ سلسلس منٛز چھےٚ وُچھنۍ تانۍ تٔمِسنٛز کُنی نظم "کافر سپد تھ کوٚرُم اقرار" مثالہِ پاٹھۍ پیش کرنہٕ آیہِ تہٕ بقولِ احد زرگر یہِ چھِ حرف اَکہِ مقامُک اَلوہیذا اَتھ نظمہِ منٛز موجوٗد کیٚنہہ بٔہم ناک امیجہ مدِ نظر تھاوِتھ اَمس شاعرٕ سُنٛز کُلہم شاعرانہٕ شخصیژ مُتعلِق فیٚصلہٕ دِیُن چھُنہٕ مے مُناسب باسان۔

---

[1] امین کامِل، صوفی شاعر۔ جلد ۳۔ صفحہ ۶۹ - ۷۰

[2] وُچھِو ولیم ایمپسن Seven Types of ambiguity

کأنی محنتہ پتہٕ احد زرگرنی یم نہٕ ترشے ہنٛہ ہأتھ مٔژ حأصل سپدی تمن اکھ کلہٕم سام ہاوِتھ چھُ مٔژ احد زرگرن کلام کینٛہہ ؤکھ خوفناک باسان، حالانکہ ییٚتِتھ دمہ بہ پتہٕ ژینہٕ وَن نہٕ یمن مُتبأذن پیچھ ہیکو نہٕ احد زرگرنی شأیری تتھٕ لرِ لوٚر پرکھأو ہتہ ییتھ زَن خوفناک شأیری (Horror Poetry) ناو چھُ دنہٕ آمُت، تہٕ یہ وَنُن چھُ مٔژ زیادٕ مُناسب باسان زِ احد زرگرنہِ شأیری منٛز یُس مختلف شیہن تہٕ نظرِ بَن ہٕنْد Contrast وَنہٕ چھُ یوان، تمہٕ سیٚتہٕ چھُ کُنہٕ کُنہٕ تیتھ اکھ فضا پأدٕ گژھان زِ اکہِ لمحہ خأطرٕ چھُ یہ صورتِ حال ہیبتناک باسان تہٕ یوت یوت پرَن وول اَتھ صورتِ حالس تسان چھُ، اَتھ شِدت چھےٚ زأیل سپدان۔ یہ Contrast چھُ احد زرگرنہِ شأیری منٛز دوٚہ طریقہٕ۔ اکھ تہٕ زِ زِ متضاد یا مختلف صورتِ حال چھِ اکی سیاقس منٛز اَنِتھ آمتہٕ تتھین تصوّرن مُتعلق یمن سیٚتہٕ پرَن والین عقیدٕ وابستہٕ چھِ، تمن مُتعلق چھُ پیٚنٛدہ شارن منٛز اکھ تضاد وۄتلان۔

احد زرگر چھُ صوفی شأیرن ہٕنٛدِس قبیلس سیٚتہٕ واٹھ تھاوان، یمہٕ ہٕنٛز شأیری وسیع مأنیس منٛز روحأنی مأنیتھ ہیکو۔ یوٚدوے زن اَمِکی سرحد مابعدالطبیعأتی (Metaphysical) شأیری سیٚتہٕ ژلان چھِ۔ اَکہِ قسمہِ شأیری ہٕنٛد اکھ غأیب عنصر چھُ عشق تہٕ عشقچ وَتہٕ ہٕنٛد کرکہ تجربہ چھِ اَمہِ قبیلکیو اکثر شأیرو بیان کٔری مِتہٕ تہٕ پننہِ مقدورٕ مُطأبق اَتھ شِدت بیان کٔرمٕژ۔ وۄں گۄ اکھ خصوٗصیت چھےٚ احد زرگرس اَمہِ لحاظ ممتاز بناوان، سُہ چھُ یہ زِ یہ شِدت محسوٗس کرناونہٕ خأطرٕ چھُ سُہ اکھ تیتھ پوٚت منظر (Back Ground) تیار کران یُس پرَن والِس متأثر کرنہٕ رٲوس چھُنہٕ روزان، تہٕ یہ چھےٚ تمہٕ Contrast، ہنٛز مِثال۔ ییتھ منٛز احد زرگرنہٕ متضاد صورتِ حال اکی سیاقس منٛز اَنان چھُ:

(الف) نارٕچ ریٖہہ چھَم جسمس گُلس دمبدم تیزان
پارٕچ زالُن نَم سوٗر مَلس سِتہِ مَتہِ دِلس کان

(ب) نارٕ تیٚوٗ تنگل چھُم بِستر لولو ۔۔۔ وارٕ بوز تو سوزِ جگر لولو

(ج) تزٕ ژِٹ عشقچہٕ لجُس کُنی زُنی ۔۔۔ کَنہٕ ژٕ گاشس دِوان چھِس وُنی
ہمتہٕ چھُم حوٗرِ پیٚپرِ تھِ سوٗن ۔۔۔ یہٕ ما وُچھ وَن نِگارے وَن

(د) پھِرٕ میانہٕ آسہٕ پھوٚلمُت گُل یا قند ۔۔۔ گرٕ گرٕ اَس پھُلیا تَمہٕ خوش پسند
ذٕرٕ اَکہٕ گو گُلُن چوٗرٕ چوٗرٕ لو لو ۔۔۔ کھوٚنہٕ لَلہٕ وٕتھ کرِے گوٗرٕ گوٗرٕ لو لو

(ہ) عمرِ یانہٕ پھٕاوُنس سنتہ جامہٕ زالِتھ شرِی پانہٕ ژٕتِتھم نار ۔۔۔۔۔۔

گویا اَکہٕ اَنٛدٕ زالِتھ قیمتی تہٕ مارٕی مُنٛدر ریشمی لِباس تہٕ دوٗیمہٕ اَنٛدٕ گُل جسمس رَژھ پتہٕ رٕژھ شولہٕ دُن نار، اَکہٕ اَنٛدٕ بِستر وُنہٕ تہٕ سکوٗن تہٕ قرارٕچ جاے بیٚیہِ اَنٛدٕ یِوٚ ہیٚے دٕزٕ دُن نارٕ ڈیر۔ اَکہٕ اَنٛدٕ پنٕن پان پیٚپرِتھ زَنتہٕ حوٗرِ سوٗن لاگِتھ تَشنٛد ژھوٚرہٕ برٕکھ انداز دوٗیمہٕ اَنٛدٕ یاونکس اَتھ ہیٚو کارس منٛز پنٕنہٕ گُنہٕ وک شدید احساس تہٕ اَنہٕ گٕنٛڈس منٛز چھِلہٕ چھانگرِ سپدَنک تصورٕ تہٕ باشہٕ کرُنس تیٚتھِس شرِس یُس پنٕنہٕ مَن خوش پسند یوٗن پیٚہٕ وِسان چھُ، تَسٕنٛدُ اچانک جامہٕ کھو پان نارٕ دٕزُن۔ وَن چھُ یہٕ زٕ اَکس خاص پس منظرس منٛز یُس عام پاٹھی انسانی مزاز تہٕ فطرتُک وٕیہٕ دُن چھُ، تَتھٕ لرِ لوٚر یُس Contrast احد زرگر پنٕنہٕ شاعری منٛز بیٚیش چھُ یَرٕتھان کرُن، تَتھٕ چھیٚ یِتھِس ماحولس منٛز شِدت باسان۔

یہٕ چھُ شکلہٕ ہُنٛد اَکھ پاس زٕ سائِلک یا عاشق کیتھٕ پٹھ چھُ دوٗرِ رٕکی، تقدیرٕ کُر تہٕ بربادِ یہٕ ہیٚنٛدی مختلف کُرِ یَحچھرِ وٕتران۔ تَمِنٛز موضوٗع میٚتھ یا موضوٗعیٚژ ہیٚنٛدی مختلف اَنہار چھِ عشقٕ کِس نارس برٕ وٕ تہٕ ہیٚکہٕ سوٗرِی گرٕژھان تہٕ عشق کیٚتھٕ کُنٕو چھُ پنٕن داو ہوران۔ یِتھِس صوٗرتِ حالس منٛز چھُ عام پاٹھو شاعرن ہُنٛد رٕوی تہٕ یہٕ

رۆدمُت زِ تمہ ہاوَن اَکھ طرفہ جذباتن ہنٛز شِدت تہٕ دوٚیمہ طرفہ محبوبہٕ سٕنٛز لاپرواہی ۔ یہ
دِمہ اَکھ مثال ؎

یارِ یکھنا چھُم کرٛاو پوشن زانٛہہ نہٕ گوٚے ناگوش میونے
برٕ کرٕ گُل اَمو بردوشن زانٛہہ نہٕ گوٚے ناگوش میونے

(ناظم)

محبوبس یا محبوبہٕ سٕنٛز لاپرواہی ہیٚکس قصورُس چھُ زِ پوش گئے برٕ ، اَدٕ چھُ
نَس پھیکین ہیوٚ مُس ۔ اَتھ برعکس وُچھتو یہ شار ؎

زُلفَن چھُ پنجہ والان | مُرغِ دِلَن چھُ زالان
کاکُل وُچھتھ چھِ نالان | کم کم حِلاک افسوس

خوفناک کتھ چھےٚ محض یہ زِ محبوب چھُنہٕ زُلفَن یارٕ اوٚ کرٕتھ تہٕ یوٚ دوے کران
تہٕ چھُ شہ تہٕ یہ پٕتھ کٔنٛوٚ ؎

"زُلفَن چھُ پنجہ والان ......... " محبوبہٕ سٕنٛدِ جمالکو
تہٕ جلالکو انداز کیتہ ساہ تہٕ وٕ ہکتو اَسہ تن تمن ہنٛزِ پوٚت ژھایہ چھُ عاشقس اَکھ لذت
باسان یا یِنہٕ برداشت تہٕ صبر ژ کمی محسوس سپدان ہُتلَن محبوبہٕ سٕنٛدِ جمالک تہٕ جلالک
یہ اَنہار ؎

اَلماس بوٚرمُت چھُن اَچھر والنٛ
تلواسہٕ سپتین کٲج نَس بال
بے زرکس وانہٕ تیٚر غربالنٛ
وُنہٕ چھُم زالنٛ آسِ نہٕ عار

(نعیم صاحب)

اَتھ برعکس چھُ احد زرگرس محبوبہٕ سٕنٛدِ یتھو ہوٕ کو خدوخال بیان کرنٕہ قتنہ

پنُن پان کیاہ بلکہ پانس کھوتہٕ سیٹھا اَڈٕ وَلہٕ ویرتہٕ بے بَس تہٕ کمزور باسان۔ یِتھۍ کینہو صوٗرتِ حالَن یا شبیہہ ( [illegible] ) ہِشِس متضاد شدت اَکھ ہیم ناک بناوان چھےٚ۔

کھیٚرن چھُ لٲدِتھ دون تلوارن
اَہرَن تمہٕ سٕ شاپہٕ شیرِ خونخوار

زہرَن پان دوٚل کرٕ تمَن دارَن
بوز اسرارَن مانسے ژرار

تہٕ یوٚدوَے عاشق اَمہ عنابُک شکار سپدِ، تیٚتھ صوٗرژ منز چھُ بوٚر یادی ہٕنٛد تیٚتھ اَکھ تصوٗرو وتلان زِ یَرَن دوٚل چھُنہٕ یہِ تصوٗر تہٕ اَتھ شدت بیک وقت مختلف حِسو ذٔریعہ محسوٗس کران بلکہ لیٚوت یوٚت سُہ اَتھ سنان چھُ تیوٚت تیوٚت چھُ محسوٗس ہیکان کٔرِتھ۔ یہِ چھُ سُہ فنی کمال یِیمہ کینٛہواحد زرکر پٔرٛحِمِش Situation بیان کرنس منز ما باقے کانٛشرِ ین صوفی شاعرَن منز اَکھ خاص مقام چھُ تھاوان۔

(و) دیہہ میون نالِتھ ترٛو فوکارن
چھُنہ اَکہ زولنس اَز ہوکار

وَہ وَہ تَن زَن بُچھ کُلمارن
بوز اسرارَن مانسے ژرار

(ب) نشنو تیغ ہیتھ چھُ ڈرامُت
برِ قتلِ من چھُ آمُت

وُنہِ ما چھُ نشرُ میٚے دٕرامُت
چھُم اشتیاق افسوٗس

(ج) دوٗرِ نبر لٲیتھم زہرِ آبدار ے
ہوٗرے الماس ہیوم پیترٕن

شوٗرِ پان مارِتھس کمہٕ آزائے
دِل پارٕ پارٕ ے گوٗنامیون

منطقی اعتبار چھےٚ یہِ کتھ واضح زِ کینٛژَن تیٚتھین چیزَن ہٕنٛد تصوٗر چھُ زیادٕ خوفناک آسان یِمَن ہٕنٛز نتیجہ کُنہِ چیزُک یا وجوٗدُک خاص پأٹھۍ انسانہٕ سٕنٛد فنا سپدُن آسہٕ، چنانچہ محبوٗبَس تأریف کران تَس تیٚتھین چیزَن سٕتۍ تشبیہ دِنۍ یِمو سٕتۍ انسانی وجوٗد ذٔرِتھ ہیٚیہ چھُ اَکہِ اَنٛد محبوٗبہٕ سٕنٛد جمالِچ تابناکی تہٕ بیٚیہ اَنٛد عاشقہٕ سٕنٛز بوٚر بادیہ ہٕنٛد اَکھ سُہ مِثل یِیمِکۍ انداز احد زرگرنہٕ یِیمہ شاپہٕ سٕتۍ تہٕ

پیدٕ تھٕ ہیکہ ؎

میم حلقہٕ شوٗبہٕ وُن غنچہٕ دہان — سیم دند ہارٕ پھلو وُٹھ نٕ میر
نیم خندہٕ برفلک وُزمل نزن — نازٕ نین ماہ روٗ خسار اُنتن

احد زرگرنٕ شاعری منٛز یِہ منفرد استعارٲتی ورتاو چھُنہٕ صرف تیٚنٛدین عشقیہ کمین موضوٗعن منٛز ؤنہِ لوان بلکہ اَتھ سیتۍ وابستہٕ دوٚیمین حسی پیکرن تہٕ تجربن منٛز تہٕ میلان ؎

ذالن چراغ از رقصِ داو — پالُن نفس تن من جلاو
نالُن چھُ بینہٕ پرجوش باشس — گاہ دیدہ باش گاہے گوش باش

یتھوٚے حسی پیکرو تہٕ استعارو کنۍ چھُ احد زرگر کیٚنٛژن مابعد الطبیعاتی (Metaphysical) تصوٗرن، تجربن تہٕ ماحولس زِندٕ آنان۔ انسان سٕنٛز موٗجوٗد ذہنی صلاحیتہ مدِنظر تھاوِتھ زہرٕ کیٚن اُنہتہٕ روٗس امکانی تصوٗرن منٛز خانہٕ پُری تمہٕ اَیہٕ مانہٕ کران نہٕ یمن حقیقژن ہُند مکمل شعوٗر یا آسُن چھُ انسانی شعورکہ موضوعی منطقہٕ ذٔریعہٕ محسوٗس کرناوان:

سۭتھ مارٕ پُرزٕ ہار نتہٕ احدٕ زن — دٕتھ آوٕ یتھ وُچھم درشنٕ یاہ
تتھ جایہ بسٕو کینہٕ کُل کورٕ وکرزن — ہر زن گرِ چھِے اَرز تھٕ کیاہ

فلسفی بانہٕ ترایہٕ ہرگاہ وُچھو تہٕ یہ عالم آسُن تہٕ نہٕ آسُن چھُ بذاتِ خود فردٕ سٕنٛدِس اندرُنس منٛزے تیٚمی زٕینہٕ وَن اَمہ بشٕرٕ کیٚس آخری مصرعس منٛز میلان چھُے اَماپوز گوڈنکین ترین مصرعن منٛز یوسہٕ ہیم ناک ایمیج (image) دوتلان چھُے سہ چھُے واریاہس حدس تام فردٕ سٕنٛدِ خاطرٕ اکہ خارجی دُنیاہچ تخلیقی بازیافت یُس اَکہ وَقتہٕ بیرساوِی تہٕ چھُ تہٕ یمیٚتیک چھرا تصوٗر تہٕ کافی ہیم ناک چھُ تہٕ اَمی بیرساوِی اَماپوز ہیبتناک صورتِ حالک تجربہ یُس پانس منٛزے سٕنٛدِ تیٚسٕنٛد خاطرکو ناہ اذیتناک

آسہ شہ انداز کرُن تہٕ چھُ مُشکل ۔ بٕنیتھ ہرگاہ وُچھو یہٕ شار چھُ اَمہ کینہ خوفناک بامان زٕ اَکھ منز چھُ پَرن وول پنُن پان تس کردارس سٕیتۍ ہِشراوان (Identify) یس بُچھتھ اَکھ کھوژ ناون وول ماحول چھُ ۔ اَتھ ژینہٕ وَن چھےٚ آسہ اَمہ بٕشدکہ دوٚیمہ مِصرٕ منز "وُچھُم" لفظہ سٕیتۍ میلان تہٕ یوٚدوَے زَن اَتہٕ یہٕ Contrast آسہِ نہٕ شار بنیہ ہے تہٕ کُنہِ تہٕ رنگہٕ ہیم ناک ۔ مےٚ چھُنہٕ ہرگز تہٕ یہٕ ہاوُن مطلب زٕ احد زرگر کیا چھُ شہ کُن شاعر یَس یتھو تجربہ سپدی ہیتۍ چھُ ۔ بلکہ یہٕ زٕ اَکھ ناقابلِ بیان کیفیتھ بیانس منز انیچ سو صلاحیتھ یٚیتہِ کُنہِ ساتہٕ پانہٕ احد زرگرس تہٕ پنُن پان بے بَس چھُ بامان ؂

(۱) اَندرِ یمو ضرب اَندری دِلس ہےٚ وچھو تہٕ وَنتم باوکس

(ب) ژٕ یہٕ تنہِ آیم مارِ ولے تۄدۍ پرِیام سر تہٕ پا

ژھو یہٕ ہیتھ روزوس گوچھ بلے وَنتہٕ بہ لیہ کیا

مگر تہٕ اَسیتھ تہٕ یہٕ صورتِ حال وہترُن تہٕ بیان کرنیچ تو ژھ آسنۍ چھُ اَکھ تخلیقی کمال ۔ ییتھ کنہِ کُن کوٚر آسہ تُہ نہیے اِشارِ زٕ احد زرگر چھُ بذاتی اَکھ صوفی یَشند کلہم مقصدی چھُ زٕ سلوکچہِ وَتہِ ہنٛدی مُنزِل روزِ نھکہٕ روٗس پراوان ۔

کُنہِ کنہِ تۄ پرم دارِ بر نتہٕ چوم شراب گاشس اَندر

تہٕ اَمہ خاطر چھُ شہ خارجی دُنیا ہنہٕ نِشہ ژھایہ رٕوز نتھ پنہٕ نسے اوٚندرونس منز آدریتھ روزان ' اَما پوٚز اَحد زرگرنۍ فنکارانہ شخصیت چھےٚ اَندر یس جلوس کُنہِ کُنہِ بے پھرکو پاٹھۍ دولسنس اَنیتھ خوفناک تصوٗرن آشکار کران ۔

(۱) پنجرِ وجوٗد میونے پیش صیاد اجل خنجر ابرانہٕ سٕیتۍ تکبیر ہا دپہٕ ناوتم

(ب) بارِ غم چھُس تہٕ وہتراواں دارِ بر چھُم نارِ ہیجران

مارِ آتشی چھُم بُچھیت ژاواں لولہٕ تاوَن زول میون پان

(ج) وَس زاۓ جنم فان گوم منز آنس
لوٚلھ کوٚر نم دپنس تہٕ ایمانس

سلوٗکچہِ وَتہِ ہُند اَکھ اہم تہٕ لازمی مُنزِل چھُ فنا پراوُن۔ بلکہ پننہِ اوٚنٛد پکھٕ کیٚنہہ تہٕ پننہِ نفی کرُن۔ بلکہ یہٕ احساس تہٕ مِٹاوُن زِ سالِک کیاہ چھُ کیٚنہہ چیز۔ نفی کران یا ونوس نفی ہیٚک تہٕ نفی کرُن تہٕ امہِ وَتہِ ہُند بیاکھ مُنزِل چھُ یتہٕ بقا آسان، یتھ اٚسو ابدی سکوٗن یا وصل ناوہ ہیکو کٔرِتھ۔[۱] مگر یہٕ مُنزِل پراونہٕ خاطرٕ چھےٚ کافی دُشوٲری یہٕ بوٚتھِ یوان تہٕ دُشوٲری چھےٚ بذاتِ خود بیم ناک آسان۔ تِکیازِ یمہٕ دُشوٲری تہٕ چھےٚ اَکِس انسانی وجوٗدس بوٚتھِ یوان یس یِتہِ کانہہ تہٕ پیٚرن ووٚل لازمی طور پٔنُن پان ہیٚشراوان چھُ۔

(ا) شرِتھ چیٚنبہِ یس گرٛتھِ یتھ بدنس دٔزِتھ پئیٚہ موٗ تہٕ موٗ بے
نیٚرِتھ پننےٚ ماز پٲنی پانس بوٚزِتھ کرِ نہار

(ب) پننےٚ ماز ہیوم پانہٕ بوٗزنیے دپٕ در شنٛیے زانَن زان

(ج) حدٕ روٗاسی چھوٚکھ آم رأیلس لیٚترِ کنزِرم پان
اَدٕ گاٗم ذدٕ نِشہٕ نأیلس سٕے مےٚ دِلس کان

مگر یہٕ سالِم چھُنہٕ بیک وقت پیدٕ ہیکان۔ فنا پرادنہٕ تہٕ بقا حاصل کرنہٕ خاطرٕ چھُ سالِک گوڈٕ گوڈٕ امہِ وَتہِ ہِندو باقے ابتدائی مُنزِل پراوان یم بذاتِ خود کرِیٚھتی تہٕ بیم ناک چھِ:

(ا) یُن تے گرٛتھن کسب میار
کھیٚوٗن ماز پٔنُن روزُن بیدار

---

۱ وُچھِو اسلامی تصوّف کینٛہہ مولہٕ انہار۔ سون ادب ۱۹۸۲ء صفحہ ۵۹-۶۰

زرگر احد پانس ژٕنژٕ

مدٕ وستہٕ بدنس منٛز دِ پھیٚرٕ

(ب) واوچہٕ شمشیر زیر زیرے چھُم کتہٕ راوان

(ج) ژٕرٕ عشقٕنیہ بَرٕ سَر پانہٕ ہیاٚونس

گژٕھ گنڈانس پرٕنس چھانہٕ ناوٕنس

گژھٕ گُم شُد انوار پینہٕ لولو

تام پلو چھر گوم پٔنہٕ پٔنہٕ لولو

اَمہٕ قبیلکو احد زرگرٕنی باقی شار ہیٚکو کُھ اُسی تِتھٕ زُمرس منٛز شامِل کٔرِتھ یِمَن مُتعلق اَمہ یِہ وَوّان زِ یِمَن منٛز چھُ تِمھین تَصَوُرَن مُتعلق تضاد و تِلان یِمَن سینٛو پٔرَن والین ہیٚندِ عقیدٕ وابستہٕ چھِ۔ مثلَن یِتھے کتھ یِنہٕ ماز کھیٚون، شہ بُزُن وغاٰرٕ یِہ پھٕٹے کَنٛو پانس مختلِف تخنتیہ وٕیتراوٕنہٕ یِم زَن گٔژھٕم انسانی عقیدٕ علاوٕ انسانی فِطرژ تہٕ متضاد چھِ۔ سلوکچہ وَتہٕ ہُنٛد اَکھ کرٕیو کھ منٛزل چھُ پننِس نفسس چیٚمٕ قوبو پٔراوُن تہٕ نفسانی خاہِشَن کلہٕ ژٕٹُن۔ یِہ تجربہ پیش کران یِمَن استعارَن ہُنٛد استعمال احد زرگرَن کوٚرمُت چھُ تِمَن منٛز چھُ یِہ تضاد تیٚژ شِدت پٔراوان زِ پٔرَن وول چھُنہٕ اَمہ نِشہ مُتأثر سپدنہٕ روٗس روزان تہٕ بقولِ اَمین کٲمِل پٔرَن وٲلی ہُنٛد اَکھ اَکھ زُمہ وال چھُ اِستادٕ سپدان۔

گٔنہٕ کرٕ پٔنہٕ نِس اولادس ۂنہٕ ۂنہٕ ماز ژٕراو دٕری یادس

مارٕ نیٚم کر پانس نہار کافر سپدِتھ کوٚرُم اقرار

یِہ چھُ تقریبن لل دیدٕ ہیٚندِس یِتھ تجربس نکھ سے

لو لکہ دو کھلہٕ واٚنژ پٔشم

کوٚکل ژٕ چھم تہٕ روزٕنس نہ یِہ

پیشم تہٕ نزٲرِ جم پانس ترٛٲوِشم
کٔنۍ زانہٕ تمہٕ سیٚتۍ مَرکٕنہٕ لسہٕ

دوشوٲنۍ شاعرَن ہِنٛدِ تجرُبہ چھِ وارِیاہس حدَس تانۍ رَلہٕ وٕنۍ۔ البتہٕ احد زرگرنِس شارٕ بنٛدس چھےٚ یہٕ کتھ خوفناک بناوان زِ اَتھ منٛز چھُ اکھ زبردس contrast گویا اَکہ اَنٛدٕ اولاد، بیس سیٚتۍ موصوٗم آسنُک تصوٗر وابستہٕ چھُ تہٕ بیٚیہ اَنٛدٕ کٲنٛسہ ہُنٛد پانہٕ پننِس اولادس کھٔش کرِتھ مارُن چھُ حیوٲنی جبلَتُن ہُنٛد انتہا۔ اَتھ برعکس چھُنہٕ یہٕ تضاد لَلہٕ نِش تیٚژ شِدَت پٲدٕ کران، تکیازِ یہٕ چھُ بیٚیہ لحاظ اطمینان بخش صورتِ حال زِ پنٛنی واٴنۍ زالِتھ تہٕ ژٕشِتھ چھُ واکھُک شعری کِردار کُو کلِہ نِشہٕ آزاد سپدان، اَتھ برعکس چھُ احد زرگرُن بنٛد وارِیاہس حدس تانۍ suggestive تہٕ امیُک معنوی تجویز چھُ اَمِچہِ تشبیہہ تہٕ استعارَن پیٚٹھ ژھاٚ مگر تشبیہہ تہٕ استعارٕ چھِ تیتھۍ ماکارٕ زِ معنوی تجویز چھُ ثانوی اہمیت پراوان۔

بیٚیہ پٔژھ یہٕ بیٚیس اَکِس کتھِ کُن تہٕ اِشارٕ کرُن زِ یِژھ وارِیاہ اِمیجز چھےٚ احد زرگرنِس اَکہ نٔندرُن تہٕ گُل صنوبرس منٛز تہٕ میلان، مگر تِمَن مُتلِق ہیٚکِہ پیٚنہٕ وَننہٕ یِہٕ زِ یِمَن مثنویَن منٛز چھُ احد زرگرُن پنُن دیُت (Contri-bution) زِ تِمۍ چھُ دۄن کہاٴنیَن شارَن ہُنٛد جاے وٕ ملِٹ، مگر یہٕ کتھ تہٕ کرِ یہٕ بیٚیتھ واضح زِ احد زرگرنِس اَکہ نٔندرنس اگر باقے شاعرَن ہنٛدِ ین اَکہ نٔندرن ناوٕ کیٚن فن پارَن سیٚتۍ تقابُلی مطالعہ کرنہٕ یِیہ یہٕ چھُ صاف سپدان زِ احد زرگرُن وَننُک انداز چھُ اَمہِ لحاظ بجم ناک بنان زِ اَتھ منٛز چھےٚ اَکہ اَنٛدٕ اَکہ نٔندرنہٕ موصوٗم میٚژٕ یا مٲلِس ماجہِ ہنٛدِ مجنیج ذکر تہٕ دوٚیمہِ اَنٛدٕ تَس کھٔش کرنُک، نکراونُک تہٕ پاکہٕ ناونُک خوفناک صوٗرتِ حال تہٕ یِتھے حالتھ چھےٚ گُلِ صنوبرس منٛز تہٕ۔ بیٚیتھ

---

ے اَتھ سِلسِلس منٛز ہیٚکَن موضوٗعس سیٚتۍ دلچسپی تھاوَن (باقے پرٛوٕنہِمِس صفحس پیٚٹھ)

وۆنہٕ ہیٚ ہمٚسن زِ اُسو چھِنہٕ یِتھپٲٹھۍ یِمن فن پارَن ہِنٛدِ فلسفیانہٕ مانیچ بلکہ یِتھۍ وانہٕ اِیمیجن (images) تشبیہَن تہٕ استعارَن ہِنٛز کتھ کران۔

یِیمہ ساتہٕ اُسو عقیدَن ہِنٛز کتھ کرَو، تمہ وِز چھُ مذہبَس تہٕ اخلاقس کُن زیادٕ توجہ مرکز بنان تہٕ احد زرگرنہِ شاعری منٛز چھےٚ واریاہ ترِژھ مِثالہٕ یِمن منٛز وَرگہ انداز بیان تہٕ تیٖتھۍ استعارٕ موجوٗد چھِہ یِم زَن مذہب کِس ظٲہِری عالمَو تہٕ صوٗفِیَن دَرمیان تضادُک وجہ چھِہ۔ چُنانچہِ "کافر سپدِتھ کوٚرُم اقرار" ناوِچ نظم چھےٚ اَتھ سِلسِلس منٛز خاص پٲٹھۍ ناوٕ ہیٚنس لایق۔ احد زرگر چھُ اَمہِ نظمہِ ہِنٛدِس اَخرس پیٚٹھ "دوٚن احد زرگرن غزل رنگمار" وِنِتھ پانہٕ تہٕ اَمہِ کِس خاص اندازس کُن اِشارٕ کران۔ یِتھۍ پٲٹھۍ تہٕ دِمو اُسی کیٚنٛہہ مِثالہٕ یِموٚ کیٚنٛہہ تِمَن عقیدَن سیتۍ تضاد نُمایاں چھُ یِمن سیتۍ عام لوٗکن مذہبی یا اخلاقی وابستگی آسنہٕ کِنۍ نہٕ ہِنٛد احترام چھُ۔

یَس سیتۍ نکاح چھےٚ با تدبیر    تہٕ ہِنٛزی بَبہٕ چھو دامہٕ شیر

یُتھنہٕ تہٕ شکل کری کانٛہہ اغیار    کافر سپدِتھ کوٚرُم اقرار

زاہِد پھانسہِ دِن مثلِ دُشمن    شاہِدَن کر قتل واجب بَن

عابد خانس گوٚڈٕ دِیو نار    کافر سپدِتھ کوٚرُم اقرار

میٚۓ لوٚڈ آدم میٚۓ دِتُس جان    میٚۓ زاو محمد میٚۓ دوٚن قرآن

---

(یُتہٕ میہ صفکہ فٹ نوٹ کٕٹ باقٕے) واگٕی احد زرگرنہِ اکہ نٕشد نیچہ اُکھُمہٕ نوٗی میہ تہٕ دٕہی میہ لنجہ صمد میرنِس اکہ نٕشد نیچہ دٕہی میہ تہٕ ہُہی میہ، رمضان بٹنہِ ژوٗرِہی میہ تہٕ پانٛژمہِ لنجہ تہٕ بسمل شیٚدیس پانٛژہی مس سیٚنِس سیتۍ مُقابلہٕ کٔرِتھ۔

وُچھِو اکہ نٕشدُن ترتیب غلام نبی خیال صفحہ ۴۱-۴۵، ۵۷-۶۷، ۸۷-۹۲، ۱۳۸-۱۴۶، ۱۹۷-۲۱۷

میٚے نِش نوٚن دٕراو ملک الجبار — کافر سپدِتھ کوٚرُم اقرار
شرع زاٲنِتھ وَتہٕ پکھ پوٚر — وراء الورا اَدٕ منظوٗر
فرع تہٕ اصل بیوٚن بیوٚن زار — کافر سپدِتھ کوٚرُم اقرار
زال فُرقان ناٲلی ترٛاو زُنّار — پال دین کُفرس روزتن دار

اَکس خاص پوٚت منظرس منز چھہِ ہم شار پیٚزی پاٹھۍ اکھ ہُبتناک فضا قایِم کران، مگر اَمہِ فضہِ ہیچ بُنیاد چھےٚ contrast ہَس پیٹھ تہٕ یہِ contrast چھُ احد زرگرنہِ شاعری ہنٛز اکھ نمایان خصوصیت، یوسہِ اکس فلسفیانہٕ نظریہس تابیا چھےٚ یہِ مِثال تہٕ وُچھنوٚ:

آبس تہٕ خاکس رٕل کٔرِتھ گوم کل مےٚ گنٛے یِم
نارن تہٕ واوَن نیاے تُلِم داغ زٕ یِم ما

یِتھۍ پٲٹھۍ مختلف عناصرن درمیان باقی ساری رِشتہٕ مُشراوِتھ تشنہٕ پاٹھۍ تضادُک پہلو چھُ یُس زَن سائنس بیانَس جواز فراہم کران چھُ تہٕ یِتہٕ چھُ واضح سپدان زِ شعوری یا غاشعوری پاٹھۍ کِتھ کٔنۍ چھُ احد زرگر پننہِ اوٚندَ پکھہٕ منز تِتھو تجربہٕ یِتھ پاٹھۍ شارن منز آنان، یمَن منز یہِ خصوصیت چھےٚ۔ مےٚ چھُ باسان زِ احد زرگرنہِ تخلیقی شعوٗرُک تہٕ تخیلُک مطالعہ کرنہٕ وقتہٕ چھےٚ ساروٕے کھوتہٕ اہم کتھ یِہے زِ تِہنٛز شاعری گٔژھِ مطالعہ یِیہِ اَتھی تناظرس منز کرنہٕ۔

●

مشعل سُلطانپوری

# کأشرِ ہنٛدِ صوٗفی شاعرن منٛز احد زرگرُن مقام

کأشرِس ادبَس منز چھُ صوفی شاعری ہُند سرمایہ سیٹھا باگہٕ بوٗدُت، تہٕ اَتھ سرمایَس چھُ شیخ العالمؒ تہٕ لل دیدٕ ہنٛدِ زمانہٕ پیٹھٕ اَز تام پرٛیتھ کانٛہہ صوفی شاعِر پننہِ پننہِ مقدورٕ برٛزٕ کران روٗدمُت۔ یِمن صوفی شاعرن ہُند سورُے کلامہٕ یا پرٛیتھ کانٛہہ شارٕ یُدوے تخلیقی زُو زیٚنہٕ دوٕل چھُنہٕ پوٗز کأشِرِ تہٕ شاعِر ہُند کلام چھُنہٕ گُلِہم پأٹھی آمہٕ روٗس تہٕ۔ سارِنٕے صوفی شاعِرن ہنٛدِس کلامس منز چھِ معاملہٕ تہٕ تخلیقی زُو زیٚنہٕ تفاوُت ہٕ اَکی شار نظرِ گژھان تہٕ ییتھ پأٹھی چھُ پرٛیتھ کأشِرِ صوفی شاعِرُن کلامہٕ قابلِ قدر۔ اَتھ کیٚتہِ چھُنہٕ کانٛہہ شک زِ تصوفُک مأدان چھُ سارِنٕے صوفیین شروٗعٕ تہٕ موضوٗع چھُ مشترک، پوٗز اَتھ مأدانس منز سپدِ یمتی تجربہٕ چھِنہٕ ہوی تہٕ آمہٕ لحاظ گژھِ موضوٗع کہٕ ورتاوُک انداز تہٕ مختلف آسُن۔ اَتھ ہاے پٔتھ چھےٚ شاعِرانہ مہارتھ بکار یوان۔ یَس تہٕ شاعِرس فنی مہارتھ زیٛادٕ آسہِ، تَسُند کانٛہہ تہٕ موضوٗع ورتاونُک انداز آسہِ بییَس شاعِرس نِش مختلف۔ تصوفُک موضوٗع ورتاوٕنہٕ کِس اَتھ اندازس منز چھےٚ یک رنگی تہٕ ہیشر زیادٕ تہٕ ڈٲکھ بیٚرِ تہٕ وہٕ ہشر آسہٕ سیٹھا کم نظرِ گژھان۔ یہ اعتراض ہیکہٕ سارِنٕے صوفی شاعِرن ہنٛدِس کلامس پیٹھ سپدِتھ۔ شاید اوٕ کِنہٕ زِ فنس پیٹھ چھِنہٕ پرٛیتھ کأشرِ صوفی شاعرس پوٗرٕ پوٗر قدرت آسِنہٕ سبب دِتھ میلان خبر آمی احساسن ماچھ

احد زرگر سۄنزن اَشعارن ہُنٛد مطلب ٹھاوُن "دُشوار" ہیٚتھ مِصرٕ وَنۍ نو مُت۔

شاعرن منٛز چھہٕ تِمہ شاعر اکثر یِمَن منٛز آسان، یِم نہٕ پننہٕ آسنُک

باس دِتھ ہیٚکان چھہٕ نہٕ یہٕ کنہٕ چھِ پننہٕ صوفی شاعرن ہِنٛدی سِلسِلس منٛز چھُکھ۔

پننہٕ آسنُک باس چھُ سُہ شاعر دِوان، یُس اَمہ کُنہٕ نتہٕ کُنہٕ حسابہٕ پَرٛزناوِتھ ہیٚکہِ۔

جذبہٕ کرِ شید نہٕ کینٛہہ، بیانہٕ کرِ وُکھر بہ کینٛہہ، موضوع ورتاونکہٕ مختلف انداز کینٛہہ، تجربہٕ

کہٕ تیٚز یہٕ تہٕ علامژن نہٕ استعارن ہِنٛدِ بینٛہ کینٛہہ بیٚتر۔ یہٕ چیز مدِ نظر تھاوِتھ ییٚلہِ

اَسہِ احد زرگرُن کلامہٕ پران چھہٕ، اَسہِ چھِنہٕ کانٛہہ مولوی سیدان۔ اَتھ کنہٕ ہیٚکہِ

نکار کرنہٕ ییِتھ زِ احد زرگرنہِ صوفیانہٕ کلامُک دار یاو ہِکیہٕ چھُ روایتی، تقلیدی

نہٕ بیانکہٕ ہِشر چھہٕ کمزوری ہُنٛد شکار۔ مثالہِ پاٹھۍ یہٕ شار:

چھُ کینٛہہ نے ہفت ناگن پیٚے
چھُ کینٛہہ نے منٛز ذراتن پیٚے
چھُ کینٛہہ نے کینٛہہ نچی ہیٚتھ کل
دُ چھم کینٛہہ نے میٚے دیدن تل

یُوزٕ اَمہِ باوجود چھِ سُہ اَسہِ تسنٛدِ کلامہٕ کینٛہہ پَرٛزناوِتھ ہیٚکان۔ اُمہِ سنٛدِ کلامُک کم

گۄن چھہٕ تِمہ یِمہٕ کینٛہہ سُہ اَسہِ پرٛزناوان چھِن۔ یِمہٕ گۄنن منٛز چھُ گۄڈنیُک گۄن کانٛہہ

تجربہٕ بیان کرنُک تسُنٛد نیرل انداز۔ مثالہِ پاٹھۍ چھُ سُہ چھہٕ کرال اَکھ تجربہٕ ییٚمہِ آیہٕ

باوان:

| پرانی گوس ھواللہ | پنا کھا جوم تسنہٕ سوس |
| --- | --- |
| یانے اوس آہ بہانے | تمیک مانہٕ زانن غوش |

نہٕ صمد میر ییٚمہِ آیہٕ بیان کران:

| ہمنہِ ہمنہِ زھانٛد کتھ بہٕ ییوسے | اَتھ وَنہٕ وو بھرے بہٕ توسے |
| --- | --- |

ذرٕ ذرٕ چھم ہرنامے      سَتہ سوس پن کھاجامے

تہٕ یُتھۍ تجروبہ چھُ ژون ہنٛزٕ جایہ دوٚنی مِصرعن منٛز احد زرگر ییٚتھ پأٹھۍ وَنان ۔
نیٚبر زالان سو نٛدراہ ژون بوٚزن۔ اَنٛدر کھالان یَنٛدر راہ سَتہ ساسہ پن
ییٚتھ شارس منٛز چھےٚ تہٕ اَد بُچھِج ئبلکہ مُکمل تہٕ سرِ توہٕت شبیہہ بوٚنٛتھ کنۍ آمژ۔
شأیر چھُ تماشہٕ وُچھناوان، یوٚز یانہٕ چھُنہٕ اَمہٕ تماشک جِیہ باسان۔ لفظٕ ژارٕ
چھےٚ فنکارانہٕ، نیٚبر، سو نٛدر، اَنٛدر، یَنٛدر لفظن ہُند ترنمُّ تہٕ سازُت چھہ ئتس
دولساوان تہٕ کمہٕ کھوتہٕ کمہٕ لفظن منٛز چھےٚ پوٚر پوٚر کتھ وَننہٕ آمژ۔

بیا کھ تجروبا چھُ شمس فقیر ییٚمہٕ اندازٕ بیان کران ۔

رنگہٕ ایوٚن ڈراو رنگہٕ بونہٕ تُلۍ یے      سنگدل وُچھتن چھس نہٕ میأنی مامے
ہادِ نادیدار ہیٚبیٚہ نا مُلۍ یے      لُوٚیے کرسَے لولہٕ متہٕ لامے

تہٕ یُتھۍ تجربہ چھُ احد زرگر یِمن لفظن منٛز پیش کران ۔

چشنگہٕ ساز بوزان سنگدل ڈُلۍ یے      ہنگہٕ دأر کھعن دِتھ حوٚر نوشان
پزنگہ خوتون وُزھ رنگہٕ یارٕ ئلۍ یے      وَلہٕ ہیمبرزٕ لۍ یے آلہٕ وَنے پان

شمس فقیرن چھےٚ حرف اَکھ شبیہہ ووٚتلأوِمژٕ تہٕ شار چھُ حرف اَکھ ودٕ اکھ
بنیومُت۔ لفظٕ سازتس چھہ حرفٕ نہٕ ڈٕ کھو رنگ ایوٚن تہٕ سنگدل۔ اَتھ برعکس چھ
احد زرگرنس شارس منٛز چشنگہٕ ساز، سنگدل، ہنگہٕ دأر، پزنگہ خوتون تہٕ رنگہ یارٕ بلہٕ ہوٚکو
لفظ اَکھ سَتہٕ وُن سرٚ وُد پادٕ کران تہٕ اَکی سے شارس منٛز چھےٚ شےٚ شبیہہ ووٚتلاونہٕ آمژٕ
کینٛہہ متحرک تہٕ کینٛہہ ساکن، کینٛہہ زوٚ زینہٕ ہاوان واجنہٕ تہٕ کینٛہہ نُنٛد بانہٕ ہموٚ سپتھ شارُک
موول سیٹھا ہُریومُت چھُ۔

یہٕ لفظٕ سازُت چھےٚ احد زرگرنہٕ کلائچ اَکھ ٹاکارٕ خصوصیت۔ ییٚمہٕ چھ
ببیٚہ اَکھ نہٕ ہشالہ دِنہٕ نامنہٕ ئسبب باسَن نہٕ ۔

بَرٕژھ ہُنٛد تاوِیزٕ مرٕژھ مُرٕژاو | ترٕژ تاوِ عشقٕنہٕ پان بُزٕ ناو
وٕژھ وانٛگٕہ زٕ ہے عالم ترٕاو | نوٗر دُری یاوِ ہنٛزٕ پوٗرتن ناو

۵

بنٛدن بنٛدن چھُم چون خاشو | زنٛدن بارغ وو بھراوے یو
رٕندن سیتۍ چھُک مارٕن ماشو | گاشو سیٚتھہٕ گاش ونٛدے یو

ڈاکٹر حامدی کٔشمیری چھہٕ ییٚمہٕ کتھہٕ کنۍ احد زرگرنہٕ کلامُک موٗل ہُرٕ راوان
زیٚنۍ چھہٕ تصوٗفکۍ وارِیاہ نوکتہٕ روٗحانی اسرار پرستی منٛز تبدیل کرِتھ ہینٛتھ "میون خیال
چھُ زِ یہ وصف چھُہٕ احد زرگرنٕس کلامس سیٚتۍ مخصوٗص۔ یہ چیز چھُ کم وبیش
سارنٕے صوٗفی شاعرن ہنٛدس کلامس منٛز نظرِ گژھان۔ وٕن گو صوفیانہٕ تجربہ، مادی
دُنیاہکۍ تجربہ باسناوُنس منٛز چھہٕ احد زرگر سیٚٹھا کامیاب۔ جُدٲیی ہنٛدِ زٕہرچھہٕ
یِتھہٕ دُنیاہس منٛز یہ سیٚٹھا کرٕیٹھ باسان یتہٕ تِمہٕ دُنیاہچ چھیٚنہٕ کتھہٕ۔ ییٚمہٕ ساتہٕ
احد زرگر ہقیقس زٕہیمن ہیٚنز کتھہٕ کران چھُ۔ اَسہٕ چھُ باسان زنتہٕ اَریہٕ مال پنٕنس
مُشِ منٛزٕ جُدٲیی منٛز وِداکھ دِوان یانے بلکل مادی دُنیاہکۍ تجربہ ہیوی۔ اکھ مِثال
وُچھو

ژوٗر ژوٗر کوتاہ اوٗش بو ترٕاوے | موٗر نارٕ لٲلہٕ وان گوم ییٚنز کال
حوٗر چھیپر زردی عشقہٕ آمہٕ تاوے | وولہٕ کالی راوے کھیکھہ اَرمان

نتہٕ چھہٕ جُدٲیی منٛز عاشقہٕ سنٛز حالتھ بییٚہ صوٗفی شاعرو تہٕ بیان کرُمٕژ
مِثالہٕ بأکھوٗسو چھہٕ کرالٕن یہ شار سہ

اِلیٚن برٕتل روزے وُچھنس، نتھی ترٕاوے ڈُلہٕ گونیے
گرٕنزٕ نوہییٚنز ھنس کرٕ ہے زو نزٕ نونیے

خدایہٕ سٕنٛدِس محبتس منٛز یِم سفر ساکس ٹُلیٚنو ییوان چھہٕ تہٕ یِم کرٕیٹھ منٛزل شہ
طے کران چھُ تِمیُک اظہار چھُ نعمہٕ صابُن یِتھہٕ شارس منٛز کوٗرمُت سہ

لوٚلکہِ گرٛٹہٕ مےٚ کتیٚہِ پیشہ      فرہاد تیشہ کیٚتھ لیٚہ ہا

یتھ میانہِ جوٗیہِ آب ہیشہ      کمبوٚ شیشہ چھوٚ وتھس مے

اَتھ برعکس پٔرِ ہو تو اَحد زرگرُن یہِ شار ؎

ترٛیٚہٕ عشقٕنیہِ برسر پانہٕ ہیتو وٕنسَ۔ گرٛٹہٕ گڈنسَ پٔرِ کنیس پان چھیوٚ وٕنسَ

گٔٹہٕ گمٕ شُدہ انوار ییٚنہٕ لولو ۔ تام یوٚ چھر گوم ییٚنہٕ ییٚنہٕ لولو

اندازٕ ہیٚکہِ کرٕنہٕ ییٚتھ زِ پانہٕ گرٛیٚہٕ پیٚہنہ یٔنسَ تہٕ کتیٚہِ گرٛیٚہٕ پیٚہنٔس کیٚتر فرق چھےٚ۔

احمد بٔٹہٕ وارِ چھےٚ اَکھ تجربا بیان کران یہِ شار وَنان ؎

دٔپہٕ سیٚتھ تو سہ کھورمے۔ عمہٕ سیٚتھ کتیٚہ نےٚ آو

قوم چیٚپنسَ نالہِ جامہٕ چھوٚٹ یے۔ بیون موٚت یے سالسَ ڈراو

تہٕ اَکھ سیلسِلس منٛز چھےٚ احد زرگر وَنان ؎

شاہ توس وونیوم آمین ییٚنہٕ نےٚ      لوگمُ کتیٚہٕ نےٚ سپدُم فان

توسہٕ گٔنتھ چھوٚٹ جامہٕ بناوٕنسَ تہٕ آمین ییٚنَ شاہ توس وونٕنسَ یتھ یہٕ فرق چھےٚ سو

فکرِ ترٛٲوِنی چھےٚنہٕ مُشکِل۔ ظاہِر چھےٚ زِ احد زرگرن چھےٚ ییٚنُ نوزُک تجربہ بٔڈٕ جان مثال دِتھ

بیان کوٚرمُت۔ آمین ییٚنَ شاہ توس وونُن کیٚتر کرِ ییٚتھ کام چھےٚ تمیُک انداز کرُن چھےٚنہٕ

دشوار۔

سو چھےٚ کرٛالُن شار چھےٚ ؎

گوٚ چھِ ییٚنہِ زاوس چلس      ژھیٚپہٕ ژھیپرے مےٚ گیٚنڈمے

گوٚ چھِ چھےٚ گامٕ ٹیٚلتھ نکس      زٕنبلس کیٚتھ وُچھِ ہمے

تہٕ احد زرگر چھِ وَنان ؎

ٹُلِر دیوٗر ہیٚتھ زابہِ چلس اندر اَنز راوان

زلِر کر گیوٗر کوٗر نفسہٕ ژھلس مےٚ مےٚ دِلس کان

انداز کرِو احد زرگرٕنی شبیہہ پٔرزاہ مٲری منز تہٕ مکمل چھےٚ۔ زٲلرِ ہُنٛد تُکرِ ہُنٛد دشمن آسُن، تیٚتھے کُنُو بیٚیتھِ پٲٹھۍ نفسِ امارٕ روٗحٲنی طاقتہِ حٲصِل کرنَس منز رُکاوٹھ ثراوان چھُہ۔ یہِ شار چھُنہٕ سوچھ کرٛ النہٕ شارکی پٲٹھۍ محض اکھ بیان باسان، بلکہ اکھ صوٗرتِ حال موٗحسوٗس کرنٛچ دگ۔ یوسہٕ دگ اَسہِ تہٕ ژینان چھےٚ تہٕ شاعر سٕنٛدِس تجربَس منز شامِل سپدان چھِہ۔ اَحد زرگرنہٕ کلامچہِ داریاہ شبیہہ چھےٚ یِیتھے پٲٹھۍ زیادٕ جاندار تہٕ صاف۔ وُچھو یہِ مثال ؎

ژھیٚپہ بیوٚلھ گوٚمائی تھَپہِ رٔٹنہِ داو      ژھعہ پیوٚلھ کرِتھ کسبَس سنیاو

بیٚپہ روٹھ سپُن مایِل سونَس      ہے ویٚشسرو تہٕ وَنتم باوکَس

کٲشر ادبک اکھ اہم نقاد محمد امین کامِل چھُہ احد زرگرنہِ کلامُک موٗل ہیٚر کھٔر کران تہٕ شیٚنز شاعری ہُنٛدِس اَکِس خاص گوٗنَس کُن اِشارٕ کرِتھ تتھ کھوژٕ نادان شاعری Horror Poetry ناو کران۔ میون خیال چھُہ زِ یہِ چیز چھُنہٕ کٲشر شاعری منز نَو۔ حضرت شیخ العالمؒ سٕنٛدِس کلامَس منز تہٕ چھُہ کُنہِ کُنہِ یہِ چیز ژھایہٕ گیٚتی کران۔ (تَمہٕ چھےٚ زٕتِس تہٕ بیمٕ چھُکھ نژان) بیتِرِ تہٕ اَحد زرگرُن ہم عصر شاعر صمد میر تہٕ چھُہ وَنان زِ ؎

بوے مأرِتھ بنی نَبوے آدم

دوٚن گوٚ احد زرگرُن لہجہ چھُہ مختلف۔ یہِ لہجہ چھُہ کھوژٕ ناوُن وول۔ بے باک تہٕ نڈر۔ یہِ لہجہ چھُہ احد زرگرُن کلامہٕ بَرناونَس منز سیٚٹھا مَدد دِوان، تہٕ یُتھ لہجہ چھُہ کٲشرِ شاعری منز گوٚڈنیچہِ لَٹہِ اَسہِ بوٚنہٕ ٹھ کُن یِوان۔ ڈاکٹر حامدی کشمیری سٕنٛدِ یہِ وَنُن چھُنہٕ غلط زِ" یہِ چھُہ اکھ بدٕ لے لہجہ، مأنتھر دار، حاکمانہ تہٕ پُر تاثیر۔" یُس چھُہ نَم کٔنتھ وَنان یم اَسہِ بلکل وِکھرٕ باسان چھےٚ، وِکھرے تہٕ، شرعیتچہِ زبٲنی منز کُفرٕ چہِ کَتھہِ، بداخلٲقی ہٕنز کتھہِ۔ پوز یہِ ما چھےٚ نثرٕچ زبان۔ یِمَن کَتھَن چھُہ بَدل مانہٕ۔ یِمَن چھِہ علامژن ہنٛدک پَردٕ تہٕ اشارٕن ہٕنز ژھایہٕ۔ وُچھو یہِ مثال ؎

یَس سیتھ نِکاح چھُے بانڈ بِیر — تَس شرے بَبہٕ چھُو دامہٕ دامہٕ شیر

یُتھنہٕ کانٛہہ گل کری کانٛہہ اغیار — کأفرَس سیٖدھہٕ کوٗر رُم اِلقرار

صوٗفی شاعرَو چھہِ اکثر بیشتر خُدائی ہِنٛدِ کہ وِیدا کھہ دِتی متھ تہٕ باسان چھُہ زمانہِ چھہِ دُمبرِ دُمبران دوٗرِ رِکہ نارِ دزان روٗدی متھ۔ یِم وِیدا کھ چھہِ احد زرگرَن تہٕ دِتی متھ پوٗز کُنہِ کُنہِ چھُہ باسان زِ تَس چھُنہٕ دوٗرِ رِے یوت باگہ آمُت، بلکہ چھِس وِصلکو ژٕہِ ہر تہٕ اَتھہ آمتی۔ اَکھ مثال چھُے یہِ ؎

موٗنہٕ بیٹھو دِتی مَس کھوٚرَن تہٕ اَتھہ نے

کھوٗنہٕ کھوٗنہِ لَکہٕ دُم روٗنہٕ موٗت یار

تَنہٕ تَن میلِتھ بیٹھی خلوتَس نے

ژٔھوٗرِ دُچھ گَتہٕ نے مَنٛز دیدار

احد زرگرَن چھُنہٕ شارِ ہیٚئتہِ ہنٛزَن مُروَج صوٗرتَن مَنٛز کانٛہہ خاص تبدیلی کرٕمٕژ۔ تِمو چھُہ وَژُن، غزل تہٕ بدہِ ہشیٚے ہیٚئتہِ مَنٛز وَرتاوِس مَنٛز اَنہٕ مٕژ۔ یوٗدوے کُنہِ کُنہِ یہِ خیال چھُہ سیٖدان زِ ظوٗرِ چھُس گوٚمُت اوکُن، پوٗز شعوری لحاظہٕ چھُن تہٕ کوٗشش کرٕمٕژ۔ اُردو گیٖتُک فارم چھُس باضنے متاثر کران، تہٕ شہ چھُہ بیٚتھہِ پأٹھی شار وَنان ؎

امہِ وِنہٕ ژھوٗرِ رے، مَسیٖ وِنہٕ ہوٗرِ رے۔ کھسیٖو نہٕ ٹوٗرِ رے شرنے ڈرام

کوٗنے ویسیٖو دِلبر خبرے آم

خیالُک تسلسل تھاوَن واجبہٕ مثالہٕ چھُے کیٚتیٚن صوٗفی شاعرَن ہنٛدِس کلامَس مَنٛز میلان۔ بیٚیمہِ کِنو اَہندین کیٚنژَن جیٖزَن نظمہٕ وُنُن ہیوان چھُہ۔ مثالہٕ پأٹھی وہاب کھارُن "طوطہ" رحمان ڈارُن "شُشِ رَنگ" احمد بَٹہٕ وارِنی نیے بیٚیترِ۔ احد زرگرُن مسلسل کلامُک مثال چھُے اکہِ نٔندُن۔ اکہِ نٔندُن چھُہ باقے

کیتشرو شاعرو تہٕ دوٚن مُت مُتلق رمضان بٹ صمد میرن ہیتیر۔ پوٗز احد زرگرُن
اکہٕ نندُن چھُ پننہٕ قسمُک اکھ خاص چیز۔ اَتھ منز چھےٚ احد زرگرنی فن کاری وارِیہن
جاین نتیٖجہ نیران تہٕ تتھٕ شاعرانہٕ جہارتھ چھےٚ واش کڈان بوزن وألین پیوان۔ اکہ نندُن
چھےٚ اکھ تمثیل، اکھ دلیل، اَتھ منز چھےٚ منظر کشی ہنٛز گنجایش تہٕ تہٕ جذبات
نگأری ہنٛز تہٕ۔ کردار دو ونلاونچ تہٕ، تجسُس پأدٕ کرنچ تہٕ، احد زرگر چھُ
پٔرِتھ جایہ اکس کامیاب شاعرس ہِنٛدِ حیثیتہ ییتہٕ بوتھ کُن پیوان۔ جوگی شُند سراپا
بیان کرنہٕ باپتھ، ییٚتہٕ صمد میرنٕ تان شار ونان چھُ۔ تتہٕ چھُ احد زرگر صرف
یِم ژور مصرعٕ نِیتھ کُنھ اثر راوان ؎

ژھوٗٹہٕ کشکول ہتھ چھُکھ پھیرانو
لوٗٹہٕ چھےٚ درد سٕ مَن پریشان
گوٗنہٕ دار کھٔراوِ چھُکھ ھٔس مارانو
جوگی مستانو وٕندیو جان

احد زرگرُن اکہ نندُن بَران چھےٚ اَسہ شبیہہ سازی ہنٛز جان
مثالہٕ تہٕ نظر گژھان۔ یہ شار وُچھو تو ؎

پوٗر کوٗر پوٗر بر جوگی گُفتارن — سوٗرہٕ ژولہٕ بٹنے نوٗر پھوٗل زن
ویٚلار ہیتھ نکراہ آیہ گلزارن — بُسرے نارن نأ جنم تن

احد زرگرُن چھےٚ اَتھ تمثیلہٕ منز ڈرامأیی کیفیت پأدٕ کرنچ تہٕ کوشش
کٔرمژ تہٕ اَسہٕ چھُ کیتشرن جاین یہ باسان زِ زنتہٕ چھُ یہ واقہٕ سانےٚ اچھن بوتھ
کنہٕ سپدان۔ مثالہٕ پأٹھی ہانٛتھ بٹنہٕ ہنٛد گوبہ کھورٕ باسن وِزہ دون باژن منٛز
کھتھ باتھ۔ بٔنہٕ چھُ پرژھان ؎

حال وَنہ بٔنہٕ پنی ڈال چھکھ مارن — زالہٕ نشہٕ ماگمی یلہ گردن

نالہٕ نے ہتھ گوٚے بیٚیہِ ولہ زارَن۔ بسرے نارَن زأ جنم تنَ

تہٕ بٹمنہِ ہُنٛد جواب تہٕ تخطن منٛز بلیٚ کیہ ۔

خشدٕ آہ ہٹہٕ غے ژھعہ ییہٕ کرٕ ہشارَن رٕند زانہٕ مانے یمن حرفنَ

یمن جایَن گالی ہٕنٛدی، ماجہ ہٕنٛدی تہٕ بیٚنیٚن ہٕنٛدی جذبات ہاوُنک موقع
چھُ آمُت ——— تَتہٕ تہٕ چھُ احد زرگر اصلس سیٹھا نکھہٕ روزان بٹلن
اکہ نندُن مارن وزِ ۔

ماجہ ہیٚبو تتس موے پرٛاٹھ یے مَتہٕ مارتن اکہ نندُن یے

ییہتے پأنٹھ گالی ہٕنٛدی جذبا تحفہ ۔

رامہٕ گوٗپالس اوٚرٕ ہے دارن نام دوٚلتہ تھالس منٛز اوٚش آن

دوٚہپنس کیا کھیمہ گاجس نارَن بسرے نارَن زأ جنم تن

اکہ نندُن ژھارن وزِ جوٗگی ہٕنز کرٕ یکھ لوٚزِ تہٕ چھےٚ رامہٕ گوٗپالنہِ حالت
سیدان ۔

رامہٕ گوٗپال ہیون دوٚلتہ لارَن کچھ مالہِ لوٚز ڈٕلی ڈرٛایہ تھارن

دِلو جوٗگی لوٚ کھسو ہیوٚرکُن ہے

اکہ نندُن زٕ ہتھ ہیٚبلہِ شہ رٔچھنہِ لیوان چھُ، تہٕ کمہ آیہ چھُ رٔچھنہٕ لیوان
تس کَم لوٚز چھےٚ کرنہٕ یوان۔ یہ تمہ ہیٚمہ شارٕ تلیہ ۔

گاہ مَتہٕ پھلہِ نے منٛز تھاوأنی گاہ کھوٚنہٕ منٛز چھس للہٕ ناوان

گاہ روٗنہٕ منٛز لیس منٛز تھاوأنی زاو اکہٕ نندنے عالی شان

ہمہ ساروٕے مثالو تلہِ چھُ نتان زِ احد زرگر چھُ صوٗفی شاعرن منٛز اکھ خاص
مقام تھاوان۔ یہ وَنُن تہٕ چھُ مقام یہ ونہٕ ہیتہٕ زِ سُہ چھُ سیٹھا بوٚڈ شاعر۔ نہ
یہ زِ سُہ اوس تمنٛن ہم عصر شاعرن سٔرس۔ پوٚز یہ خیال چھُ مےٚ ضرور زِ سُہ چھُ تمنہ

کلامہٕ سیٚتۍ ییٚنہٕ آسنُک باس دِوان۔ تَس چھےٚ پنٕنۍ پہچان، تتھٕ۔ کلامہٕ چھُ تیٚتھُے ییٚمہٕ کیٚنژھہ باقے صوٗفی شاعرن منٛز پرٛزناونہٕ ہیٚکہِ یِتھ تہٕ صوٗفی شاعرن ہٕنٛدِس کاروانَس منٛز چُھ پان نوّن کڈُن چھینہٕ کانٛہہ سہل کتھ۔



معراج الدین

# احد زرگر ـــــ اکھ مُلاقات

جولائی ۱۹۸۱ء منز کوٚر ریاستی کلچرل اکیڈیمی عبدالاحد زرگر صابنِس دولت خانس پیٹھ (ڈانگر پور) اکھ محفل آراستہٕ، یتھ منز تِہنٛدِ پوٚژ محبو علاوٕ کأشرِ زبأنی ہنٛدی کیٚنٛہہ بہلہِ پایہٕ شأعیر أدیب تہٕ دأنشور تہٕ موجوٗد أسی۔ یہٕ مجلِس أسی سیٚٹھاہ لولہٕ ہٕنز۔ مُدعا اوس شرفِ مُلاقات۔ محفلِہ منز بیٚیہِ زرگر صابنہٕ زندگی، تِہنٛدین رنگہٕ رنگہٕ تجربن تہٕ شأیری پیٚٹھ کتھہٕ باتھ۔ اکھ موقس پیٚٹھ أسی زرگر صابنِس سیٚتی یِم ہمکال شأعیر تہٕ أدیب موجوٗد۔ میر غلام رسول نازکی دینا ناتھ نادم، رحمان راہی، محمد یوٗسف ٹینگ، موتی لال ساقی، علی محمد لون، محمد یوٗسف ہمدانی، ظریف احمد ظریف، نور محمد بٹ، بشیر اختر تہٕ معراج الدین میٚتر۔ محفلِہ ہُنٛد دس تُل راہی صابن۔ تِتہِ یوٚسہٕ کتھہٕ باتھ سپٕز سوٚ چھےٚ تقریبن منٛز پرٛن والین ہنٛدِ خأطرٕ یوٚتہٕ کٔنہٕ درج۔

راہی : زرگر صابس کرٕ بہٕ التماس زِیِم خاص واقعات تِہنٛزِ زندگی ہنٛدی چھہٕ، تِمن ہِہن سام۔ اَدٕ یہٕ تِمن لوٚکچارٕ پیٚٹھٕ اَز تام باسیوٚمُت چھُ، جِسٕتہٕ جِسٕتہٕ واقعات۔

زرگر : أسہٕ اوس بیٚیرن فقیرن سیٚتی وو ٹھنک بیٚہنک ماحول۔ یوٚت أسی یوان جان بُزرگ تہٕ درویش میأنس بابہٕ صأبن تہٕ بُڈی بَبہٕ سٕنٛد۔ اُتھی منز گوٚ أسہٕ اَکس سیٚتی تعارُف۔ سُہ اوس روزان کاوٕ ڈارٕ۔ مُلیأری کأم اوس کران۔ ناو اوس سُس عبدالکبیر لون۔ بہٕ گوس تس نِش۔ تِمو ےٚ کوٚر مےٚ بیانہٕ۔ اَکھ قصہٕ



دینا ناتھ نادم ۔ احد زرگر ۔ محمد یوسف ٹینگ



عبدالاحد زرگر تہٕ غلام رسول نازکی۔ اکھ اہم نوکتہٕ دہٕژھادان



ژ دچھنی، بشیر اختر، علی محمد لون، غلام نبی فراق، دینا ناتھ نادم، احد زرگر، غلام رسول نازکی،
محمد یوسف ٹینگ، رحمان راہی، محمد یوسف ہمدانی، موتی لال ساقی، ظریف احمد ؛

گوٚمتہٕ پُرٛژھ تس زِ بہٕ کرزاس۔ تمہٕ فرموو ۱۴ یا ۱۵ اوسکھ ژٕ پوان متےٚ ہِشن
تمہٕ پتہٕ رٕوٗدس بہٕ ہتہٕ ہنٛدی ہسے دامنس تَل۔ اَکھ دوران گوٚ کینٛہہ وَقفاہ زِ متےٚ
وُچھ خاب۔ خابس منٛز آو متےٚ میر واعظ مولوی محمد صاحب راجویری کدل آتہٕ۔
بیٚیلہ بہٕ بیدار گوس متےٚ اُس وٲلد یتہٕ زندٕنہٕ قبلہ گاہ یتہٕ۔ دوٚپہم ژٕ گژھ
تمن نِش۔ خاٗر گوس بہٕ تمن نِش تم اُسہٕ حمامس منٛز بیہتھ۔ بہٕ بیوٗٹھس
دروازس تَل۔ تمو کرٕ متےٚ نظراہ۔ دوٚپہم کیاہ ساٗ کرٕ ژھی۔ متےٚ دوٚپمکھ بہٕ
حفظ چھس نزور روزان۔ تمن اوس نزورس سیٚتہ زیادٕ الحاق۔ تم چھِ متےٚ
وُچھان۔ دوٚپہم کیاہ گرٕ ژھی۔ متےٚ دوٚپمکھ متےٚ حفظ اُس عرضیہ رٕژھا۔
دوٚپہم وَن۔ متےٚ دوٚپمکھ بخض اُتی نش وَنہٕ ہا۔ تمن اوس دُچھنو کینٛہہ اَکھ
دُمیہ پونش انساناہ۔ تمو ووٚن وَن۔ متےٚ دوٚپمکھ بخض اُتی نٕے وَنہٕ ہا۔ اَغرض چھس
بہٕ تمن بیان کران خاب۔ تمو ژ اَو متےٚ کُن نظراہ۔ متےٚ حفظ گَیہ نو وَری پہیر
کرٕ میتس۔ تمو دوٚپہم تَہہٕ دوٚہ بہٕ۔ باہ دوہ گَیہ گوس بٔنیبہٕ کس حفظ
چھُکھ۔ متےٚ بہٕ وُچھ اَمہٕ سانٛز نی کرٕ بَیان۔ تمو اُس متےٚ خابس منٛز اَکھ روپے
دِژہمٕژ۔ اَمہٕ سانتہٕ چھم دِوان ژور آنہٕ۔ متےٚ دوٚپمکھ نہ حفظ متےٚ چھُنا تمہٕ وِز تو
روپے دِژہمٕژ۔ اَمہٕ سانتہٕ چھم دِوان ژور آنہٕ۔ متےٚ دوٚپمکھ نہ حفظ متےٚ چھُنا تمہٕ
وِزِ تو یہہ روپے دِژہمٕژ۔ تمو کوٚر بیانہٕ بہٕ چھےٚ کاکنی۔ داتہٕ گرٕ ژھی اَتھو سیٚتہٕ
کیاہ کرٕکھ۔ لوکٹ چھُکھ۔ نہ حفظ گرٕ ژھِن۔ دوِں گرٕ ژھہٕ تیٚلہٕ ترٛن شب جُھک
دوہہ اَکھ بڈٕ او وکینٛژھا۔

پتہٕ اوسس بہٕ تمن نِش گژھان۔ مگر یہہ اوسہٕ گورمنٹ پیپر۔ تمہٕ
پتہٕ گوٚ بٔنیبہٕ کینٛہہ وَقفاہ زِ واز پور اوس رسول بٹ۔ سُہ اوس کوہٕ ژھل کام کران۔

تَس سێتۍ تہٕ کوٚر مُلاقات کێنٛژَن کالَس۔ مےٚ نٛز گوٚو بیٚیہ کینٛژہہ وَقتاہ زِ بیاکھ حضرتاہ اوس بَسان بَڈٕ گوٚم نٛدٕ۔ ناو اوس پیر ثناء اللہ۔ تَس نِش تہٕ اوس اَمہ کینٛژہہ نصیبہٕ۔ اَکھا اوس قصائے کٲم کران۔ زِ وِر اوس روزان۔ ناو اوس مامہٕ صائبہ گنائی۔ تِمو کوٚر اوٚرے مےٚ کینٛژہہ عطا۔ مۆختصر اوس بہٕ جوٚالی ہیوٚتھ۔ اُکس ہیوان اَکھ چیز تہٕ بیٚیس بیاکھ۔ یِہندٕ رے عنایت چھےٚ مےٚ مگر حاصِل چھُم تہٕ کینٛژہہ۔ یِہنٛز نَظرٕ تہٕ یِہندٕ دُعا۔ مےٚ چھےٚ نہٕ عمل۔ تِہندٕ رے دُعا چھےٚ۔

لون۔ تۄہیہ فرمووو زِ تۄہہِ چھےٚ کینٛژَن بُزرگن ہنٛز رہبری حاصِل، عنایت چھےٚ تِہنٛزٕ رے۔ یہ تۄہیہ کینٛژہہ حاصِل کوٚر وِ تہٕ چھُ سیٹھا بوٚڈ۔ سانہِ ادبہٕ خاطرٕ، سانہِ زبٲنۍ باپتھ۔ مگر بیٚیہ مادانس منٛز، یانے شاعری منٛز تۄہیہ وٲتھۍ ہیوٚتو چھو، تتھ چھےٚ میوان سیٹھاہ محنت کرٕنۍ۔ تۄہیہ کوناہ اوسو پوٚر مُت۔ تِمہ پتہٕ یوسہٕ تۄہیہ شاعری ہیٚچھو، اَمہ خاطرٕ کاژاہ محنت پیٚیہ تۄہیہ کرٕنۍ۔ اَتھ مُتعلق وَنِو تۄ اَکھ زِ کتھ مۆختصر پٲٹھۍ۔

زرگر۔ بہٕ اوسُس طالب پَناہ۔ گرٛہان اوسُس پرائیویٹ یِس شُہدادن نِشہ بُلبُل لنکرٕ اوس۔ تَتہٕ اُسی عربی تالیم دِوان۔ بہٕ اوسُس تُوٚتے گرٛہان۔ بیٚیہ اوس یِمیتہ کاڈی کڈلہٕ اَکھ اوخُن صاب، تَتہٕ اوسُس فارسی پَران۔ پیٚتہٕ کیٚنٛہہ چھُس نہٕ کُنہِ مدرسس گومُت۔ اَتھی منٛز آیہ مےٚ درویشن ہنٛز کتھ۔ تِمو رے نیٚو ہَس تہٕ یکنو وِہِس بیٚتھ لایہٕ پیٚٹھ۔

لون۔ اَتھ دوران کانٛہہ واقعہٕ سپُد مُت۔ شاعری منٛز کرُن سپُد تۄہہِ اطمینان۔

زرگر۔ بہٕ اوسُس فقیرن سێتۍ حِفن۔ تِمَو اوس اَکھ ہٲزاہ دوس۔ اَتھی پتہٕ بامیوٚو

مےٚ کیاہ ہتام۔ بہٕ چھُس لیکھان ناو ژٕ ہٕ ستو بگر لیکھنہٕ چھُمنہٕ پوان کینہہ۔
اَتھ اوس ہتر پیہ۔ دوٚن مےٚ "بخلاص اوس صُحبتن تہٕ شامن" یُس میانہٕ
بیاضہ منز موجوٗد چھُ۔ یہنہٕ پاٹھۍ کوٚر مےٚ شاعری ہُنٛد ابتدا۔ صرف مصرٕ جوراہ
نارٕ۔ کیاہ مائے چھکھ لیکھان۔ ییتہ چھم نہٕ خبر بہٕ کیاہ چھُس لیکھان تہٕ یہ کتہٕ
اوس پوان۔ یہ اورٕ اوس پوان تی اوسُس وَنان۔ مگر فقیرن ہینٛز کوٚرُم
اعتراض۔ ژٕ وَنان کیاہ چھکھ۔ مےٚ دوٚپُس بہٕ چھُس بہٕ وَنان جانٛی زیو
مےٚ چھُنہٕ پانس اَتھ۔

ساقی۔ مےٚ حصہ چھُ عرض ژٕ تہٕ ہنٛز شاعری منز چھہٕ شاستر کی کینہہ لفظ۔ مثلن
پوہ رُمش ششش کل، کینہہ تہٕ، ییم صوفی شاعری ہٕنٛز اہم اصطلاح چھےٚ۔ بہٕ
یژھا زانُن ییمن کیاہ چھُ مطلب ییتھ زن اَسہ زان سپدہ۔

زرگر۔ اَتمن کوٚ "پوہ رُمش زانٛی کار"۔ ییتھ رُوز ششش کل، ششش کل چھُ "وجوٗد نیٖتہٕ
شےٚ طرف"۔ کینہہ نہٕ چھُ تی یہ مخفی اوس، کُن تہٕ کنہ ژُن۔ تیتھ اوس نہٕ
ناوے کینہہ۔ ییتھ ژٕ ناو چھُ تی چھہ مُراد۔

ساقی۔ دوٚیم عرض چھُم ژٕ توہہ چھو کُلیات تہٕ چھاپہٕ کرِتھ۔ اَتھ منز چھُ لیکھتھ تُہنٛد
کلام چھُ ۱۳۸۸ ہجری تام۔ اَمہ پتہٕ ییُس کلام چھُ سُہ چھپیو نا۔

زرگر۔ کُلیات پتہٕ چھُ چھپیومُت گُل صنوبر۔ بیٚیہ چھُ اکہ نشدُن۔

ساقی۔ اَتھ مُتعلق چھُ مےٚ عرض ژٕ توہہ برونٛہہ تہٕ دوٚن واریاہ ہوا اکہ نشدُن۔ توہہ کیاہ
ضروٗرتھ باسیوہ تہٕ نوٚ ستر باگن منز بھرن۔

زرگر۔ مےٚ باسیو نہٕ کینہہ مگر مےٚ آو اورٕ تہٕ۔ اَکہ دوہہ ہیٚہ اوسُس بہٕ تقریر کران فقیر
سیتو۔ یہ آو اورٕ تیمہ دوٚن مےٚ تی۔

نوٗر محمد: عام لوٗکن بخصن چھُنہٕ تُہنٛد یہ خیال فکرِ تران۔ توہہ کرِو نا اَتھ رژھا وضاحت۔

یس سِیتو نِکاح چھُے باتدبیر تَتھ بَنہٕ چھو دامہ دامہ پٔشر

یِمھُنو گاتُگل کری اغیار

کافر سِپدِتھ کوٚرُم بیٚقرار

زرگر۔ کافر گوٚ عاشق۔ عاشق بنہٕ نہٕ توٚتام، یوٚتام نہٕ ماشوق وُچھہ۔ اَدٕ بنِہ عاشق۔ اَدٕ پیٚتھ پاٹھو آسہ تہٕ تیتھہ پاٹھو۔

نوٗر محمد۔ نہٕ حقس پہٕ چھُس وَنان یہ چھُوا نوٚہہ یہ وَدِنہٕ خاطر کافر دوٚنمت۔

زرگر۔ نہٕ کافر دوٚنمُت نہٕ۔ یہ چھُ کافر۔

نوٗر محمد۔ اکس جایہ چھُو نوٚہہ یہ فرمومُت ؎

لاہ لاہ لاہ کوٚرُم اَلِفہ کیوٚ نیایو

گاہ تروو میمہ چو گژایو سیتو

گوٚ اَلف یُس چھُ پانے خُدائے، اَمی ہسائے تروٚوُس یہ واَرانس تہٕ وارٕ اَگی منز۔ یِیٚمہ وَقتہ ہسائے "م" آو، اَمی ہسائے اوٚنم وَتھ۔

زرگر۔ اِتھا پٹھے چھُ پیوان وَننہٕ، نفع گوٚ کینہہ نے۔

نوٗر محمد۔ نوٚہہ یہ چھُو دوٚنمُت ؎

واہ رے عارفن گوشن ژاو واہ رے معرفت مے ہیٚتھ آو

زرگر۔ چون ہوا۔ دیکھو جی۔ یُس کلامہ چھُ یہ چھُ ہوُے سوُرے۔ یہ چھُ گرٕ ہان ہوا بنِتھ ہتھ کُنس منز۔ کلامس منز بوٚ سہ کتھ کرنہٕ یِیہ تتھ چھُ پوان واد بُتھ۔ نَتہٕ ییکہ نہٕ یُس اندر سوز آسہِ، تُہ بوز نیٚبر تہٕ بِنُن سوز۔ یہ چھُ سوُرے پرانس پیٹھ۔ پوٚن چھُنا۔ اَتھ پیٹھ چھُ سوُرے۔ اَمی سِیتو چھُ یہ سوز پینہٕ نِس کُنس منز گرٕ ہان۔ بِہِیس کیشاہ چیٚنٹھ چھُے۔

نوٗر محمد۔ "سیاہ وُچھم"۔ یہ سیاہی ہُند تصوُر چھُنہٕ آسہ ساری نے شاعرن

مٔنز۔ یہ کیٛاہ گوٚو۔

زرگر۔ سیاہی گیہ رنگہٕ ذالنہٕ۔ سہ ییہِ نہٕ بیٚیہ رنگہٕ کہینہٕ۔ سہ چھےٚ رٔنگِتھ۔ پتہٕ کُنہ چھُ رنگ کھسان۔ سیاہس پیٹھ کیٛنہ رنگ کھسِتھ۔

نوٗر محمد۔ اُمیٛک مانے مطلب یاہ کیٛاہ چھُ ؟

زرگر۔ سہ وٕتھ نہٕ اُچھ۔ ژٕنٹے چھےٚ اَندرٕ کیٛنہہ لبنہٕ یوان۔

نوٗر محمد۔ نہ کہینہ نہٕ۔ حرف چھُس سوچان۔

زرگر۔ چھُ کیٛاہ اَتہٕ۔ سہ رخی چھا۔ سبزی چھا۔ کیٛاہ چھُ اَتہٕ۔ تلہٕ حفن کر اُچھ بٔنٛدٕ۔ چھُ کیٛاہ اَتہٕ۔

نوٗر محمد۔ اَتہٕ چھُ سیاہیے۔ (سارٕوے ترٛٲوٕ اَسن کھنگالہٕ)

نوٗر محمد۔ یوسہ کاشہ زٕ یوان چھِس سہ کیٛاہ چھُس۔

زرگر۔ سہ چھےٚ کسبہٕ سیٖتی یوان۔ پننہٕ محنت۔ یٔتھ محنت آسِس تتھ بیٖس۔

نوٗر محمد۔ یہ چھا فقیر شُند دیُت آسان کُنہ بیٚیہ کینہہ۔

زرگر۔ فقیر کیٛاہ کرِہن۔ تِمو چھُس کتھ وٕنی مٔژ۔ یتہٕ چھُ سُہ اُمی پٔتھ زِ کتھ سیٖتی میلتھ فقیر۔

زراق۔ جناب توٚہیہ فرمووٕ تہٕ میہ چھُ گوٚڈٕ ملاقات سپُدمٕژ مولوی احمد اللہ صاحبس سیٖتی، یہ کُس وقت چھُ اوسمُت۔ یتہٕ کرٕ گیہ تِمہ بیٚیہ عالمہٕ۔

زرگر۔ وٕرٕی جوراہ گٔژھتھ۔

زراق۔ توٚہیہ وٕنی دِ واریاہن بُزرگن ہندی ناوٕ بِمن سیٖتی توٚہیہ ملاقات یہٕ زان گٲمژٕ آسہ۔ بِمو توٚہیہ دیُت کینژہ، تِمن منز اوسا شاعر کانہہ۔

زرگر۔ بَس یوٗہے سونے فقیر اوس۔ باقے نہٕ کانہہ۔

فراق - شأیری مُتلق سپز انوہ ہیٚنس فقیرس سیتؠ کینہہ باتھ۔

زرگر - بلکل - تمو ہیچھنوٚ وُس بہ - تمو اوس نہٕ پوٚر مُت کینہہ مگر شأیری ہنٛدس فنس پیٹھ أسِکھ دسترس۔ بلکہ چھُ تِہُنٛد "لال مجنون" یُس تمو وٛنمُت چھُ ، سُہ چھُ چھپیأوِتھ موجود۔ سیٹھا وقت راو روو تمو مےٚ سیتؠ۔

فراق - توٚہہ فرمووٕ زِ بیٚلہِ توٚہہ شارٕ وٛنِنۍ ہیٚچِھو "پتہٕ بہ کینٛژھا اتہٕ آو بہ اوٚس نہٕ اتھ پیٹھ کینہہ تہٕ سوچان۔"

زرگر - نہ۔

فراق - اتھ سلسلس منٛز چھُم عرض زِ تِہُنٛد اکھ شار چھُ گوڈٕ پیٚتھ یٚتھ پأٹھۍ وٛنِنہٕ آمُت۔

ژھیٚپہِ بیوٚلھ گوٚ سأنۍ تھپہِ رٹنہٕ آو۔ چھیٚپہ میوٚلھ کرِتھ کٔبس سٔنیاو
سیپھ ژرأوِتھ سیدلو مأیِل سوٗ نٔس ۔ ہے ویٚسیہ وٛنتم باوٕ کٔس
کیٚنٛہہ کال گژھتھ چھو توٚہہِ یوٚہے شار پیٚتھ کٔنٛہ وٛنان ۔

ژھیٚپہِ بیوٚلھ گوٚ سأنۍ تھپہِ رٹنہٕ واو - ژھیٚپہ میوٚلھ ژٹمتھ کٔبس سٔنیاو
سیٚپہِ روٗلھ مأیِل گوٚ سوٗ نٔس - ہے ویٚسیہ ژٕ وٛنتم باوٕ کٔس

یہ تبدیلی أسا تِہُنٛدِ سوٗچُک نتیجہ۔

زرگر - یِم بدلے یہ نا مقام لفظن سیٚدٕ ہٕ تبدیلی۔ مقام بیٚلہ بدلیہ لفظن پیٚٹھ تبدیلی۔

فراق - شار وٛننہٕ وِز چھوا توٚہہ سوٗ چیٚتھ لفظن ہُنٛد انتخاب کران۔

زرگر - بیٚمہ ساتہٕ اوٕ کانٛہہ غزل آو - پتہٕ چھِ لفظ تہٕ سوٗچیٚتھ پوان - قأفیہ گژھِنا برابر ییِن۔ یُس قرآن مجید چھُ ، تتہٕ وُچھتوٚ سورۂ الرحمانس منٛز زِ لفظ چھا سوٗچیٚتھ کِنہٕ نہ - وزن چھُنا برابر۔

نادم - مےٚ اوس سیٹھا اشتیاق توٚہہ وُچھنٔس۔ سُہ اشتیاق گوم ازٕ پوٗرٕ - پتھ

اند پوکھ و چھم تہٕ تھہند اند پوکھ وُچھم۔ مےٚ چھُنہٕ یِمِہ پأٹھۍ وُزان۔ یہِ وُزِنی چھِنہٕ اَز کل کُنہ شاعِرن۔ بہٕ کرٕ حرف یہِ عرض زِ تۄہیہ وٕنِو مےٚ یِم زَن غزل یا بیاکھ چھنےٚ صِنفا اَکھ یِتھہ وِزُن چھہِ وَنان۔ بیاکھ چھنےٚ مثنوی طرزِ نقش منز۔ یوہ ہے زَن چھُ تۄہہ اَکہٕ نشہٕ دُن وۄنُمُت۔ اَتھہ چھا تۄہہ وِزِ وِزِ سۄچُن پیومُت زِ بہٕ کتھہ صِنفس منز کرٕ مُنکُ مُراد ادا۔

زرگر۔ نہ حقہ سۄ چھِتھ چھِمہٕ کینہہ۔

نادم۔ یانے یِی آمُت چھُ تی چھُس وۄنُمُت۔

زرگر۔ مُقام بدلیایہِ تِتھہ سیتی بدلیاو کلامہٕ تِہ۔

نادم۔ مثنوی منز چھُنا دار یا ہۄ لبہٕ تُھمُت۔ تۄہہ چھُوا زانہہ خیال پیومُت بہٕ لیکھہ مثنوی۔

زرگر۔ پننہِ اَکہٕ دوستن وۄنُم زِ لیکھتہٕ "گل صنوبر"۔ یہِ اُس اُردو پأٹھۍ وَننہٕ آمُت۔ تِہ وَنِتہٕ کأشرِ پأٹھۍ۔ مےٚ وۄنُس مےٚ چھُنہٕ نبوات عِلم کینہہ دۄیِم ہے توتہٕ چھےٚ ژےٚ زان پچھان۔ سو کرتہٕ تِہ مقبولِ عام سۄ چھِتھ سمجھتھ سو چھِنہٕ وُزِنی کینہہ۔ سُہ چھُ ترجمہ۔

نادم۔ گوٚ زِ چھِہ۔ اَکھ گوٚ سۄ چھِتھ کرِتھ تہٕ بیاکھ کیہ وُزِنی

زرگر۔ آ۔ ہُہ گوٚ قلمی۔

نادم۔ جناب بیاکھ عرض چھُم تہٕ زِ تۄہیہ چھیوٚ پشمینہ کارٕ بارکران اُسوہوٚ۔ نمنک چھا کانہہ اثر پیومُت۔

زرگر۔ نہ حقہ کانہہ اثر پیوو نہٕ۔

نادم۔ تۄہیہ اُسیو بُنہٕ نِس پیر شنز یانے آجھائی مولوی صأبنہٕ ذکر کران۔ تِمہ وِزِ چھیوٚ تۄہیہ اُچھ بند کران تہٕ اوٚش ہیوہ چھیوٚ ہاران۔

زرگر۔ اَمُن حصّن بێیمہ ساتہٕ کانٛہہ سوخن یاد چھُ پیوان، تمہ ساتہٕ چھُ اوٚش یوان۔

نادِم۔ اَچھا اَکھ ذاتی سوالا کرہٕ ہا بہٕ۔ توٚہہ یہٕ آسِن دُنیاہس دوکھ وٚچھمٕتۍ۔ دوکھو چھا تُہٕندِس کلامس یا تُہٕنزِ فِکرِ پیٹھ کانٛہہ اثر تٔرُومُت۔

زرگر۔ روح ہوتا ہے انسان ٹھوکریں کھانے کے بعد۔ بنانے چھُ۔

نادِم۔ بیاکھ ٹہٕ چھےٚ ذاتی کتھ۔ تُہہ چھا کانٛہہ وقت اوسمُت تیٚتھ یُس یہٕ پزُر چھےٚ اَعِیمِش۔ تیٚتھ کانٛہہ واقعہ چھا پیش آمُت زِ سہ پزُر چھےٚ دٔبجٔر۔

زرگر۔ کَہے چھےٚ پزُر موکلان، بێیمہ ساتہٕ اَسہ خلاقی چیز چھُ، یہٕ چھےٚ پزُر۔ مثلن خدا چھُ؛ یہٕ چھےٚ پزُرھے۔ چھَنا۔ ٹھیچھ کرِ من نہٕ کانٛسہ۔ یہٕ چھےٚ پزُر۔ یُس اَتھ پیٹھ یقین چھُ تَس چھُ بڑوٚ نُہہ کینہٕ خدا۔

نادِم۔ توٚہہ۔ وَنیو وٕ اَسہ زِ اَسہ دِیموٚ خلعت۔ توٚہہ موٚنوُہٕ۔ اَسہ گنڈٕوو، توٚہہ ملمَلیاہ تُہٕندِس زادوہس پیٹھ۔ پانٛسہ کڈٕو پینٛنو، سرکارِکی پانٛسہ کروٚ خرچ۔

زرگر۔ توٚہہ ہیوکیاہ زِ کرو۔

نادِم۔ محبت، لول تہٕ بێیہ نہٕ کینٛہہ۔

نازکی۔ میٚ چھُ توٚہہ یہٕ سپتو بڑوٚ نُہہ تہٕ کلامہٕ کوٚرمُت۔ حرف چھُم پزُرھن زِ دربدری مُہِنٛد انٛد کتھن چھُ۔

زرگر۔ اَکھ نہٕ حصّن چھُنہٕ اَنٛدے۔

نازکی۔ اَنٛد کیاہ زِ چھُس نہٕ۔

زرگر۔ یہٕ چھُ لافانی ذٔری یا واہ کیاہ وَنے۔

نازکی۔ دوٚنی ییٚلہ تہٕ چھُ تیٚلہ کیاہ زِ گژھِ دربدر۔

زرگر۔ سوچس منٛز بێیہ کینٛہہ تہٕ پالہٕ منٛز۔

نازکی۔ یہٕ چھُ انسان اَکھ دوداہ زورٕ ہیوان مُلی۔ اَتھ گژھِ پتہٕ شفا آسُن کینٛہہ بایہٕ۔

زرگر۔ شفا ئنِتھ چھُ بێیہ بیمار گژھان۔ اَند چھُس نہٕ کُنہٕ۔

نازکی۔ گژھی کیازِ تتھِلہٕ بیمار۔ یَپاڑی روزِ یۆری کرُن۔

زرگر۔ نہ کینِہہ روزِ نہٕ۔ بڑی مشکل سے دل کی بیقراری کو قرار آیا

جس ظالم نے تڑپایا اُسی پر مجھکو پیار آیا

یہ پیار چھُ طوُفاناہ۔ یتھی سے آو تہٕ تتھی سے

نازکی۔ درویشی چھہٕ وَنان ڈُکھ۔ اَڈٕ وَنان درویشی تہٕ اَڈٕ وَنان مَلہٕ گی۔ یَلہٕ ڈِیان یہ ہاسہٕ گژھِ شریعت آسُن۔ بیا کھ دِیان مٕنے گژھِ حقیقت آسُن۔ ہُہ ڈِیان مٕنے تہٕ اُتھ شریعتس ستی کینِہہ مٕنے گژھ بدل گباہتام آسُن۔ یمی ترٛن چیزن ڈُنی تو کیاہ داتھ چھُ۔

زرگر۔ شریعت گوٚ بُتھ چھلُن۔ طریقت گوٚ اَمہِ گژھتھ یِہان بیا کھ۔ دِلک راز گژھِ آسُن۔ دِلک طہارت گژھِ آسُن۔

نازکی۔ یہ گوٚ طہارتِ جسمانی، ہُہ گوٚ طہارتِ روحانی۔ بیا کھ گوٚ طہارتِ قلبی اطمینان کتھ پیٹھ مثلن اکھ شخص ذرا وَیتھ پیٹھ گانڈرِ ل۔ یوتام نہ نور وانتہ تو تام چھُ پکان۔ بسنہٕ کھسنس کھوٚرن توتام چھُ پکانی۔

زرگر۔ یتھِلہٕ اوٚت ووت اَتہٕ چھُس کیاہ تام تھ۔ یہ چھُس نہٕ ثراوان۔ اُمی لوٚب نا۔

اے طالب مولا لوٚ بُتھ ہے تہٕ لوٚ بُتھ کیاہ

لٹھو لٹھو زِ پکان گژھ لبہ نس اَندر اَژھ

لٹھکھے نہٕ راوی کیاہ

یہ چھُ اُتھی مشتاق۔ یہ کینژھا ووت کُنہٕ جایہ اَتھ چھُ مشتاق۔ یہ کینژھا ووت کُنہٕ جایہ۔ یہ کنہٕ چھُس ثراوان۔ کانہہ مقاماہ۔

نازکی۔ گوٚ مقام چھُ بدلان۔

زرگر۔ بلکُل بدلان۔

نازکی۔ اکس شخصس چھُ مقام گاندربل۔ بیٚلہٕ سُہ تور ووت دپان ووٚنی گرٛٹھ بہٕ کنگن، تی چھا۔ تتہٕ پیٹھہٕ دپہٕ ووٚنی گرٛٹھ بیٚیس جایہ۔ یم چھہٕ مدائج۔ درجہٕ چھہٕ بدلان۔ اند چھُس ناکُنی۔

زرگر۔ مےٚ آو نہٕ کُنہِ جایہِ اَتھہ۔

نازکی۔ پَتہٕ آخرس چھُس کیاہ۔

زرگر۔ تتہٕ پُکی چھُس بیٚیہ نہٕ کہینی۔

نازکی۔ انداہ تہٕ گرٛٹھیا آخرس آسُن کینہٕ نہٕ۔

زرگر۔ کہینی نہٕ۔ کہینی نہٕ۔ ووٚنی چھُ اَمِس تمتی نس اند ییٚتھہ تہٕ روزِ۔

نازکی۔ یہِ روزِیا بند گرٛٹھتھ کُنہِ جایہِ۔

زرگر۔ نہٕ۔ بند گرٛٹھ اکی سے مُقامس پیٹھ۔

راہی۔ حضرت گوڈٕ پرٛژھہا بہٕ توٚہہِ کرٛ چھِو زانہٕ متۍ۔

زرگر۔ بہٕ آسہٕ ستتھ وأنسہ۔ مےٚ چھِنہٕ خبر کینہہ۔ تأریخاہ چھِنہٕ مُقرر کُنہِ تہٕ۔

راہی۔ توٚہہِ چھِو سانہِ صوٗفی قبیلہٕ، یُس شأیرن ہُند حلیوُمت چھُ، تِمَن منٛز سارِوے کھوٚتہٕ سربرآور۔ تہٕ یُس تہٕ اَکھ سلسِلہ حلیوُمت چھُ، کم از کم کأشرِس منٛز چھہٕ اُسولن دیٚد پیٹھ لوزان۔ اَتھ منٛز چھُ شیخ العالم، شمس فقیر، ہیوۍ شخص تہٕ رحمان ڈار احمد بٹہٕ وأری۔ یِہنٛد کلامہٕ آسہ توٚہہِ کُنہِ گومُت زانہہ۔ توٚہہِ کُس باسیوو یِمو منٛز پنہٕ نِس دِلس زیادٕ قریب، اد کیتھہ رنٛگو یا لفظو کینو۔

زرگر۔ بہٕ ہیکہٕ نہٕ ڈٲنتھ۔ بہٕ ہیکہٕ نہٕ کینہہ فرق کرِتھ۔ یم چھہٕ اکی سے درِیاوس منٛز سأری۔

راہی۔ درِیاوس منٛز چھہٕ آسان سأری۔ اَدلی چھہٕ آسان درِیاوس ہمہٕ پیٹھہٕ وٲتھی

تہٕ اُتی نس آسان، اُتی چھہٕ آسان نیبر یہان دراہتو۔

زرگر۔ نہ یم چھینہٕ تیتھ پیٹھ کیتھہ۔

راہی۔ اُتی چھہٕ آسان ہیبنہٕ آہتو گرد آبس منز۔ اُتی چھہٕ تارہٕ لگان مثلن شیخ العالم چھہٕ وَنان: "ہینشری پاٹھی لوبمس تار۔" لل چھینہٕ تہٕ وَنان کینہہ۔ سو چھے وَنان کاش میہ بنہٕ ہے اپور تار۔" کتہٕ یوز دَے میہ تہٕ دِیہ تار۔" یم چھہٕ مختلف منزل۔ تو ییہ کوہ ہندہ مرحلہٕ پاسیوہ پانس قریب۔ تو ہی چھوا تار ژھانڈان کینہٕ تار لبھہ ییتو منز۔ چھوپاسان پنن پان۔

زرگر۔ یہ کوتاہ چھہٕ عمر کینواوسمت حضرت شیخ العالم۔

راہی۔ یہ اوس کوٗنس ہمّن۔ گوڈٕ آیہ لل دید تہٕ پتہٕ آو شیخ العالم۔

زرگر۔ تو ییہ ما چھے خبر حضرت شیخ العالمس کیاہ اُس وٲنس۔

راہی۔ اُتی چھہٕ لیکھان شیتھ تہٕ اُتی ژٕ شیتھ۔

زرگر۔ اگرَے ہمن بیاکھ وٲنس تہٕ ییہ ہ، تم کیٛاہ تہٕ ہمن تمہٕ ویز۔ اُتھ چھینہٕ چلے۔ یہ چھہٕ لاحد قیصہٕ۔

راہی۔ اَسہ چھہٕ سارنے ہے عقیدہٕ زِ حضرت رسول اللہؐ ہو گوٚو معراج بہ روح بہ جسد کھتو یم، مگر مکان ترووٗکھ پنن تہٕ یہ زمین تہٕ۔ ییتھ پاٹھو وٲتی یم تتھ اعلا مقامس پیٹھ۔ اعلا مقام کیاہ چھہٕ۔ شمس فقیر چھہٕ اُتھ برعکس وَنان زِ:

گرِ پیٹہٕ نے گوٚو ژھ معراج    شمس فقیر چھے خراج

یہ کیاہ۔ ہمن پیو پنن گرِ تراوُن۔ براقس کھسُن۔ سفر کرُن۔ یہ چھہٕ وَنان گرِ پیٹہٕ نے گوٚو ژھ معراج۔

زرگر۔ دُرست وونُن۔ چھم ووٚنُن۔

راہی۔ اَسہ تارِ دفکر۔

زرگر۔ تس چھُ وجوٗد مترٛے میلان۔ اگر جناب رسول اللہؐ ہو وجوٗد ترٛاو۔ تۄہیہ چھو دِنان وجوٗد ترٛاوُکھ۔

راہی۔ وجوٗد ہیۄتھ۔ بہ روح بہ جسد۔ مکان ترٛاوُکھ۔

زرگر۔ یُس زن یہ وجوٗد چھُ اَتھ چھِ مُقام گنٛدِتھ۔ اَکھ مقام چھُ ترٛاوان پٔیس میۄٹھ چھُ کھسان۔ اُسہ ہیکو یِتھٕ وٕنِتھ۔ اَکھ مُقام چھُ شہ تہٕ بیٛتھ معراج کرنہٕ پیہ۔ مگر اَکھ مقام ترٛاوِتھ وجوٗد ترٛاوِتھ نہٕ کینہہ۔

نورؔ محمد۔ یہ چھا حقن ظہوٗر کینہہ مقام۔ فرق کیتھ پاٹھۍ ننہ۔

زرگر۔ دو شوئے پیٚیہ مقام تہٕ تہٕ ظہوٗر تہٕ۔ کو سہ فرق۔ ظہورس تہٕ مقامس چھِنہ فرقے کانہہ۔ گوڈٕ چھِنہٕ کانہہ مُقام یتھ نہٕ ظہوٗر آسہ۔

ظریف احمد۔ زرگر صاب یہ چھُس یہ زانُن یژھان زِ بیٚلہِ صوفییتس منز کانہہ طالب پیر صاُبس نِش سالکانہٕ منزِل پرٛاوِتھ واتان چھُ، تس کتہ ہیمٹھ چھُ شہ پننہٕ کانشہ سیتو منوٗر کران۔

زرگر۔ یُس یِتھ بانہٕ آسہ تس چھُ تیتھُے میلان۔

(اَتھ موقس ہیمٹھ بوزنو نادم صابُن، راہی صابُن تہٕ فراق صابُن پنُن کلام)

ٹینگ۔ حضرت تو ہیہ بوزو سانِہ یمن ہہلیہ با یہ شاعرن ہُند کلامہ۔ دوٗنی چھُ شاعری ہُند مزاج واریاہ بدلیومُت۔ یہ کلامہ بوزِتھ کیاہ کوٗرو توہہ محسوس۔

زرگر۔ یہ چھُ پنُن پنُن طریقہ۔ اُسہ ہیکوٗ نہٕ کینہہ وٕنِتھ۔ دپان حضرتِ یعقوبس اُس اَکہ دوہ ہیہ اَکھ ژوٗنٹھ یِنا اَتھس کِستھ۔ اَکِس مدرسس تل وانِتھ دُیتُن یہ ژوٗنٹھ کُس نام اَتھ تہٕ دوٗیمِس یہ دِز تمِس شرس لیُس ژٔٹے سیٚٹھا خوٗب صوٗرت باسی۔ تمو دیٚت یہ ژوٗنٹھ تس لڑکس یُس اَکھ اَچھی اُسن نہٕ۔

پنُن پنُن چیز چھُ پرٛیتھ انسانَس ٹوٚٹھ آسان۔ اَتھ ہیٚکِنہٕ کینٛہہ مُنٛتھ۔

خورشید احمد۔ (زرگر صٲبس اَتھ بنٛچوٗ)

حضوٗر مے کوٚر ژھ بےٚ شار فِکرِ نارٕن سۅ

یمی کرٕ نمٕ ہیرٕچ پٲرِ زان سۅے ڈیوٗ حکم آمہٕ نیٚشہ غارٕ زان

زرگر۔ یم چھِ وجوٗدی اولاد بنٕنیہٕ کینٛہہ۔ یہٕ چھےٚ وجوٗدٕ رٕچ زان۔

نوٗر محمد۔ حضوٗر مے کوٚرنٕ دُینہٕ بےٚ شار فِکرٕ۔

یَس سِیتھ نِکاح چھےٚ باتدبیر تِیشرٕ سے بنہٕ چوٗ دامہٕ دامہٕ شبیر

زرگر۔ اگر سے گرواجِنہٕ ہُنٛد دوٕ دچھِہ قصوٗر گوٚ نہٕ کینٛہہ۔ یہٕ چھُ اصلی ہیرٕ۔ یہ گوٚ ہیر۔

لون۔ تُہُنٛز شٲیری ہیٚمہ ماچھ زانہہ کٲنٛسہ کانٛہہ اعتراض کوٚرمُت، یِتھ کُنہٕ زَن اَزکل سِپدان چھُ۔

زرگر۔ یِمَن دوٕہن مے "دامہٕ دامہٕ شبیر" چَنہٕ وول باگتھ دوٚن۔ مے آسہٕ نہٕ دِوان نیٚبرٕ نیرنہٕ۔ لوٗکھ آسن نا جاہِل۔

یتھ مے " بنیہِ مولا سِپدی فان۔ زِندٕ روزِ باقی میون جسم و جان " دوٚن، مے پیو شریف صٲبَس نِش یُس تِمہِ ساتہٕ مُفتی صٲب اوس، بیان دِنہٕ گژھُن۔

زرگر صٲبَن پرٕنہٕ لوٗ ڈیٚنگ صٲب تہٕ دوٚنَس زِ تِہٕنٛد چھوٚ داریا مہ لٕٹہٕ مے نیٚشہ آمُت۔ بخشی صٲبَنس وقتَس منز تہٕ آسو تِمو تِہٕنٛد مے نیٚشہ سوزِمٕت۔

(یَتہٕ روٗد زرگر صٲب۔ ڈینگ صٲبَس سِتی بیوٚن بٕہتھ لوٚتہٕ لوٚتہٕ کتھہٕ کران یِمہ نہٕ رِکارڈ ہیٚچہ گژھِتھ)

●

غلام نبی آتش

# مَکرَو سۭتی نودٕے اَتھٕ آو

مذہبس تہٕ تصوٗفس منز چھنہٕ مکرس تہٕ ریاکاری ہٕنز کانٛہہ گنجایش۔ حضرت شیخ ابو المواہب شاذلیؒ پننہِ زمانکۍ اکھ بہلہٕ پایہٕ صوفی چھِ فرماوان زِ ریاکارٕ ہٕنز علامتھ چھےٚ یہ زِ یٖلہِ کانٛہہ غایب تس کُن منسوب ییہِ کرنہٕ، تمہ لاگِہ تورٕ بحث تہٕ مجادلہٕ، اَما پٗز تسٕنز مجلِسہِ اَندر یٖلہِ بدلہٕ کانٛسہِ بزرگہٕ ہٕنز کتھ دِوہٕ، تس لاگِہ کھیٛٹھ کڈنی" ( روٗحِ تصوٗف مرتبہ مولانا اشرف علی تھانویؒ اُردو ترجمہ از مفتی محمد شفیع، ص ۱۵۵) یہ سورُے چھُ پتھ ریاکار تہٕ مذہبکۍ بپارۍ محض پننہِ نفسہٕ خاطرٕ کران۔ بزرگن ہٕنز تنقیص کرنٕچ، لُکن اَندر تِہنٛز نفرتھ پھٔہلاوٕنچ پننہِ اپز کماکٕ ساہر بہٕنچ نٕو ہنداوِتھ چھِ ڈیارن اَنبر کراوان۔

سائنس سماجس اَندر چھُ اَمہ قسمکین کٔیٹہٕ دَرویشن تہٕ ریاکارن ہُنٛد طبقہٕ واریاہ پتھ کالہٕ پیٹھٕ چلان آمُت۔ ریاضت، مجاہدٕ تہٕ ذکرٕ فکر کرنہٕ ورأے چھِ ہنٛ گٕ مٔنگہٕ کینٛہہ تِکھ کرٕ ہستی ہٕنٛدٕ ستہٕ درویش بنتھ گژھان۔ یمے چھِ پننہٕ یڈٕ پالنہٕ خاطرٕ عاصس، تسبیح تہٕ جبہٕ کٔرِس برونٛہہ پیٹھ نیشہٕ بدن نٔنِتھ نٔنِتھ ہیوان بکرٕ و فریبکۍ کھٔسری چھِ خام عقیدٕ تِچھٕ زِ گہٕ جلد پوران۔ عام بے خبر تہٕ اپز عقیدت تہٕ لیٖنٛژ بڑھ بڑھ تھوٗن والین تہٕ کیا چھُ۔ کُھر چھکہ خدایہٕ ہٕنز تہٕ زِ پچھ چھکھ نایدٕ ہٕنز۔ اَما پُوز پٔرِتھ دورِس منز کوٗر خود آگاہ تہٕ نظر بازگو نماتو، یمن

استعمالی عنصرن پیٹھ طنزٕ ک تیٖر باران۔ ساٹھ شاعری منز چھِ اَمِچ نمایندٕ مثالہٕ حضرت شیخ العالمؒ سِندِ کُنہِ یا شرکو، دارِ یاہ لَلہِ دٕ اکھ، مقبوٗل کرٕ الہٕ داری سِند پیٖر نامہ تہٕ حضرت نادِم عبدالاحد سِند شہر آشوب بیٖنرٕ ۔

نیٚبر شوٗبِہ تہٕ اَندر شوٗمی    مِعْبرن کھٔسن کرٕی کرٕی کار
مُلّے ڈٕپِ زِ تہٕ مولوی رُومی    نَتہٕ مَلہِ ڈٕ پھشِیتھ استغفار

●

عُلما پوٚرِ دٕ دِ پھٕ کے ہوٚسے    زٕھلس چھِ زا گان اَکس اکھ
چھِ چھِو آمتی میٖٹھ تہٕ مَسَے    پُوٚژھ لوٚژھ ڈٕپھشِیتھ پوان ژکھ
کوٚ چھِو گمانٕ اَسی چِھ خاصے    نَتہٕ نو موکلیو سا سہٕ منزٕ اکھ

(شیخ العالمؒ)

●

زَل تھمہِ وُن ہُتوا تیٖرٕ ناوُن    دوٗر دوٚ اگمن پیٖرٕ د ژٕرِتھ
کاٹھِ دینہٕ دود خرماوُن    اَنتہٕ سٔکوٗل کیٖنٹھ ژٕرِتھ

(لل دید)

●

میٚتھیا کپٹ اَستھ تروُوم    مَنس کوٚرُم سُے وود پدیش

(لل دید)

احد زرگر (خدا کرِ تٔمس مغفرت) اوس سوٚن بَدِ سکالک یا پوٚٹ صوفی شاعرٕ تیٖنز شاعری چھےٚ پانٕہٕ ہاوان زِ سُہ اوس اکھ عظیم صوفی تہٕ۔ بقولِ محمد امین کامل صوفی شاعری چھےٚ فلحال یمنٕ پیٹھ ختم سپدان تہٕ وُنی کیٚن چھُنہٕ زرگر صابنہٕ پایُک نہ کانہہ صوفی اَمہِ منز تہٕ نہ صوفی شاعرے ۔لرزاوُن شاعری (Horror Poetry) ہِنز گوڈنیُک مِثال چھےٚ ساٹھ شاعری منز احد زرگرٕنی کینہہ وژن۔ یِژھ شاعری منز چھِ تِمو خوفناک فِضا بادٕ کوٚرمُت۔ اَمہِ ہُریمانٕ چھےٚ تیٚنز شاعری منز بٔڈیہ تہٕ نژھ

خصوٗصیژ موجوٗد، یم تمۍ کنہٕ یا صوفی شاعرَن نِش ممتاز کران چھےٚ۔ مثالے سازُت صوفیانہٕ تجربہٕ رۄمٲنی اظہارکیٚن جامَن ڈٲلِتھ باوٕنی، کایل تجربہٕ نادِر تشبیہو تہٕ اِستعارو سیتۍ باوٕنی، اکھ خوش پۆژن تہٕ توجہ طلب اِبہام ووتلاوُن یا اُہنٛدی رنگا بِرنگ صوفیانہٕ تجربہٕ بیترِ۔ احد زرگرَن چھےٚ نعت تہٕ وارِیاہ وٕنۍ ہتۍ، امہ پۆژ اَتھ صِنفِ منٛز نہٕ چھُن کانٛہہ خاص نوٚو پاٚدٕ ہیوٚکمُت کرِتھ تہٕ نہ چھےٚ باقی نعت گو شاعرَن ہنٛدۍ پاٚٹھۍ (مثالے حقانی، نادِم، ناظم، محمود گامی، سایِل بیترِ) کانٛہہ امتیازٕ ہے پرٲوِتھ ہیوٚکمُت۔ صوفیانہٕ وٕژنَن ہنٛدِ سٹایل (Style) چھُن نعتو خاطرٕ تہٕ ژٕورمُت، فقط بیٚیمہ نعتہٕ وَرٲے ؎

| | |
|---|---|
| چھُس بہ تنگدست بے نوا بے کس | حضرتِ نبیؐ میون فریادرس |
| کس چھُم تَس سِوا حال باوس | حضرتِ نبیؐ میون فریادرس |

تہٕ یہ نعت تہٕ چھےٚ تِہنٛدِس صوفیانہٕ وٕژنَن ہنٛدِس سٹایلس منٛز لیکھنہٕ آمٕژ۔ وَنہٕ وُنی طرزس پیٹھ لیکھنہٕ آمٕژ چھےٚ احد زرگر سٕنٛدِس کلامس منٛز یوٚہےٚ اکھ نعت میلان ؎

نبیؐ سٕنٛد حال دِل سون چھُے روشن۔ چھا فراموشن پوشن پارے

احد زرگرن چھےٚ "گُل و صنوبر" مثنوی تہٕ لیچھمٕژ، یوسہٕ وُنہ شاید چھاپ گژھنے چھےٚ[1]۔ اکہٕ نندُن' چھےٚ وارِیاہ پھِرِ چھاپ گومٕژ تہٕ اَمیُک قِصہٕ تہٕ چھےٚ زرگر صٲبن صوفیانہٕ تجربہٕ بناوِتھ پیش کوٚرمُت۔

احد زرگرنِس کلامس منٛز چھےٚ تِتھۍ وارٕہ شار موجوٗد یمَن منٛز نقلی درویش منڈوٚر ہدار صوٗفِیَن، سانٛگل پیٖرَن، ریاکار مذہبی سوداگرَن تہٕ امہٕ طبقہٕ کیٚن باقی اَپزِ بین فقیرَن ہنٛد اول وانگُن نوٚن چھُہ آمُت کڈنہٕ۔ دراصل چھےٚ یہ کلام تمۍ رِوایتُک حصہ یُس سانہِ گمانہٕ تہٕ تمہٕ بُدہ وٕرۍ برو ونہٕ شروع کوٚرمٕژ

---

[1] یہ مثنوی چھےٚ زرگر صٲبن پانہٕ چھاپ کرنٲومٕژ۔ (بحمن)

اُس. گرٚپسو نامہٕ، پیر نامہٕ، ملہٕ نامہٕ، موٗ قدم نامہٕ، اَلہٕ شُہرَت تہٕ ہموٗ برژٕ ثنہٕ کینہہ شیخہٕ شرٛگرٚ تہٕ للہٕ واکھ چھِ اَمہٕ رِوایتکۍ مختلف انہار تہٕ اقدام۔ اَحد زرگر تہٕ چھُ پننہٕ مخصوٗص صوفیانہ شأیری ہٕندۍ ذریعہٕ، مذہبَک تہٕ تصوٗفُک ناوہ ہیننہٕ بے خبر لوکن ہُند استحصال کرَن والین پیٹھ طنزٕ کۍ تیر چلاوان۔ یہٕ طنز چھُ باضے ہجوٕ کِس حدَس تامِ واتِتھ ہیوان، اَما پوٗز ہجو چھِنہٕ بنان۔

حضرتِ سعید بن جبیرؓ اَکھ بڈ پایہٕ عالم چھُ فرماوان زِ "یُس شخص ربُ العالمینٕ سُنز اطاعت کران آسہٕ، سُے گو ذاکِر، یُس نافرمانی آسہٕ کران سُہ گو نہٕ ذاکِر، یوٗتے زَن کلام پاکُچ تِلاوت تہٕ آسہٕ کران تہٕ تسبیحات تہٕ بکثرت پران آسہٕ" بقولِ مولانا اشرف علی تھانوی، حضرت سعیدٕ سُند مقصد چھُنہٕ زِ کلام پاکُچ تلاوت تہٕ تسبیہات چھِ نعوذ باللہ بے کار بلکہ مطلب عظیم چھُ اطاعتِ خُداوندی تہٕ اوراد تہٕ اذکار گژھن تہٕ محض ہاوَ باوٕ تہٕ فریب کأری خأطرٕ وَرتاونہٕ یِنہٕ۔ (اصلاحِ تصوٗف۔ صفحہ ۸۵) یُہے حقیقت چھُ احد زرگر تہٕ باوان زِ مکرٕ چھُ نمازٕ، ہاوٕ باوٕکہ عبادت تہٕ ریا کأری سٟتۍ ہیٚکۍ نہٕ کانٛہہ تہٕ خُدا لَبِتھ۔ گۄہ چھِ رٹِتھ۔ اَمی زِ بجرُک ٹاوٕ ٹاو کرِتھ چھِ نقلی صوفی پانس لوٗٹ دِوان، یِتھین لوکن چھُ سُہ کولہٕ بطخس سٟتۍ تشبیہہ دِوان، یِم زَن ہمیشہ آبَس منٛز غوطہٕ غوطہٕ کران چھِ، مگر آبدال چھِنہٕ زانہہ ہیکان ینِتھ ؎

| | |
|---|---|
| ذِکر تہٕ تسبیح زانِتھ ژاو | فِکرٕ و گژھی گژھی سیر پرٛزناو |
| مکرو سٟتۍ نو دِسے اَکھ آو | فِکرٕ و گژھی گژھی سیر پرٛزناو |
| گوہ چھِ بیرون لاگ اَشنأیی | دِیہہ یسے لبکھ لا اِنتہأیی |
| ژھوٚ تہٕ چھےٚ قیمتہ مرکٕ ٹاوٕ ٹاو | فِکرٕ و گژھی گژھی سیر پرٛزناو |
| بیچھ پنڈی پاٹھو چھے ہارکلہ پوش | مچھ منٛڈی پاٹھو چھے دِل فراموش |

نچھ تہٕ ساس گنٛزران بیرون آو
فِکرہ گرٛدھو گرٛدھو سپر پرٛزناو

کوٚلہٕ تو ھیٚم پنٛج بَن وَس دٔرِ یاوَس
موٚلہٕ بیش موٚختہ ہار پرٛیا کاوَس

کوٚلہٕ بلخس ھیٚپیا ابدال ناو
فِکرو گرٛدھو گرٛدھو سپر پرٛزناو

اٮ۪کس زیٛٹھس وَرٛنس منٛز چھُ زرگرھا بن نقلی فقیرن ہنٛدی
مختلف قِسم الگ الگ وکھنأوِتھ۔ یِہ چھےٚ حقیقت زِ تِس چھُ محاکات نِگأری
منٛز زبردَس کمال حأصِل۔ اَکہٕ نَندِ تَس اَندر چھِہ اَمِچہٕ تھپکنہٕ لایق مِثالہٕ موٚجود۔
نقلی درویشن ہنٛدی عأمن تصویر بَرَن والین بزٕنہٕ کرٕ نرٛأوِتھ چھُ تِمہٕ
تِہنٛدین کرتوٗتن پیٚٹھ زہرخَنٛدہٕ کران۔ عأمِس دوکھ دِنہٕ خأطرٕ کُس تہٕ کیٚتھ لباسہٕ چھِ
تِم لاگان تہٕ اَندرٕ ٮ۪کھو کھر بار زٕورِ تھوٚوِتھ تھپکھ ہاوان، اَپرٕی دَم دِوان ؎

دِہان گرٛدھ نے گرٛدھِتھ گأمِتھ
زھری پنٛداہ نے کھیمِتھ
مَنٛنس چھکھ دِہے دِلس زنگار

مکرٕ تہٕ فریب، ریا تہٕ دغا ورتاوَن والین ہُنٛز تصویر چھےٚ اَحد زرگرن
اٮ۪کس دِلنشین اَنٛدازَس منٛز نظمأوِمٕژ۔ یِم تصویر چھُ تِمہٕ پَنٛنِس عینی مشاہدٕکِس
بُنیادَس پیٚٹھ تیار کران ؎

کرِتھ کیٚنہہ وُچھ ملےٚ مکروک شٔر
کنٛن وٲلی بٕنٛگرِ پرِنے منٛز
قلنٛدری کران بُزکار
سوٚخُن اُنٛزرِنی سیٚٹھا دُشوار
چھِہ کیٚنہہ بیرِتھ کلاہ تےٚ کھڑاو
عصا درکف بصد چکہ چاو
پیٚتو تِم نقب زَن مکار
سوٚخُن اُنٛزرِنی سیٚٹھا دُشوار
مقبول کرالہٕ وأری چھُ سیٚٹھا نے لوکن مُتلق وِمٕنت ؎

کنٛگوٚرِ بیٚشَس کرِتھ نَنٛدٕ بون بیٚراہ
نباسار ٹرٛت گنٛدِتھ زَن بوٚد امیراہ

گژھِس آسن کھٕمُن گرٕ چوٗغہٕ چکمہ — بنأٔتی سیٖنہٕ بندِس پأٹی تکمہ
گرِٕس پیٹھہٕ میٖٹھہ نٔنی تسبیح در دست — وظیفس زن گومُت مشغول سرمست

استعمال کرَن وأل یِم ریاکار چھِ ژٕ کہِ عٕلمہٕ تہٕ عملہٕ نِشِ ژھٔری تہٕ چھِنی آسان۔ البتہ ٹُرِونٔتھی ٹہٕ وٕنی چھِ والان بے عقلَن ناوِ۔ ژھٔری بحث تہٕ مجادلہٕ چھِ کرماوان۔ بُزرگَن، فقیٖرَن تہٕ درویشَن چھِ انکار کران تہٕ کیٚٹھ گنڈان۔ اَن پٔڑ اُمیٖدہ تہٕ چھِ پھٕٹنولہٕ تاویٖز لیکھان روزان۔ کمَ کاسہٕ ژأنی کار تہٕ چھِ دیٖن فروشی کران، دِل چھکھ حسدہٕ تہٕ شرارتہٕ سیتی ٹیکہٕ، لُکَن اَپُزاہ بیہناوِتھ چھِ تار وایان ہٕنگہ چُوان تہٕ شرعی کامہٕ کران نکار۔ امہٕ قسمکی لُکھ چھِ لُکَن ہِندِس جذبات ژانَس منز بدٕ مہارَتھ تھوان۔ موقعہٕ شناس چھِ ژبردس تہٕ نبض ژہنتھ چھِ جذبس تھپ ژھنان، دولہٕ دولہٕ کتھ باتھ، بے موقعہٕ اپُز جلأٔلی حالت، ظأہری فقیرٕ تہٕ پیٚتھی ہوٚر داراہ ژھٔل وٕرتأوِتھ چھِ بیچارٕ بے عٕلم تہٕ ناسمجھ لُکَن دٕھلے ہاوان تار کھ۔ عاشقَن دِری سیرٕ وُچھَن وأل یِم اَبلی چھِ آسان کأٔگرہٕ تہٕ تبشل تہٕ۔ توٚتام چھِ نفسہٕ توٚندرَس میٚٹھ میٚٹھ تہٕ ہٕر ہٕر لاگان روزان، یوٚتام بیخبری منز وأنِس ہُندی سیرکہٕ آسان چھکھ کھٔنس منز و تمُت شیطان چھکھ تہٕ وأنِس خفایہٕ گژھنک باس تہٕ دِوان لگنہٕ؎

وُچھان چھُس کاکہٕ نے تبٕز تبش — یرِس ماوَھنی چھِ ہاوان ریش
وَنان نا دیٖدہٕ کمَ دربار — سوخَن اُنزرِنی سیٚٹھا دشوار
ژھرِ پن کتھہٕ نے چھِ لاگان نیابے — نہٕ چھکھ میٚنتھہ نہٕ ژانَن شاے
فقیٖرَن چھی کران انکار — سوخَن اُنزرِنی سیٚٹھا دشوار
وُچھِم کیٚنژَن مقام کینہہ یاد — دِدان نیٚمِنے بہ مجلِس داد
دیان وأعِظِس ژٕ چھکھ شیرخوار — سوخَن اُنزرِنی سیٚٹھا دشوار

عبادت ڇڪڻ اُڪ دائي — فقط اُنهزران غزل خواني
بحث لاڳان بي شمار — سو جن اُنهزرني سيهڻا دشوار
وُچهم ڪيتياه مئي بي مايه — عمر ڪرُهش تهمو ضمايه
فقير لائي ڳيهه ڇهه بي اسرار — سو جن اُنهزرني سيهڻا دشوار

دين فروش تہ اُنڌرہ کھو کھرکر مولوی ڇه پڇتي لہ تاوپر ليکهان ليکهان نار ڇڪان سے

مُلّن ڈيو نهڇم مئي زهدڪ بوش — بيهان خلوت ڇهه مانندِ موش
ليکهان ڪاغذ ٺکيکان شنگار — سو جن اُنهزرني سيهڻا دشوار
نهمازے ، ماهِ رمضانس — ڪران ڇهي لا تہ لاڳان مس
پلاؤ بنگ ، بعاؤ تار — سو جن اُنهزرني سيهڻا دشوار

حضرت شيخ ابوتراب نخشبيؒ سِنديو تربيت يافتہ صاحبو مئر اوس حضرت شاه بن شجاع رح کرماني اَکهه برگزيده صوفي، تَمُشند ارشاد ڇهُ زِ "فضيل تہ ڪمال ٺھادُن دائي ڇهِ تو تہ تام پَنِنِہ مَن درجن پيهه قائم روزان' يو تام تم پَنہ نس ڪمالس پيهه فخر ڪيا، تمہ کِر حاصل آسنک ڪمانہ تہ کران نِہ' يتهے تمن پنِنِہ ڪماڪ باس ڳيهه ڪماهِ ميو کهسنہ لگہ' تم ڇهنہ اهلِ فضل تہ اهلِ ڪمال روزان، مطلب ڇهُ يہ زِ خود بيني سپتو ڇهُ ولايت تہ فضل و ڪمال سورُے ڪيُنهہ راوان". (روح تصوّف اُردو ترجمه صفحہ ۱۰۹، ۱۱۰) يہ انداز ڪرِ ٺهِ زبيلہ پيُرزِڪ پاڻهو ڪاٺهہ صاحب ڪمال آسہ تہ تنس سپتو آمہ موموئلي لغزش سپتو يہ سلوڪ سپدِ' تُمُشند حال ڪيا سپدِ' يمس تہ عملہ' عبادت تہ فقر تيج دائي تہ آسہ' اما پوز تو تنہ ہاؤي ہاؤي ونناوِ پانس ريش ڪامِل. يمن متعلق ڇهے احد زرگرن ڪيُنهہ خوبصورت تشبيهہ وَر تاويه وونمت زيم گُشال، يمن تہ سيهہ ڈيشِت ٹهہ تہ فور، يم ڇهِ روت گٹن مئر کھو تو

ژونتھ مَنزِ پھیران تہٕ سیٚتھَن چھُ شُنیٚ یا تام تاٮ۪ بیا۔ دوٚن گوٚ کانٛہہ ہیٚے سیٚتھا مسلہٕ لاگنھ، سیٚتھا بَنہِٕ پنٛچ بیے مانہٕ کوٚشش کرِ، اُخرس گژھِ شہ نٔنگہ۔ شیر سنٛز غارَ منز مار ڈالہٕ پوٚنشہ، ٹُنگہٕ رازٕ کرِ، مگر سیٚتھا ڈیٚنشتھ گژھِ دَم پھُٹتھ ؎

شال یُوٚد شیرٕ سُند پوٚس دٕلہٕ — حال تہٕ دم چھُ دِوان ہر کار
نیال رنٛگہٕ، حال مازٕلہٕ — نبٔشدرے زوٕلہٕ گژھو بیدار
شیرَن شُنیٚ یاہ زیرِ انتقال — ہیٚرَن اَنہٕ گژھِ پھیران شغال
ڈیٚرن ہیٚتھ چھہٕ بڑاری، موش موقدم — شُشٔنکلِہ ناگ پھوٚل گُل بادم
شاہٕٹھ ہوٚنس چھا بنان قلبِ بشر — کاہٕٹھ موٚرِ عاقل ونیا شمشیر

اَحد زرگرس چھُ ہیٚمہ کتھِ ہند پوٚر پوٚر اِحساس او سمت زِ اَز کل چھُ تِمن لوٗکن بے حد زینتِ دُنیا حاصل۔ ہیٚمن ہٕندی ڈیکہٕ موٚمن تہٕ دِل کافر چھہٕ۔ دین فروش ہٕنٛز صحی تصویر چھیٚے یہٕ ہیٚے زِ یمہ کَتہٕ بُتھِ راہ ہوٚٹی چھہٕ پننی کام پوٚنناوان تہٕ بے عِلم تہٕ ساد دِل لوٗکن چھِنہٕ پیٚی روزان۔ اَمہٕ کانٛہہ کیٚنہہ لوٗکن نِشہٕ دوٗر روزنہٕ موکھ چھُ اَحد زرگرُ اُکس نعتس اَندر یِتھہٕ پاٹھو دست بدعا سپدمُت ؎

زینتِ دُنیا چھُ پوٚر وُنی کیٚنہہ — ڈیکہٕ موٚمنن، دِلہٕ کُفارَن
دین فروشی کران بہ یک درہم — سُلہ دَر مدینہ وا تِنا دَم

روٗحانی تجربن ہٕنٛز بادشاہ کاری سیتۍ سیتۍ خود فراموش تہٕ خُدا فراموش مذہبکین استحصالی عناصرن ہٕنٛز نشاندہی کرٕنھ چھُ زرگر صابن بیٚنہِ شاعری منٛز اَکھ اہم رنٛگ بٔرژر کوٚرمُت۔ تِمنٛد احساس ذہن چھُنہٕ پرٛتھ تلخ حقیقتَن ژوٚ نِشہٕ اَتر رٹنے روٗدمُت۔ تِمو چھُ صاف پاٹھی بوٚوُت زِ تِمن تہٕ اصلی فقیرن منٛز بُس بین چھُ، سُہ چھُ اَپیٚر۔ عابد، زاہد، کمالہٕ وول بُزرگ نہٕ پھیر نفسہٕ داد کوچہٕ کوچہٕ تہٕ نہٕ کرِ تاو تھاو، سُہ چھُ نفس وَش کرِتھ اَکس جایہ سیٚتھا سُند دم ہٕکان نہٕ زٕ شالہٕ ٹُنگہٕ دِوان

نِشانا نوّن چھُ بیدارن   فقیرن محرم کارن

زبان نیٚنگلِتھ بیہتھ دمدار   سوخن اَنٛز رِنی سیٹھا دشوار

پٔس نہٕ آسہِ پنٕنی خبر پانس

سُے بنیِا روَت رأچھ بیگانس

کمَ بانس کتیٚ گنج اَکھ آو

سانٛگل پٔاران دوٚر درازس

شانکل شانکان ذرہ ذراتن

کانٛگل ناش گےٚ رٕنٛد جانبازس

سوزس تہٕ سازس ما چھُس ژھٔھن

اہدزرگرن ووّن زِ اَمہِ قبیلہٕ کین لوٗکن بنٕنہٕ زانُنہ تہٕ کانٛہہ درجہ۔ کانٛہہ مُقام میلِتھ نہٕ۔ یِم چھِ چونکہ جاہل مُطلق تو یِمَن گژھن نہٕ حشر تِمَن دُمٹس زنتہٕ رۄنٛز کو جاہلَن سیٚتھ گُفتار کرُن گوٚ پانٕہٕ جہالت وَرتاوٕنی۔ تِکیا زِ تِمَن چھُنہٕ زٕٹن بانٕے آسان خرکیٚا زانٕنہٕ زعفران کیٚا گوٚ۔

ہَر دوہ دِ کےٚ دِژِ تہٕ گنٛڈِ دہانس

کرتس بنٕنہٕ تِمہ لذٔنیچ پیٚچھان

خرکیٚا قدرِ زانہٕ زعفرانس

نٔتہٕ راوِ ناپاک پانس دٔیان

باو کیٚا آو یِتھہ اَخِر زمانس

کاو چھی پأزس کھوژِ ناوان

تاو لوٚہ ہاوان شیرِ گرانس

نٔتہٕ راوِ ناپاک بانس دٔیان

●

نور محمد بٹ

# احد زرگرنہٕ شاعری منٛز سنگیٖتک زیٖر بم

حدایق البلاغت کِتابہٕ منٛز چھُ پیٚکھت زٕ شار چھِ تِتھ کلامس وَنان یُس
مُقرر وَزنو منٛز کُنہِ وَزنس پیٹھ لیکھنہٕ یِوان، یِتھ قافیہ آسہِ تہٕ شاروَنن والی آسہِ یہِ
موزوٗن بناونُک ارادٕ کوٚرمُت۔ یِہندِ کُنہٕ چھُ سنگیت تہٕ، یہِ گرٛتھ نالہٕ منٛز آسُن،
لےٚ پٔنٛنہِ گرٛٹھس قایِم روزٕنی تہٕ اکھ گٕھنہٕ زیاد سعٔرن پیٹھ گرٛتھ کھسُن۔ امہِ
علاوٕ گرٛٹھنہٕ ساز یا آواز بیکار آسنی۔

شارس منٛز چھُ لفظ سٕتی سٕتی پرنہٕ یِوان، مگر اکِس خاص وَزنس منٛز
وزنُک رکُن بامے فاعلُن اُسی تن بامے مفاعیلُن اُسی تن یا
مُتفاعلن مُتفاعلن یا سیدانِشاءٕ وَنِنہٕ . بی جان پری خانم۔ بی جان پری
خانم۔ مگر کیٚنہوَن منٛز چھِ لفظ "ناکیٚن وہراونہٕ یِوان تہٕ تہٕ کرٕتھ چھُ یِمَن منٛز جُسُن
آسان۔ یِمہِ وِزِ اُسی اکھ اکِس سٕتی کنتھ کران چھِ، سائی یہِ کنتھ چھِنہٕ کُنہِ وِزِ
نابیا آسان۔ البتہٕ آوازِ ہِندِس بہاوس چھِ اُسی کُنہِ کُنہِ جاۓ ژھیٚن دِوان یُس
کنتھ ہُند فطری وَزن چھُ، کنتھ ہُند وَزن چھُ اکھ احتیاط، مگر حُسنہٕ کِس زِمس
منٛز چھِنہٕ یِوان۔ امہِ برعکس یِیلہِ اُسی شار پران چھِ اُسی چھِن یہِ یِنہٕ آیہِ کُنہِ طرزس
تہٕ وَزنس منٛز پران۔ شاعر تہٕ چھُ اکھ اکھ طرز دِوان یا کُنہِ مروجہ طرزس پیٹھ وَنان۔
مثلن احد زرگرَن چھےٚ یہِ غزل وٕنی منٛز سہ

یہِ دوس آر دِ ینہٕ راوِ راوُن رٕواچھا
یہِ یاوُن ببیٖن سیٖتہٕ چھاوُن رٕواچھا

یہِ غزل ووٚن اُمو بطرزٕ سے دِل آزار دِل تنٕبلاوُن رواچھا
یتھےٚ کُنہو ووٚن احد زرگرن بیاکھ غزل سے

سو بسو پھوٚل حُسنٕہ کےٚ گُلزار مے
روبروٗ چھےٚ جلوٕ رُخسار مے

اُمو ووٚن یہِ بٲتھ یتھ طرزس پیٹھ سے

وَلا عُشقو کتیا چھُکھو دِلدار مے        جلوٕ چانے گوٚ بخت بیدار مے

یہِ چھےٚ یِتھے ہش کتھا اِنسانٕہ اُچھ چھےٚ اوٚنٛد پوٚکھ مختلف آیہِ وچھان
زٕکھ وِز، خوفہٕ وِز، حالانکہ ظاہر کرنہٕ وِزِ تہٕ لرٕٹائے کرنہٕ وِزِ چھےٚ اُچھن ہُنز تٲرا
بدلان۔ مگر ییٚلہِ وِز لولہٕ اُچھو عاشق تہٕ ماشوق اکھ اَکس وُچھان چھِ، یہِ انداز چھُ
بدلےٚ انداز آسان۔ یہِ انداز چھُ حسین نٔوچ اکھ کیفیت آسان۔

ییٚلہِ وَلا عشقو طرزس پیٹھ اُس سے سو بسو پھوٚل حُسنٕہ کےٚ گُلزار مے،
گنڈوُن تِمکی سو ربنٕ یتھ کُنہو سے

| 6 | 5 | 4 | 3 | 2 | 1 |
|---|---|---|---|---|---|
| نا | تی | تی | نا | دھی | دھا |
| ما | گا | رے | سا | سا | سا |
| . | . | چھےٚ | شو | بہ | شو |
| رے | سا | سا | رے | گا | گا |
| - | - | گُل | کےٚ | نہ | حُس |
| - | - | - | سا | سا | رے |
| | | | مے | ر | زا |

اَڌ زرگرن اَکه ٻاٽه ڇهه ٻيٺه ڪئني —

ڇهه ڪينهه نے ڪرُيهُ ڪينهه نس دل    وُڇهُم ڪينهه سنے مے ديدن تل

اَگر اُسيءَ ٻاٽه ڪُنه عام انداز ۾ گهگرادو ، اُنهي سوءِ مِلُن ٻنهه ٻيٺه ڪئنو —

| 1 | 2 | 3 | 4 | 5 | 6 |
|---|---|---|---|---|---|
| پا | ڌا | ڌا | پا | پا | پا |
| ڇمڪينهه | نے | - | ڪ | ر | ت |
| ما | ما | ما | پا | ڌا | ڌا |
| ڪينهه | ن | س | ر | ل | - |
| نا | نا | نا | نا | رے | نا |
| وڇ | ڇه | م | ڪينهه | نے | مے |
| ڌا | پا | ما | پا | ڌا | ڌا |
| دي | د | ن | تل | - | - |

اگر يوٿهي ٻاٽه اُسي صوفيانه موسيقي هيٺ جڙ تال ۾ ڪنه خاص مقام ۾ اُنون مشلن ود رو اسي ۾ اهي ڪري طرز ڇ ڪيفيت بدلي ۽ خمار گهرائي ڏي ٿي مختلف لئه ڀرن —

ڇهه ڪينهه نے ڪرُيهُ ڪينهه نس دل

وُڇهم ڪينهه نے مے ديدن تل

| 1 × | 2 | 3 2 | 4 | 5 0 | 6 | 7 3 | 8 | 9 | 10 | 11 4 | 12 | 13 | 14 |
|---|---|---|---|---|---|---|---|---|---|---|---|---|---|
| | | | | | رنے | نا | نا | نا | نا | نی | دھا | پا | ما |
| | | | | | چھ کینھ | نے | - | - | - | کٹ | - | - | - |
| دھا | دھا | پا | پا | پا | ما | پا | پا | پا | دھا | دھانی | دھا | پا | پا. دھا |
| یَ | - | - | - | ت | کینھ | نس | - | - | - | ژل | - | - | - |
| دھا | پا | پا | پا | پا | رنے | نا | گا | رنے | تا | ما | ما | ما | پا |
| - | - | - | - | - | وچھم | کینھہ | - | - | - | نے | - | - | مٹے دی |
| دھا | پا | پا | پا | پا | | | | | | | | | |
| دن | - | تل | - | - | | | | | | | | | |

اُنکی تہ تاجک موسیقی منز تہ چھئے ھیٹری مین سوءَرن پیھہ بائتیج وکھئے
کرھن نہیج - اَمہ سیتو چھئے شارج جذباتی کیفیت مختلف انداز اپناوان - شاید چھ شاعری
دُنیہ یہ لہجہ اپنووُمت - تبلہ آسہ ھا اُسیہ خیال لچ پُشتی بلندی تاکاہ ھیش لبنہ لیوان - دپان
مسغربی افریقہ کین داریا من ملکن منز چھ شاعیری ڈولس یا نگارس پیٹھ بوزناوان -
تم چھئیہ اَتھ گوونگ آسے دِوان - شاعیر تہ بوزن وول کمہ آسہ اپنیو جذبات پیش کران
تہ جذباتی ردِ عمل ھاوان ، سُہ ھیکن تیمے ؤ انتھ ھمو یہ تماشہ وچھمت آسہ - وُچھنو یہ
فِلمی بائتھ سے

او دُنیا کے رکھ والے      سُن درد بھرے مورے نالے

تہٕ چھُہ ہیٛرِ مینٛن سوٗرَن کُن درجہ بدرجہ کھسِنہٕ اَکھ عجیب کیفیت ظاہر کران۔ کلاسکی موسیقی منٛز اَکھ خصوصیت چھےٚ یہِ زِ اَکِس راگس یا مُقامس منٛز چھُہ اَکھ سوٗر باقے شَن سوٗرَن منٛز آسان۔ سارٕی سوٗر چھےٚ اَتھ مشتاق نظرو چھان۔ زبان یہِ کرِنہٕ اَیہ سیٚتھ کُنہ، اَسہِ لاگہٕ ہوٚن کُنہ لابکِس اَتھ شیرٕ احد زرگرنِس ہیٛرِمِس باتس منٛز چھُہ لفظ "کینٛہہ نےٚ" اَکھ خاص مطلب تھاوان صوفیانہ کرامو چھہ خدایہ سُند ظہور مختلف طریقو، مگر خداے وُچھکھ نہٕ کینٛہہ نہٕ۔ لاتُدرِکُ الاَبصار، مگر خدایہ سُند وجوٗد چھُہ ژٕ ذرٕس ذرٕس منٛز۔ اِنسانس چھےٚ اَتھ زیٖنہ وُنی تہٕ میلان، مگر خداے چھُس نہٕ اَتھ یوان۔ سانہِ صوٗفی شاعرو تہٕ دوٚن اَکھ یا جوراہ شار "کینٛہہ نہٕ" پیٹھ، مگر احد زرگرن کرِ پوٗرٕ غزل اَتھ تصورس پیٛٹھ۔ اَمہ کینٛہہ چھُہ یہِ اُمہ سُندِ غزلک وادی سوٗر ہیٚتھ یہِ مختلف آیو پار اوکران چھےٚ مثلن ؎

چھُہ کینٛہہ نےٚ سر مقامن شاہ      چھُہ کینٛہہ نےٚ ہر نفس ہمراہ
چھُہ کینٛہہ نےٚ زیر و بم نازل      وُچھُم کینٛہہ نےٚ مےٚ دیدن تل

ییٚتھےٚ کُنہ نمونہ دوٚنی احد زرگرُن بیاکھ وژُن ؎

یژھم زال دارٕ اوٚش ہارس      بوٗمبرُ گوم موٗت سیاہ کارس
پیٖیم نےٚ پان لو مارس

سیاہ لاگِتھ چھےٚ لیلیٰ زال      سیاہ عیسیٰ سیاہ چھُس خال
سیاہ زُلفن بہ زالِ پارس

لفظ "سیاہ" اگر موسیقی منٛز وادی سوٗر نمون تیلہ باسہِ یہِ کاٗتیاہ وہیچھ ہان۔ شیخ صنعانن سُند سیاہ زُنار لوٗرن، سیاہ کاری منظور کرِنہٕ۔ ییٚتھےٚ کُنہ سیاہ ناگہ اَنہ پرارن یا احد زرگرنِس لیکھتس منٛز سیاہ موکھتہٕ ہار لاگِتھ دٕرن انبار کرن۔ ییم ساری

چیز چھ اکس خاص مقصدس کُن پوان۔ مےٚ چھُ اَتھ غزلس اَکھ طرز بنوومُت، یتھ منز غمچ اَدرن تہٕ چھےٚ تہٕ بلکہ خوشی ہنز لہر تہٕ۔ اَتھ منز چھُ مےٚ رتے تہٕ دھاکول بناوو۔ کلچرل اکیڈیمی ہینِتھ اکہ دوہہ احد زرگرنہٕ حیاتی منز اموسنہٕ گرِ اکھ محفل کرِتہٕ تہٕ گوس تمتھ محفلہِ منز۔ مےٚ پرٕژھ احد زرگرس زِ اَتھ غزلس منز کیازِ چھُو توہہ سیاہی اوت جِلہ مال کوڈمُت۔ احد صابن ووٚن مےٚ وَلہِ برونٛہہ کُن تہٕ دوٚپنم وُنھ اُچھہ مےٚ مُہمے اُچھ بند کرِتھ تہٕ پرٕژھنم زِ دوہہ نِکیاہ چھےٚ۔ لوزُنہٕ پوان۔ سورُے چھا کرِہہ منے کرِ ہیُن کینہہ نہٕ۔ تمہ ووٚن مےٚ زِ یہے چھےٚ حقیقت۔ رحیم صابن تہٕ چھےٚ سیاہی ہنٛدین شارن منز ورتاومژ ـــ

سوندر مال گِجہ سوچانے مایہٕ     لگہٕ یو ژھایہٕ ہا مدنو
چھِنس صیقل چھِنس دٕرایہٕ     سیاپوش روٚد چھِنس منز
سیاہی ہمسایتو چھِین مُکہ مایہٕ     لگہٕ یو ژھایہٕ ہا مدنو

دپان کبشرن درویش چھُ چھیکرس سواد الوجہ گژھان، تہٕ کیازِ سیاہ کاری چھس نال وَلان۔ رحیم صابن چھُ اَتھ غزلس منز یہِ شار تہٕ ووٚنمُت، یُس یوہے خیال پیش چھُ کران ـــ

رحمن سفید جامہ پارٕ بایہٕ     سیاہی منز گو سفید جامہ ہینِتھ
سواد الوجہ تمتھ مثال آیہٕ     لگہٕ یو ژھایہٕ ہا مدنو

اَتھ متعلق چھِ کینہہ درویش اکس فارسی شاعرُن شعر بطورِ ثبوت پیش کران ـــ

سواد الوجہ فی الدارین درویش     سواد اعظم آمد بے کم و بیش

(شیخ قبود اسبس تری)

بہر حال یُس طرز احد زرگرنِس ہیُر کرمس بأتس جوٚڑمُت چھُ سُہ چھُ ہہِم کُنوٚ،

| 8 | 7 | 6 | 5 | 4 | 3 | 2 | 1 |
|---|---|---|---|---|---|---|---|
| **استھائی** | | | | | | | |
| ما | پا | دھا | پا | سا | رے | گا | رے |
| رہ | - | - | دا | ل | ز | بر | ہیم |
| سا | سا | سا | رے | گا | ما | پا | ما |
| س | - | ر | ۂ | - | - | - | اوش |
| ما | پا | دھا | پا | پا | دھا | نی | نا |
| - | - | - | منتج | - | گوم | بڑ | بوم |
| سا | سا | سا | رے | گا | ما | پا | ما |
| س | - | ز | گا | - | - | یاہ | س |
| | | | | | | | |
| **انترہ** | | | | | | | |
| گاْ | گاْ | نا | پاْ | نا | نا | پاْ | نا |
| چھ | گت | - | لا | ہ | یا | - | س |
| ساْ ساْ | ساْ ساْ | ساْ ساْ | گاْ رےْ | رےْ ساْ | ماْ گاْ | گاْ رےْ | پاْ ماْ |
| - | ل | - | زا | - | لی | - | لے |
| گاْ | گاْ | ماْ | پاْ | ماْ | پاْ | دھاْ | پاْ |
| - | سی | - | عی | ہ | یا | - | س |
| ساْ ساْ | ساْ ساْ | ساْ ساْ | گاْ رےْ | رےْ ساْ | ماْ گاْ | گاْ رےْ | پاْ ماْ |
| - | ل | - | خا | - | چھس | یاہ | س |
| پاْ پاْ | پاْ پاْ | پاْ پاْ | پاْ پاْ | پاْ پاْ | پاْ پاْ | گاْ ماْ | سا رے |
| - | بو | - | فن | - | زل | یاہ | س |
| - | - | - | - | رےْ سا | ماْ گاْ | گاْ رےْ | پاْ ماْ |
| - | رس | ا | پر | - | ل | - | زاء |
| ما | پا | دھا | پا | پا | دھا | نی | ساْ |
| - | - | - | منتو | - | گوم | بر | بوم |
| سا | سا | سا | رے | گا | ما | پا | ما |
| س | ر | - | گا | - | - | یاہ | س |

آگسٹین چھُ موسیقی مَنٛز تشریح پیٹھ گُنٛنو کران۔ موسیقی چھےٚ سُہ فن یُس
آوازِ مناسب طریقس پیٹھ کنٹرول کٔریتھ ترتیب دیہ۔ یُتھے بوت نہٕ زیرِ گژھم
ٹیکنیکی لحاظ صحی آسُن۔ بلکہ یہِ گژھہ تمہٕ آیہِ گنڈنہٕ آسُن آمُت، یمہ سیتۍ اخلاق
تہٕ ٹھیک گژھن۔ احد زرگرٕنۍ غزل ؎ یمبرزَل دارِ اوشس ہارُس
بومبر گومُت سیاہ کارُس ۔ یہِ اگرچہ بظاہر مخربِ اخلاق چھےٚ باسان، مگر
ورگیہ پانٛٹھو چھےٚ یہِ زندگی مَنٛز حقیقت بیان کران تہٕ اَتھ سیتۍ اکھ اخلاقی درس
دِوان۔

احد زرگرَن چھُ پننین بأتَن مَنٛز وارِیہن شاین سازُک زیر بم استعمال
کوٚرمُت کینٛژن غزلَن مَنٛز چھِ سازَن تہٕ آوازِ واریاہ شار اَرپَن کٔری مَتۍ۔ مثلن ؎

یہِ ٹینٛڈ راز ناز پٔر ناز چھُ وایان سازُ لٔٹۍ تیہ سہ آواز خوش آواز کٔرتھ پرواز لٔٹۍ تیہ
کُنَے گوم وِگنہٕ وَنہٕ وُن کُنوَ ہیوت کُن کُنَن دِژ مَنہٕ نیشہٕ ہیوت نہٕ بوزُن اَکھ آغاز لٔٹۍ تیہ

گوڈٕ وُچھو لفظَن مَنٛز موسیقی۔ ٹینٛڈ رازَس سیتۍ چھُ ناز پٔر ناز۔ یِتھے گٔژھو
چھُ سہ آواز خوش آواز۔ یہِ ملیہٕ وَن چھےٚ کُنَن خوش گژھان۔ یِلے اگر اُسہ
سازَس پیٹھ کھالنہٕ ورأے یا رٕ وہٕ نین ہٕنٛد شرٛوٚنی گنڈنہٕ ورأے۔ یمَن لفظَن ہُنٛد
گیوَن آے وُچھو اَسہ ترٛ فکر زیر بم چھِ اَکس لَیہ مَنٛز بَنٛد۔ اَمہ کےٚ بیاکھ
شار چھُ کُن کُنَن دِژ یا وِگنہ وَنہٕ وُن۔ اَتھ موسیقیت چھےٚ اَکھ خاص راو
ہاوان۔ مثلن ؎

نبہٕ میانے ہے سوزوأنی ہے چنہٕ بنیوس سودأیی
رنگ نالہٕ مَتہٕ ہیتھ چھ کم گُل سنگ چینگ وایان بُلبُل
کنگ نألی منگ بو یأری ہے چنہٕ بنیوس سودأیی

بیتہٕ شارس مَنٛز چھُ گ حرف سوٚرَن ہُنٛد تکرار ہیتھ موسیقی ہُنٛد آیہ وہ کھۓ

کران۔ دراصل چھےٚ یہ دوٚن حرفن منٛز آواز، یوٚسہٕ خوشہٕ وٕنی چھےٚ۔ رنگ سنگ، چنگ، کنگ تہٕ منگ۔ امہ برعکس وُچھو مہجوٗرنی نظم ہے

تَمۍ ژاج گاش آو گاہ ترٛوولالن۔ سنگر مالن ییہو پٕراگاش
سنگر مالن کوٚہن تہٕ بالن ... ... ... ...

یتھہ نظمہ منٛز چھےٚ لالن، مالن، کوٚہن تہٕ بالن منٛز موسیقی حاوی۔ ییلہِ کُنہِ باتس موسیقی ہنٛدی جامہ پارٲوان چھِ، باتھ بوٚدوے پرٛیتھ شارس منٛز نوٚو آسے تہٕ نوٚو انداز ہیٚتھ ژھالہِ ماران چھُ آسان، مگر موسیقی چھےٚ پھیرِ پھیرِ تِمہٕ سےٚ سوٚرن ہیٚتھ اَمی آیہ ترٛٲوِتھ ڈال دِوان۔ اَمہ کِنہ چھےٚ موسیقی باتہٕ ورٲے واہنی یا چھرا سوٚرن منٛز گیوٚنی ترٛتھ باسان زِنہٕ شیمنہ اسِ منٛز کُنہِ خلیہ ہنٛد کانٛہہ سیس پھیرِ پھیرِ کٲنٛٹس ہادون۔ اِلاسو موسیقی یوٚسہٕ باتہٕ ورٲے پرٛیتھ گردِشس منٛز نوٚو رنگ ہاوِ، دِیہ یہ باسس زِ فنکار چھُ تتھ کیس قٲبلس ژامت تہٕ شارِ کیس نوٚرِس مستھ ترٛٲوِتھ تہٕ موسیقی ہنٛد نوٚر ہیٚتھ ژامت۔ دٕپان مشہوٗر مغربی موسیقار بی تھوون ادس وَنان زِ میانٛی سِمپھنی ۶ چھےٚ نہٕ مُصوٗرنِ منٛز تصویر بلکہِ احساسچ ترجُمانی ہیٚتھ بہتہ موسیقی۔

احد زرگرن یوٚسہٕ فقیری کرِتھ منٛز دٔیُت تہٕ تِمہٕ ذکرو اذکار یا وظایفن ہُنہ درجہ یُس شہہس دِنُن۔ تمۍ ووٚن ہے

رُمن ہانکل کرِتھ چھُم شاہ چھکِھے عاشق یَر کرِشہ
بمن زیرن کرِس چھلوا

لہٰذا چھُ ہُنہ سازُک زیر بم تہٕ اَمی آیہ گنٛڈان۔ زیر بم تہٕ چھُ اِنسانہٕ سٕنٛزِ اَندرِمہ کیفیژ تہٕ اَندرِمیس وجوٗدس پوٚچھر دِوان۔ اَتہ کیا چھےٚ یہ جو دوٚگری تہٕ زانہٕ خدا۔ دٕپان مولانا رُومی یِیس اُس موسیقی وُرنی تہٕ وَتھرنی۔ یتھے کُنہ چھُ احد زرگرس

"شہہ" اَندرِ مہ وِچھ کُن سیرِ اسرار وَنان تہٕ اُمِس چھِ نغمہ گی گرٛھان یاد تہٕ یہِ:
چھِ وُبُلبُل ہِنٛدِ کر پاٹھی بولان۔ اکہ دوہہ یہِ بوز مےٚ سنگرمالہٕ پھولِنہ وِزِ اکِس بُلبُل
ہُنٛد بولبوش۔ یہِ اوس ہمیشہ وِہہ بدلاوان تہٕ باسان اوس زِ نَے چھِ وَنان۔ اُمی ہُنٛد
یہِ بولبوش اوس زٕھ ہٕٹھِ اَلوَن منٛز۔ بٔ ہٕنٛد رٕہتن وِز ناوان۔ اکھ دوہ سیتھا اوس بیاکھ
جانانہارہ اُمِہ ہِنٛدِس اکھ بولبوشکس جواب دِوان۔ اُمی ہنٛدِ ہیلِچ آواز اُمِس تہٕ باسس
دِوان زِ یہِ چھِ نَے وَنان۔ بلکہ اوس باسان زِ تار وول ساز چھِ وَنان۔ شاید ما آسہِ
یہِ مادٕ بُلبُل۔ یہِ اُس بُلبُل جور ہِنٛز یگل بَنٛدی۔ بُلبُل ہِنٛد پوہیو آلو تُلہِ اوس
باسان زِ نر بُلبُل چھِ ساز کِ بم تہٕ مادٕ بُلبُل چھِ ساز کِ زیر۔ نر بُلبُل ہِنٛدِ آلو اُسو
سیٹھا میٹھو تہٕ طرحدار۔ دِچھ پوٹیر کر ہِنٛدِ آٹھ ہیٚنو آلو نہٕ بلکہ وقتچہ تالہٕ ہِنٛدِ
پابند لوہِ آلو۔ احد زرگرن چھِ زیر بمس منٛز بیپر ہُنٛد دستگاہ تہٕ شاٲمِل تھووٕمت۔

زیر نبوتھ کینہ زیر پاییس — بم دَم ساز رہنما

بیپر بالا سیر سایِس — بیوم دایِس واٹھِلا

احد زرگرنِس ابتدائی دورس منٛز اُسو مہجورنی باتھ سیٹھا مشہور تہٕ
پھیٚندی طرز آہ موسیقی ہِنٛز شکلہِ منٛز لگن تام بشلن مہجور ہِنٛز یہِ غزل ـ
ژراوِتھ ژوٚلم سہ دِلبر - دِلبر بے قرار لٔٹیتو یے — اُمِس
ہمن طرزن بیپھ گیونہ یوان۔

| 1 | 2 | 3 | 4 | 5 | 6 | 7 | 8 |
|---|---|---|---|---|---|---|---|
| پا | پا | پا | پا | ما | گا | گا | ما |
| تر | ا | و | ت | ژو | لم | - | سہ |
| پا | پا | پا | پا | پا | پا | پا | پا |
| د | ل | ب | ر | - | - | - | - |

| | | | | | | | |
|---|---|---|---|---|---|---|---|
| پا | پا | ڌا | ني | ڌا | ني | ڌا | پا |
| د | ل | ب | سے | ق | را | - | ر |
| ڌا | ڌا | ڌا | ڌا | ڌا | ني | سا | سا |
| ل | ٿ | - | - | ئے | - | - | - |

اُنهيءَ طرز تي پيش ڪري احمد زرگر جي هي غزل ـــ

ڏاڍو ڏنو ڏولم مون ـــ دلبر - ڏاڍو ڏنو فراق افسوس

ڏاڍو ڏنو ٿو ڪانئس هيسڪي ڪري - ڏيکو ٿو عشراخ افسوس

پهرين ڪنهن ڇڪيو ٻيائي ٻڌي پيش تمن دوهين مشهور ادس ـــ

هي ليلى ڏٺي پتي ڏراين . ته مجنون پيو نه ڏٺي پائيس

انهيءَ موسيقي ڇهڙي پڙهڻ ڪنهن:

| ۱ | 2 | 3 | 4 ر 5 | 5 | 6 |
|---|---|---|---|---|---|
| | | | پا | پا | پا |
| | | | بولے | ل | ا |
| ڌا | ني | ڌا | پا | پا | پا |
| ٿے | - | پ | تے | درا | - |
| ڌا | ڌا | ني | سا | سا | سا |
| يس | - | شه | مج | نو | ل |
| ني | ڌا | پا | ڌا | ني | ڌا |
| پيو | - | نه | زانهه | پا | ء |
| پا | پا | پا | | | |
| يس | - | - | | | |

احد زرگرَن ووّن اُتھ طرزس پیٹھ یہ بٲتھ

تُسُو پِتھے مُژ زَن ۔۔۔ یہ ما وُچھ وَن نگارِ من

ژھنڈان لوٗسس کوہن جنگلن ۔۔۔ یہ ما وُچھ وَن نگارِ من

یِیٚنہٕ پتہٕ گنڈون احد زرگرن یہ بٲتھ صوفیانہ موسیقی ہنٛدِس اکِس

عام فہم تالہٕ منز تہ وُچھو یہ کیٛتھ پٲٹھ مُرزِ دِیہ

دَمہ دَمہ دیوٗ صدا بمہ چمن تارَن ۔۔۔ بوز اسرارَن مانے ژار

## دو یکہ تال

| 1 | 2 | 3 | 4 | 5 | 6 | 7 | 8 |
|---|---|---|---|---|---|---|---|
| | | | | | گا | رے | گا |
| | | | | | دمہ | دمہ | - |
| ما | پا ما | گا | گا | گا | گا ما | پا | پا |
| دیو | - | صدا | - | - | بمہ | چمن | - |
| دھا | نی دھا | پا | پا | پا | نی | سا | سا |
| تا | - | رن | - | - | بوز | اس | - |
| نی دھا | پا | ما گا | رے گا | ما پا | پا | ما | گا رے |
| - | را | رَن | - | - | ما | نے | - |
| گا | ما | پا | .پا | ما | | | |
| ژا | - | - | - | ر | | | |

کٲشرِ شاعِر چھہ بٲتھ کینژن خاص لیَن منز وَنان روٗدی متی۔ احد زرگرن

تہ چھہ پننہٕ بٲتھ تمی آیہ لیکھی متی۔ یوٚدوے لیَہ ہنٛد آسے بدلاونہٕ یِیہ ممکن چھُ

بوزَن والی شند مودُ تہ بدلہ یمثلن اکس جایہ چھُ احد زرگرن یہ بٲتھ دِژ ہٕنٛتھ

پوان۔ یتھ شرٕ لفظن ہُنٛد تکرار سیتؠ سیتؠ چھُ ؎

ژٕ روز روز روز ساتھا یہٕ دَم سنبلاو لیٚتیے

ژٕ بوز بوز بوز بأتھا مےٚ کَنٛ کَنٛ تھاو لیٚتیے

مُمکن چھُ اَمِس ما آسہ مہجوٗرِ سٕنٛدِ یمہِ بأتُک اثر پیوٚمُت ؎

روزِو روزِو بوزِو میٚ ساَنٛز زار مَدنو

بہر حال احد زرگرنہٕ شاعری ہُنٛد سنگیت نیرِ تیٚلہِ نوٚن ییلہِ اَمی سٕنٛدِین بأتن موسیقی ہِنٛدِ کرِ جامہٕ یِن پأراونہٕ، خاصکرِتھ صوٗفیانہٕ موسیقی ہِنٛدِ کُنہِ یِمہِ کینٛہہ کأشرِ من درویشن احد زرگرنیو تصوفکیو اِشارٕ سیتؠ بٔرِتھ شاعری ہِنٛدی مختلف پہلو نِشِنۍ نیرَن۔



# ظریف احمد

گاڈر عارف معی فتنہٕ پیٖر کتھنے مَن ہبا
عاڈر ہم زاگہٕ متنہٕ پیٖر کتھنے مَن ہبا

تنہٕ آسن وٕری دٕہ یہٕ مرٕ ہی گمتی، ہَرد پکال اوس۔ آٹھواہ دٕہ یہٕ ہاو چھ
نوٕ دٕہ یہ بچہ آے منٕے نِش میانٕی زٕ یار، اکس صاحبس چھُ غلام محمد شاہ ناد۔ یِم چھِ
شاعیری تہٕ کران۔ ندیم چھُک تخلص تھوومُت۔ دوٕیمُ غلام نبی باباصاب، یِم
چھِ کاشُرِ زبانٕی ہِندی اَدیب۔ تِمَن دوٕ ہَن اوشُس بہٕ قطب الدین پور
عاٚلی کدٕلہ بَسان۔ خاڈر اپاٹھا کرنہٕ پتہٕ دوٚپ منٕے باباصابن، احد صاب زرگرن
سیتھ ملاقات کرنہٕ باپتھ گژھنے یہ مے یوٚ ہیپھ شخ کُل، بیٚلہ ریڈیو پیٹھ کُس تام
گیوان واٚلیس ہِنٛد ہیٹہ تیہہنٛد یہ باُتھ کنَن گوم ؎

رازَن ہِنٛدُے شاہ بازٕ مَن — نازَن وَنان نازٕکر سوخَن
شازَن تیمے گے شازکنَن — نازَن وَنان نازٕکی سوخَن

خاصکر بیٚلہ اَمہِ وٕزنٕک یہ مِصرِ بوزُم ؎

نوٚحن عشہ روٚٹُم درتن قرار — روٚحن ہیوٚتُم بیٚوُن بیٚوُن شمار
موہن محیط چوم پے دٕہن — نازَن وَنان نازٕکی سوخَن

سوچہٕ شد رَس وٕ یتھم زَن وٕاُرا اٚگی مَلرٕ۔ تنہٕ اوسُس دٕیان کرتہٕ کوٕ سہ
گرٕ آسہِ، بیٚلہ بہٕ تہٕ احد صابس نِش وٕاتھ تہٕ تِہنٛد شرف ملاقات حاصل
ہیکہ کرِتھ۔ گمُتہٕ اوسمے زِ ژٕلے آسنے زرگر صابس سیتھ تولُقات۔ یہ بوزتھ پیٚم

کنہ تام کاژلہ پیشر یہ کتھ یاد ژ وہتھ چھےٚ گژھان آگرے۔ بابا صابنہ کتھہ سیتو کنہہ ژلاو وہتھ کوٚر ندیم صابن یتمن سیتو ملاقات کرنک حدیث شریف پیش ژ فرموو تیمن شاہ ولایتس رضؓ یتھہ جایہ ژٹ کلام کرنہ ییہ تتھہ چھےٚ خدایہ سندو رحمت برسان۔ یہ بوزتھ پیو مےٚ احد صابنہ اکہ بانتک یہ مصرٕ ژیتس ؎

زندٕ کر مردس سیتو صحبت

یند چالہ بُگرس لول محبت

بگندہ ہے مادنر وصلک نار

کافر سپدیت کوٚرُم اقرار

پوٚز گوو یہ زِ اڈ تام اُس مےٚ فقط زرگر صابنہ شاعری پرٕ مژ تہ بوزمژ اُس۔ امہ سیوائے اُس نہ مےٚ تمن سیتی کانہہ زان پہچان تہ نہ کُنہ مجلسہ منز تہندِ ملاقاتچ نصیب سپدمژ۔ اِلا اوسکھ میانس زِ ٹھس برادر (عبدالاحدس) سیتو زمینہ کِس کتھہ تام معاملس دوران علیک سلیک گاندرِ سپدمژ ۔ اوس تمن دوہن گاندربل پیٹھ آسہ۔ زرگر صابس چھ گوڈنیک نکاح گاندربل کے اوسمت۔ سو جنتی چھےٚ گمژ ڈُنکہ بچہ ڈُنب اسی تھےٚ فوت پیئز مژ۔ امی نیتھ کہ سببہ چھ زرگر صابس تتہ زمین زرات تہ اوسمت۔ امہ ملاقاتک تذکرہ اوس مےٚ نیش برادرن کوٚرمت تہ اُکھی ملاقاتس دوران اوسُن احد صابس میون تہ غیبی تعارُف کوٚرمت۔ "میون بوسے چھ ممنونن سادن تہ شاعر استادن ہندِ ملاقاتک تیز شیدائی، مگر تہندِ ملاقاتک چھس تیز اورزو سے" درجواب اوسُس زرگر صابن دوپمت زِ سُہ گژھِ نےٚ نیش ضرور سوزُن۔" اکھتے کرو اُسی تہ تہندِ ملاقات۔ امہ داہ قریب ذِکر آسہ ہےٚ مےٚ کُنہ وِز دوستن نیش کرمژ ئے اوٚ گینو ژوٚ دوہ مےٚ یم ژ دوس تہ تمن لشن سیتی ینہ باپتھ اِصرار کران میون

ٻُوزيھ ڊوڙ ٻکھ ڙسي زاني يا ڇانڊيس براڊرس ڪٿا ڇپي ڪني، اُيسہ ڇُپ مطلب شرب مُلاقات. ڪيھي تہ ڪميہ ٻُجھيہ تہ زانُو نُوآهي مٽي ٻيو تہ ٻُوزيھ تيهُنڊي بائيءِ مهر ياد. ڊياڻ

ڏيکه گوم جاڳيت آم لاڳيت سُنيا سيي
مو ڪه ڪنيو مٽي ڏيو مسڪم پايہ مولا اِنساني

ٻيڙ سيرتو بخشيہ مٽي اوس اُڪس بيٺيس نِش ٻُوزمت زِ تيم ڇپيہ عام انسان سيتو زالُن ميلُن پسند ڪران، بيٺيہ ڇپي تمن برو شرط ڪيہ ڪمن ڪمن ڪٿي ڪتالين يہ ڏيرِ تہ زليپي نهڪلڪھ گڙهان. آمہ ڪيڇهُ هُنڊ ذاتي تجربہ سنگ مٽي پيتہ تمن فرش ٻيہ گڙهيہ پتي. احد صاب ڊنان سه

موتن پنڊن نِش لوٻ امان
زوتن زنڊي مڙي مڙي لسان
طوطن خبر وڙي ٻُلبُلس
هي ويٺسو تہ ونتم باوس

وڇهُمت ڇهُم زِ تمن بزو نهہ ڪيہ ڪوتاه اوس اُدبُڪ خيال ليان ٿُونہ ٻڃيھ هينڊِيس تُلنس ٿرادوس هي پيٺي ميزان هيو ڏلہ هي تمہ وِز اُس احد صاب بيڃا اُڪي نظر يہ ڏيرِ تہ تس عناصر تجسيم ڪران. ڊيان ڇهنا سه

ڙهيٺيہ هيوڪھ گو ساڻي ڦٺيہ رٿيہ واو
ڙهويہ ميوڪھ دڪه ڪسس سُنياو
سهيہ روڪھ سُپڊ مائيل سوس
هي ويٺسو تہ ونتم باوِ ڪس

هيٿو وي زاُو ڇارو مو ڪهِ اوسُس ٻُڃيُ دوستن سيتو تمن نِش ڪرڻهنس نڪي مؤران، بيهند زور زبردستي نِش پان ٻجرا وپہ بابيٿ ڪريہ مٽي تمن تڙهن ڪٿن هانز

رُکاوٹھ۔ اول دوٚہمکھ کاجکُ ہیبوٚتھ وَق واتن گوڈ پزِ کینژھا کھیٚشوٚن چیشوٚن دوٚیم چھینہٕ ہم وَتہٕ گتن ہیٚنٛد باپتھ خانخاہ بَرِیلہٕ ٹھوان۔ ترٛییم چھینہٕ اِحد صاب اَنزِ امِن نیٚش دوہٕ ٹہٕ باوان۔ یِیتے مِیون بوزنہٕ دوٚٹھ بابا صاب زرگر صابنی داوا چھُ ۔۔

فقیرِ اوس فقیرے روزِ بَاہتے
فقیرے چھُم دِوان مَس ہم چوساتے
فقیرے نامِ مولا عبادِم سجے
فقیرے کعبہ و محراب چھُمے

کرو توکل تہٕ فقیرِ سندِ داو ہیچ دلیل تَرِو لولہٕ والین ہیٚنٛد باپتھ گژھن فقیر سندہ بَرپھر ٹھہٕ آسُن، یمیٚلہٕ زن تمی سے چھُ یہ آلو دٕتمُت ۔۔

وِلے چابکو سوزن وِنی طوط گفتارِ
وَلے وَن ہارِ کوٚنے دِتھم برن تارِ
مُلے تلہٕ بوز اَسو چاٗنی لولنے ہارِ
وَلے وَن ہارِ کوٚنے دِتھم برن تارِ

اَمی باپتھ یہ مصرع چھُ تشنہٕ لب عاشقہٕ سُنز لولہٕ حسیہ عارفتہٕ باپتھ یمن لفظن منز اِلتجا کران ۔۔

سیاہ چھے سو رمہ بُزی ہُری چشم بادام
پیاپے چاوِی تھک عاشق بمے جام
مو یاہ اَکھ وُچھیتہٕ نشنس آیہ انوارِ

ساتہٕ باپتھ گژھہ بَرنہٕ دوٚٹھ آسُن۔ دوہ قُھو ہُن تہٕ گژھہ چاوُن تو بتہٕ گژھہ وَژھ دائم بچھ اَسہ سیتی عارفانہٕ اسرارن ہُنز باوتھ کرُن۔ یمہٕ نزہٕ نوے

کنِتھ بوٗزِتھ گیم تکیہ زیو تہٕ پیٖرِ رشند ناوا ہہ ہیتھ دراے ژہنوٗے تروٗڈرکُن، وٗنہٕ
کمن غوطن تہٕ غاٰیلن گوس تیتھ خبر اُس مے تہٕ میاٰنِس خدایس۔ تہٕنٛد مکانہٕ
اوسُم وٗیو دُے۔ برٛس تل واٰتِتھ دِتُم حُبہٕ ہوٗت وٗکہٕ برآو موموٗلہٕ کھعوٗ تہٕ یچھ
پہٕن نیچھ کُن ٹھاسنہٕ، تہٕ آلو دِوان دِوان کھٗستو دوٗیمہٕ پورچہٕ گوڈنیچی کوٹھر
ہٕمنہٕ منٛز۔ اُسو چھےٚ وٗنہٕ بہانے تہٕ اَڈٕ وٗرِ زمیندار چالہٕ ڈالہٕ ہنٛدی شخصن اَکی کھاٗج
آب ٹیرِتھ جچھِرتہٕ تیوٗنگلہٕ کانگرہ۔ یہٕ ترٛاوِتھ دژاو پوٗت کھوری واپس۔ تِمن
دوہن اوسُس بہٕ تہٕ جچھِرتیٖغ ماٗنزان۔ بابا صاٗبن تہٕ مےٚ چوٗ سرآبہٕ گٗی بری بری
تموکاہ۔ ہنا گرٛشِ ہیتھ ژاو بٮ۪یہٕ یوٗ ہے آدم قہو سماوارا تہٕ بٗڈی قلچہٕ جمس بیٹھا ہیتھ
اَسہٕ نِش۔ ناز قہو پیالہٕ جوراجورا تہٕ اَتھ سیتی قلچہٕ ہٕمنہٕ زٕ تناول کٔرِتھ آویٚزی
پاٗٹھو فقیرِ سنٛدِس آسنس سیتی سیتی آنٛدہ ہیوٗتہٕ۔ پیالن ہنٛزِ تلہٕ ژاوِ سیتی
ژاو احد صاٗبِ زرگر اَسہٕ نِش۔ اَسہٕ وٗنہٕ ہیوٗ تہٕ سلاما بنٛدیکھا کٔرِتھ پرٛژھن اَسہٕ
کُن کمہٕ چھیوٗ۔ کیاہ چھِوٗ کران۔ روزٕن جاے کتہٕ چھِوٗ۔ یہٕ بوٗزِتھ کوٗرس مے
دوٗن یارن ہٕنتہٕ پنٕن تعورُف۔ پنٕن زیٚٹھ برادر (پٹواری) پانس سیتی رلاوِتھ
اُتھ سیتی دوٗنش مےٚ اَسہٕ تخن چھہٕ وٗنہٕ مولوم زِ کتہٕ آے کیاہ چھہٕ کرُن تہٕ یتہٕ کوٗت
چھہٕ گژھُن، میون یہٕ جواب بوٗزِتھ وٗچھ زرگر صاٗبن مے کُن ہٕنا تمن کاژ ہیوٗ کٔرِتھ
یہٕ وٗچھِت مے باسیوو تِمن گوٚو میون جواب شاید یتھ کُنی وٗنُن تمہٕ وِزِ پشنٛد یہٕ ژہٕنِتھ
مے ڈٗلی ڈٗلی کٕتھ بدلاوِتھ دوٗپُس حضرت اُسہِ آے۔ اُسہ چھےٚ تہٕنٛدِس فاٚمن ٹٕنِس
منٛز ہینی زیو ہنٛکلِتھ تہٕنٛزے نصیحتا بوزنہٕ آمتی۔ کاوٕن ہٕنٛد کیاہ بوزِ کوٗستور۔
یہٕ بوٗزِتھ دوٗپ زرگر صاٗبن مے کمہٕ سنا کنِتھ چھِےٚ اَنزٕ رینہ۔ طوطن کرٕ کتھ تہٕ بِہِس
بوٗژکھ۔ کاوٕن ٹھوٗ زیو یلے تہٕ گنے چھُس نہٕ کانہہ تھوان۔ گوڈٕ یُنہٕ انسانس ظاہر منٛن
آباد کرُن تِیلی پھعو بٮ۪س باطن۔ بیشہٕ وٗنی توم کمن پھُٹجن چھم گنٛد ٹرٛزی۔ کنِتھ

ہُر راوِنہٕ موکھ وۄنِنس مَنٛزٕ اَسہِ حَقِن اوس تِمہٕنٛدِ ملاقاتُک سخ اَوِرزوے پۄز تِمہٕنٛدِ طرِیقَس مُتعلق اوسٕ یور بوزنہٕ گَے اَز یِمہٕ موٗللہِ ملاقاتہٕ نِشہٕ محروٗم۔

یہ بوٗزِتھ پرٛژھ احد صابَن بےنیاز اَنٛدازس منٛز۔ اَسہِ تہٕ بوزناوِو یہ توٚہۍ بوٗزمُت چھُوٚ۔ توٚتَن واتِتھ چھےٚ مےٚ یہ آلوٚہن دِژ ہُش۔

ژھوٚٹ نوکھیتہٕ رٛژو مےٚ کرٛنٛھ ژینِتھ

ژوٚٹ صاف تھوٚو پوٚٹ کھِن لوٚرِ مینِتھ

گوٚٹ کاسِتھ نوٚٹ وٕبیہ مَنٛز بیالس

کتھ بوزنی یگہِ صاحب حالس

خط ہیٚلو پیم نامے اعمالس

یہ بوٗزِتھ دۄپُس مےٚ شیرکوٚ شیرکتہٕ یہ دِگزِ تہٕ تِمنٛو لفظ شہٕلاوِو شہٕلاوِو بےخبر ژُکھ حقن دَپان تِمہٕنٛدِ برچھُنہٕ عام ژکن ہاٚنٛدِ بِنہٕ گرٛھنہٕ بابیتھ دوٚہتھ آسان بٮ۪یہِ چھُوٚ نہٕ توٚہۍ خاص خاص ملاقاتن سیٚتۍ موختصر تعارفٕ سِوائے بٮ۪یہِ کینٛہہ وَنُن بوزُن پسنٛد کران۔ تِمہٕ یم کتھ حقن اُس مِیانی، یمن یارن دیوم کاجِک چھِ وَق۔ سانی ڈیرِ بیٚٹھ نیرِو کینٛژھا تناوُل کرِتھ، پوٚز یمو کوٚر حرف ملاقات کرنٕکے اوت ماَل تہٕ سیدِ کر حاضر۔ یِمو دوستن بابا صابن حقن دوٚن زِ پرٛژھ چھےٚ وَنان یِ زِلولہٕ والین ہنٛدِ بابتھ تھوٚو بَرتہٕ ووٚتھ۔ ناز تھو دام تہٕ چادِ، تہٕ ترٛیم کرِ اَسہِ سیٚتۍ زاُنی زاوِو جارن ہنٛز بادتھ۔ شُکر بسوے مولا۔ یم ترٛمِوے چیٚنا یہ باگہِ یہ شوُرِ شہٕل موٗکُل تہٕ مقبول ساتھ روزِ انٛدَس تام سانِس ظاہرس باطنَس ترٛیٚز لادان۔ میون یہ اظہارِ لول تہٕ عقیدت بوٗزِتھ کرٕ زرگر صابن اَسہِ وِنہٕ موٗنجہٕ تہٕ خُبہٕ سان اَسہِ منٛو نی سِلسِلکین ابتدائی اصوٗلن ہنٛز زان کاری۔ اَتھو سیٚتۍ

دۄنٛہہ یہِ چھُہٕ تہنٛزی صاف آینیچ دلیل یہِ تہٕنٛد منٛنہٕ شدر وُزمُت دہانہٕ کرِ ناگہٕ رادٕ وُزیوٚ تہٕ بابل آو، گوٚ عنایتِ فقیر۔ اَسہِ چھِنا وِز وِز ییٚتھی نوٚقطہٕ ژینیتھ نالہٕ دِنی پیمٕہتوٚ بوٚزی توٚ دِرحدیث دِل بہ دِل آمین ؎

تیٚتھ تور، وُچھِ یتھ یور، وُچھہس

ہرسو روبرو سۄن سنتن

یہِ پیٚرمتھ دوٚپُن قبوٗلیتھ وِز سپدِن اَسہِ ہر دربارٕ عنایت اَسہِ ترٛیٚنوٚ سے کۄر وُژھ وانٛگہٕ آمین۔ اَمہِ حالہٕ پیٚتہٕ فرموو احد صابن یہِ کتھ چھُہٕ منٛی زاُسی چھینہٕ پرژھ وِز ییٚتہٕ بریلہٕ ٹھاوان۔ وچھ چھُہ یی زیٚنس سودا اَسہِ زانٛی والین نیٚشہٕ دِینہٕ دُنیا کِنٛہتھ ہیٚوہمت چھُہ، تمہٕ سود ہیکہِ چھینہٕ بازرس گرٛاہکے۔ یہِ وان ہے وویتھ تھوٚو وۄنی کمن ہنٛدِ باپتھ۔ یہِ کتھ چھِنہٕ بازرس باگو پرٛژھ؟

بی پانہٕ ہیٚوتم جانہٕ مولس تی تھووُم اَرزان

بے گانہٕ دِیان نوتہٕ لولس سٕتی منٛے دِلس کان

رنگ بالِہ ڈولم نازہٕ گُلس سٕتی منٛے دِلس کان

یہِ کتھ چھوٚ میانٛی نظری حَت تہٕ وُصیت تہٕ احد زرگر چھُہ کار دُنیا ہس سیتی سیتو بارٕ آہ خوسہٕ ران۔ بے مانے مکانک برِ وۄٹھ روزہٕ وانٛہ تیم ملکینس زرہٕ پیٚتھ گوٚ ییمن طالبن زانٛی ہنٛد طلب آسہٕ برنہٕ دار کیٚاہ تہنٛدِ باپتھ چھُہ دلک دِرواز وۄتھ آسان۔ اَتھ من دیٚت اَسہِ یہِ آلو ؎

نِغ گوم جانٛگت آم لاگتھ سِنیا سییے

مو کہہ کِنہو منٛے ڈییو ٹھُم پانہٕ مولا انسانییے

الست بربکم گوم ندا کمہٕ تام شییے

اَتھ مقبوٗل مجلسہٕ سانہٕ دوران وانٛتی بیٚنیہٕ کینٛہہ گامی طالب فقیر شرٕ مجلسہٕ

منز اَمہِ سبسہِ سپُد سون ملاقات موخصر۔ اَمہِ ملاقاتہٕ پَتہٕ گٔنے یہ مےٚ احد صابس نشہِ داہ تنبیہ وِزِ وِزِ کل۔ یتھٕ کرِ برکتہٕ پَتہٕ مےٚ الگ تہٕ جماعتی طور تہٕ تہندِ تأریخی ملاقاتہٕ تہٕ مجلسہٕ نصیب سپٕز۔ بامل ہٮٚ آدتِمن مجلِسن تہٕ ملاقاتن ہنٛز یادٕ داشتہٕ وینہ ژھٔنے کرٕ بہٕ برٕ نہ کرٕن۔

یہ ملاقاتھ رٕژھرو مےٚ دِلچہِ ہٕ ژنگنہ منز موخصتکو پاٹھو، یوٚتام قلمس حوالہ کرِتھ تہٕ مٮ تام ووت ۔

دِیہ ژٕنڈ لیو کھمٕت کتہٕ نہ ناوے
موٕ تہٕ موٕ بالہِ گامہٕ چأنی زولان
نبہِ منز شٔتہِ آلوٗ دیاویے
وٕلہٕ کأل راوے کھیکھ ارمان
سر دل بر بستر وٕھراویے



موہن لال آش

# یِتہٕ ہاوٕے گٔنٛتھ کیٛاہ ماران ڈٕل

احد زرگر صابٕنۍ شاعری چھےٚ اَمی سٕندین نیرل تجربن ہُنٛد بخوٗر۔ اَمی چھِنہٕ شاعری محض اَکھ فن زانِتھ اَتھ برٛژر کوٚر مُت۔ بلکہ معرفتُک کینٛہہ زمر بَن دُزنی ٹکیٚتھ چھُکھ یہ مَس عام کرنٕچ کوٗشش کرمِژ۔ زرگر صابٕنۍ مجموعی شاعری اوٚکطرف تراوِتھ اگر اَسہ محض صرف یِمہٕ اَکھ غزل نِمَو۔

یِتہٕ ہاوٕے گٔنٛتھ کیٛاہ چھُ ماران ڈٕل
رایہٕ کمہِ سٕنہٕ سائِنٛس ڈرایہ نازل

یہ غزل پرِتھ ہیٚکو اَسہِ اَمہِ سٕنٛد روٗحٲنی تجرُ۔ اَمہِ سٕنٛدین نیرل تجربن تہٕ تِمن مقامن ہُنٛد پے لٔبِتھ یِموٚ اَمہِ سٕندِس شعرس مُنقش عطا کوٚر یَتھ روحٲنی زبٲنی منز 'پراکاشٹا' بانی سُہ منزل یُس یتھ جزس تہٕ کُلس یکُٹ سپدِتھ نوٚرِک منطقی سفرُک عاملہ سٕندِس وجوٗدس منوٗر کریٚتھ اَکس باگہٕ برٛتیس سمارس زایُن چھُ بخشان۔ عاملِ چھُ ژرکال ڈرشٹی بانی زمانہٕ مکانٕچ قادٕ نشہِ آزاد سپدان۔ اَمس چھےٚ پوٚشیٖدٕ قوت کیٛن بیرٕن ہٕنز زانکٲری سپدان۔ اَمہِ یِتہٕ چھُ عارف پنٕنۍ تجربٕ تہٕ مشاہدات دوٚیمین "نام واتناونُک" ستر کران یِمہ نوٚر عام کرنٕچ باوتھ کران 'یُس" سوہم بُنِتھ" اَمہِ ستر گِنٛدِ کوٚٹھ گاشہ سُندر تہٕ تر کاش بُنِتھ ترٛزلاوان چھُ۔ یہ پڑاو چھُ سلوکچ وَتہٕ ہُنٛد ستِم تہٕ آخری منزل۔ یانی بان بشنز راوُنک مرحلہ۔ یتھ جایہ واتِتھ سوٗےٚ مَل چھُ دٔسی بِوان۔ حٲران کَرَونی نظایہٕ

تہٕ اسرار چھےٚ عارفس دیدمان سپدان۔ عارف چھُ کامل سپدان تہٕ یہٕ چھُ یارٕ رٕزانی
ہیٚنزِ کوٚٹھرِ درواز مُژراوان۔ تہٕ شوقہٕ والین دولتنس انان۔ دوٚیمِ چھُ سوال
یادٕ گژھان زِ یُس ہیٚنس آنندس یا سرورس منٛز ولنہٕ آو، سُہ گو پانس وٲنی دِنس
آور۔ یُس برٛونٛہہ کُنہ سیرٕ آو تھٲوِنہٕ تکنہٕ۔ یُس آتمہ گیان یعنی پانٕنیٚ یارٕ زانَن حاصل
گٔیہ، تس کیاہ ضرورت پیہ آگہی ہٕنٛدی سیرٕ ڈولس کھارنٕی۔ اتھ چھےٚ سورۃ عنکبوت
یہ آیت رہنمائی کران :

والذین جاھدوا فینا ............

"یم لکھ سانہِ باپتھ جہاد کرن (یعنی دوٚیمین پھیرن نیکوکٲری ہنٛزِ غیبتھ
عملہٕ، عقلہٕ تہٕ دلیلو سیتی) اُسی ہاوو تمن پننہِ وتہٕ۔ یقینن چھُ اللہ تعالیٰ نیکو کارن
سیتی)

یہ غزل چھےٚ امی آیہ کرٕ تہٕچ شکل۔ یہ چھُ عملی قدم نیکو کٲری ہنٛزِ وتہٕ کاشہ
راونُک۔

اگرچہ عشق تہٕ تصوّف انسانس یادٕ گژھِ دِ۔ سُہ چھُ اَنی دانٛدِنس چکرس
اَندی اَندی نژِ تھ سوچان۔ زِ واداہ مٔنزِل کوٚڈُم۔ مگر تس چھنہٕ خبر یہ روزان زِ سُہ
ما چھُنہٕ اَکھ قدم تہٕ برٛونٛہہ لٕچ کمُت آسان۔

احد زرگر عشقہٕ دُری یاوس منٛز
ڈیٚنٛجہ کس روزِ چھس ہوش ساماہٕ منٛز
در حیرت ڈیٚنٛچھِم کم ڈوٗنگل
راہِ کمہٕ سٕنہِ سالکس ڈرایہٕ نازل

پرمانند چھُ اَتھو جایہ وَنان ؎ وَنہٕ وَنہٕ داتکھے ویرِ مترن
تنہٕ نورٕ نہٕ داتان ویرِ مترن

ورزِ واوِ کھم بلہِ ویروِرن
من تغییر کرِ پوزُن پربھو

یعنی اگر خدایہ ہُشدیہ ژُھن آسی نہٕ کانہہ وَنتہٕ ہاوُک لبہٕ ہن۔ یُس اسرارِ کین سیٚرن وُنی دیاونادی۔ نہٕ مُنزل لبکھ۔ نہٕ بیرن دانکھ۔ نتہٕ گیہٕ کم بلہٕ ویر تہٕ زیر کھ آکھ جایہ وائنکھ اُدِس تل۔ حاصل آکھ نہٕ کینہہ۔

" کتھ باوے نہٕ گوشن کرِ صیقل
وایہ کمیہ سنیہ ساٗلس ذرایہ نازل
ژھیٚٹہِ اکِہ گژھہِ روشن کُل سمسار
نیٚڈِ عالم یوٗد اُلرادِ چیقل
وایہ کمیہ سنیہ ساٗلس ذرایہ نازل

ندگرھاگبن کلام چھُنہٕ محض شاعری، بلکہِ اکِہ شعوٗریہ دار زندگی ہُنْد پیغام اکھ شش جہت (Dimensional) زندگی۔ روحانی باوژبل تہٕ دیہ مان وَتہٕ ہِنْدی کنیہ راوِتھ۔ تصوّفیچ عمل فنافی الشیخ گژھ بسملا نہٕ بقا باللہ گواُند۔ یمہ سارِ یتھ کتھہِ اثر راوِتھ اکِہ باعمل روٗحانی زندگی ہُنْد خاکہٕ اَسہ برٗونہہ کنیہ تھاوان ؎

یار گوٗژھ پیپر گارُن
ادٕ کتھہِ مانہٕ ژارُن
نارٕ ترٹہِ پان دارُن
ادٕ کتھہِ مانہٕ ژارُن

یہ منزل طے کرنہٕ پتہٕ وانہٕ شہ خود بینی ہِندِس مقامس ؎
کھنژن سینس اندر گژھہِ سین
ستن پانس بنن خود بین

نَنُن اَیٖنہٕ نِشہٕ اَیٖن
سَنُن پانَس بَنُن خوٗدبیٖن
رٕٹِتھ حجابِ اکبر زان
کھُٹِتھ خوٗ پانہٕ ہیٚے منٛز یان
رٕٹِتھ للہٕ وُن عاٚن۔ قاف بٖیشیٖن
سَنُن پانَس بَنُن خوٗدبیٖن

یہِ چھُ سُہ مُقام یٚلہِ عارِف سارٕے کاینات پانَس منٛز چھُ وُچھان، تہٕ پنُن پان اَمہِ کاینا تُک اَکھ حِصہٕ۔ یعنی تَس چھُ پنُن وجوٗد سمُ کلان۔ سُہ چھُ تمہٕ لا محدوٗد کاینا تکس باڈوس سیٚتھ ٹٲکِتھ گژھان۔ قطرٕ چھُ سمندرس سیٚتھ میلان۔ بقول للہٕ دیدٕ ؎

اَدٕ وُچھُم سٕے ژٕو پاٚری تہٕ لل نہٕ گُمے

یا بقول مشہوٗر رشوٗ آچاریہ اُتپل دیو۔
یسٕہ مروانٕہ بوٗتا نیا آسمنٕے وانٕہ بکشتے

یعنی عارفس چھُ دُنیا کیٚن سارِنی چیزن منٛز پنُن پان اَتما یوٗزِنہٕ یِوان۔ تَس چھُ دوٚگنیارکی پَردٕ وُسرِ یِوان۔ گوٚڈٕ چھُس ژٕو دا پاری پیٖرِ کامل سُنٛد جلوٕ پیدٕ مان سٕپدان تہٕ وَنان ؎

فقیرٕ ہےٚ وُچھُم اَزٕ ہا نبر ڈراو
فقیرٕ رُح بِنیتھ میانِس مرِس ژاو
فقیرٕ نوٗح نبی بنیتھ ناوِ ستہٕ چھُمے
فقیرٕ کعبہ و محراب ستہٕ چھُمے
فقیرٕ ادس فقیرٕ روزِ باقے

فقیرٕ چھُم دۄان مسن ہم چہ ساقی

فقیرٕ زام مولا جام جمے

فقیرٕ کعبہ و محراب چھُمے

فقیرٕ احد زرگر چھُے زٕتے ذر بر

فقیرٕ جلوٕ ماران أندرٕ نٮ۪بر

فقیرٕ للہٕ ناوتن رُہہ رُمے

فقیرٕ کعبہ و محراب چھُمے

زرگر صاًبس چھُے پیرِ کاملہٕ سٕنز عنایت تہٕ شفقت کھُلہٕ ڈُلہ باگہٕ آمٕژ۔ یِہُند سوزٕ کلامہ چھُ امہ کتھہٕ ہٕنز بادٕتھ کران زِ تیہُند موٗرشِد گزرہ باکمال صاحبِ ہوش بزرگ آسُن۔ باسان چھُ اَکھُس بٔیچہ کرِتھ مُنزِل بہ مُنزِل چھہ پننس ووستادس سیتی زرگر صاًبن پننہٕ روحانی زندگی ہُند سفر طے کۄرمُت ؎

لب بستہٕ کُن خاموش باش

گاہ دیدٕ گاہے گوش گوش

رَب یاد کُن باہوش باش

گاہ دیدٕ گاہے گوش باش

باسان چھُ زرگر صاًبس چھُ یہ مُنزِل گۄڈنیُک ہیبر لوو اوسمُت تہٕ اَتی پیٹھٕ چھُ پانٕن وُڈُو کرُن ہیوٗتمُت تہٕ دِلکو درواز چھِ یلہٕ گامٕتۍ تہٕ عرفانکو فانوس چھِ روشن گامٕتۍ ؎

زالُن چراغ از رقیب داو

پالُن نفس تن من جلاو

شاہ صوٗرتن ہمدوش باش

گاہ دِیہٕ گاہے گوشس گوش
دِل گژھِہ ہِھاوُن غیرِ رُوح
ہلہٕ گژھِہ کرُن با "ہا" تہٕ "ہو"
بُل یُتھ نہٕ گژھِہ دِل ہوش باش
گاہ دِیہٕ گاہے ہوش باشس

زرگر صابنہِ داخلی زندگی ہُنٛد تجربہ چھہ سیٹھا وسیع۔ زبل بہلہِ پایہ زانکار مِی ہیوتھ۔ اکثر غزل چھہِ علمدارِ کشیر سُنٛدین شُرکین ہُنٛد ساد کوشر اَنٛدیشن باسان۔ پیر صابن دو شوٚے بیزار۔ تہٕ دوشوٚنی پیر صابن ہُنٛدین ظاہری تہٕ باطنی تضادن سیٹھ سخ نفرت۔ چنانچہ چھہِ حضرت علمدار فرماوان سہ

شُنے چنہٕ کھیُنٛہٕ ہتھم ہشم ہیشو
کینژن میٹھہِ ماز کینژن کرُم
نہٕ کھیتھ تہٕ پیو کھو ماٹشا ہیشو
زِ بیٚڈلہٕ پیٚر تہٕ زاہزن کمہ

یا

امہِ تسبیح عاصیہ نہٕ جسندو
امہِ پھنٛدِ سہ اَتھہٕ ییہ نو
زرگر صاب چھہِ وَنان سہ

پر پر تراوِتھ سِر کر ذات
تُرِتُر تراوِتھ کشف و کرامات
پھیر ور کتھنے روزِے نہ باو
فِکرو گژھو سیر پرٛزناو

گو چھ ہیرون لاگ آشنائی

ویتھ یے لٔب کِ لا اِنتہائی

ژھو تہٕ چھُے قسمت مہ کر ٹاو ٹاو

فکرٕ و گژھ ہو سپر پرٕژ ناو

زہ گرہ صاحبنہ وننہ موجوب چھ روحانی دربارٕ کرتم دعوا داریَن آداب دربار کیا اندر از نمک جُستت چھُنہ۔

موہ تاج شوبیا گانٹہ بر سر

کور کر شوبیا فوجہ افسر

پانٹ پوزا ترٲوِتھ رازٕ بل چھاو

فکرٕ و گژھ ہو سپر پرژ ناو

دے پرژ ناوِ سے یُس رازٕ بل چھاو۔ اَتھ چھ زٕ معنی۔ اَکھ رازٕ بل گو آور یتھ بیٹھ شاہ بیٹھ موہ دٔن چھ زالان۔ نیٚژن گوٚگنیزی یا کٔٹھ یا روحانی طور وٚنو اَتھ "زِند مرُن"۔ پرمانند چھ اَتھ بیچھٕ وَنان۔

گیشہ کُنا چھُ زِند مرُن

شہزٕ ویژار کرُن

پانہ روٗس پان مرُن

شہزٕ ویژار کرُن

دوٚیم معنی چھُ رازٕ بلک سہ مقام یتھ شاہ رازٕ بہیان آسہ۔ یعنی دِلک سہ محل خانہ یتھ منز عارف پنٕنس معشوقس للہٕ وان تہٕ شُلہ وان چھ۔ اَتھ جایہ چھُ پرمانند وَنان ــ

گو چھ منز گوٚ پھ وات پننے

ژٲو دیوی تہٕ دِوتا اَنے

## چھو یتھ رۄاس چھنے یم کنے
## من تفسیر کرُن پوزُن پرھو

أندرِم گوم یہ۔ أتھی منز دوٚجود ژوٚمراوُن۔ نو دار بند کرُتھ۔ دیوی تہٕ دِوتا اوٚک پاسے ترأوِتھ۔ لامکانکی سیر برزناوِتھ أتھی گجھ گٕھس منز لجِھ ناوِس پان اَرپن کرُتھ پوٗزا کرُنی۔

احد زرگر چھُ عشقس منز موٚت گژھِتھ مجنوٗن سِندی پاٹھۍ آلو دِوان۔ روٗحانی زبانی منز چھِ اَتھ مقام حیرت وَنان۔ احد زرگر چھُ مقام حایرتس منز سوزِ سلطان لوٗزِتھ رِندہٕ مستان بنیمتھ۔ میزان۔ آداب تہٕ ظاہری زوہ مدگری ہیٚندِ کو سأری چیز یمس پتھہ ترأوان۔

روزِ کوٚرِ مے ہمیشہِ دَمساز سوزِ سلطانس اَندر
بوزِ یم مجنوں آلو چھِ دِلِ دیوانس اندر
پیپرِ بلہِ کی نیرِ تھل چھم لأری لأڈِ سے بیتھ دِلس
زیر و بم مضراب کھسِتھ آس ژاس مے خانس اندر
ننگ تہٕ ناموس کیتِہ چھِ رودزان عشقہ طوٗفانس اندر

یہ چھُ عشقُک شہ مُقام یتھ جایہِ قونوٗن، قایدہٕ تہٕ فلسفن ہیٚندِ کو قلاے چھِ وُسی پیوان۔

دپان اَکہِ دوہہ آو شخصا اَکھ حضرت محمد صلی اللہ علیہ وسلمن نِشہِ تہٕ کوٚرُن کھ عرض یا رسول اللہؐ مےٚ چھُ خدایہ سِندِ قسم زِ بہٕ چھُس توہہ سیٹھاہ محبت کران۔ رسولِ خداؐ دِتُکھ درجواب وارِ سوچ یتہٕ وَنو بیٚیہِ توہہ کیٛاہ چھِو وَنان۔ أمہِ شخصن وَنی یہے کتھ بیٚیہِ۔ حضورؐ فرمووُکھ اگر ژٕ یِیرکی پاٹھی مےٚ سیٹھہ محبت چھُکھ کران۔ تیٚلہِ روز فکرِ تہٕ فاقن ہیٚندِ مقابلہ کرنہٕ باپتھ تیار تہٕ تمیارٕ

یُس مٲلِس ستو محبتھ چھُہ کران فقرُ چھُہ تَس کُن تِمہٕ تیٖزی سان یِوان۔ یِتھٕ کٔنۍ سالاب پٔننِس آخری مُنزِلس کُن دَوان چھُہ۔

لفظ "فقرُ" چھُہ سہٕ ٹھاہ وَزَن دار حرُف بَنان تہٕ اَتھ منز چھِہ معنیکو گنجینہٕ بٔنِتھ۔ فقرُت زون حِرف تمُ یِیمی پتُن پان پَرٕ زنوو۔

زاہِد یُس پَنہٕ نے بدن | دُرِ عدن ہیوٚ ہیٖرِ بوٚن
نشانِ قرآن تَس چھُہ روشَن | پَنہٕ سِیے پانَس اندر
اَلِفکِس دہنس اندر چھُس | لامہٕ کُے مذہب رٕچھان
میمہ سے زرگرُ چھان آو | احدِ کِس شانَس اندر

ا۔ ل۔ م۔ یِمن حروفِ مُخفٕہن چھُہ زرگر صابن مِنٛز یا پَننہِ انداز اَکھ معنی کوٚڈمُت۔ یُس سیٚٹھا میوٚٹھ، وَزَن دار تہٕ شٲیرِ سنٛز عظمتُک تہٕ عشقِ رسوٗلُک اَکھ لوٚیہ وُن تہٕ شوٗبہٕ وُن نموٗنہٕ بنیوٗمُت چھُہ۔

عشقہ روٚس آدم چھُہ اَکھ لاش۔ پَزیتھ کٔنہٕ چھیوٚک عشق چھُہ اِنسانَس اَکِس گوشہٕ نشینس راونس منز مدد دِوان۔ یس شہٕ تُھٕ پھیرہان شہید یس۔ قبولیت چھے تسنٛدِ سیٖدان لیس باتہٕ آسہٕ۔ عمل آسِس تہٕ مقام آسِہن پرٕ زنوومُت یِم ساری چیز کتہٕ منز چھِہ زرگر صابس۔ اَکھ مثال چھے یہٕ غزل۔

پوٗرٕ ماہ پرٕدوٕ بیٚنیہٕ نوٗرٕ دِین خط سِنے
حوٗرٕ وُچھ گتہٕ سِنے منز دیدار ....
بُروجن نال ووٚل نوٗرِ وَحدَت سِنے

پعہ رشتَن دوٚپنَس شاہ دارِ پرٕار
درشن گاہ نتہِ با عظمتہٕ سِنے
حوٗرٕ وُچھ گتہٕ سِنے منز دیدار

احد زرگر چھُ ابتدائی زندگی منز سیٹھا غلط سمجنہٕ آمُت۔ دراصل بیلیہ کانہہ فلاسفر یا اَدیب تہٕ شاعر پننہِ وقتہٕ برونٹھ آسہِ سوچان یا شعوٗری طور آسہِ سماجکہ عام سوچہ برونٹھ پکان۔ سُہ آو ہمیشہ غلط زٕنگس منز پیش کرنہٕ۔ یہوٗن چھےٚ واریاہن یورپی تہٕ انگریزی شاعرن گامُت۔ احد زرگر چھُہ اَکھ زٕنگس منز کانہہ واحد مثال۔

احد زرگر چھُ اظہار کہ تمہ باوژ باگ مولادار ریتھ عام زبانی منز۔ سو تسنز شکھتی یعنی ( Free will ) اظہارُک منفرد تہٕ جُدا گانہٕ رنگ وَنو۔ سُہ گوٗ نہٕ کُنہ سماجی یا سیاسی انقلابہٕ سیتی متاثر۔ بلکہ رُود سُہ پننِس مخصوٗص انداز منز اکھ ارتقائی سفر کران تہٕ برونٹھ پکان۔ تمِس نشہٕ آسہٕ زندگی ہنزٕ اعلا قدرہٕ تہٕ سُہ اوس سانہٕ سماجی تہٕ تہذیبی ڈیکہ بجرِ ج علامتھ۔ تہٕ وَنان چھُ ؎

دُیی ترٲوِتھ ستن یکسانس
گیاس لاگ پروان
سُہ چھُ میلِتھ دانس دانس
گیانس لاگ پَروان
وٲنٛ زرگرن دیُت پَرس تہٕ پانس
تَن ڈیوٗ تھٔھٕن جانِ جانان
چھوٗن ماچھس طوٗل میزانس
گیانس لاگ پروان

زرگر صابنہٕ زندگی ہُند aim چھُ محمد مصطفےٰ صلی اللہ علیہ وسلم تہٕ بقولِ فارسی شاعر ؎

.... بالله کہ ہم او بود کہ می آمد می رفت ہر قرن کہ دیدی تا عاقبت

آں شکل عرب دار بر آمد۔ دارے جہاں خند۔

(ترجمہ) "اُمو چالاک مجنونن بدلاوِ کم شکلہٕ۔ تہٕ بٹھیہ گوٚ دِل کہ ہیہتھ غائب۔
پرٕیتھ ساتہٕ آو دوٚیمُے لباس لاگتھ۔ کُنہِ ساتہٕ بنیوو بُڈ کُنہِ ساتہٕ جوان۔ سُہ پانے
پیالہٕ۔ پانے پیالہٕ بَتھ ادَن دِل۔ تہٕ پانے پیالہٕ مِیُس۔ یتھ رِندہٕ چھِ زِ پانے
آو پیالہٕ ہیہتھ تہٕ پانے پھیرٕوُن تہٕ دٔراو" قسم خدایہ سُہ شُہ اوس پانے پیٚس
پرٕیتھ زمانس منز بوان تہٕ گرٕژھان روٚد۔ آخر کار توٚ اکِس عربہٕ شیرِ شکلہِ منز ظاہر
تہٕ بنیوو دیہنک بادشاہ۔"

زرگر صاحب وٕچھتو کیاہ چھُ وَنان ؎

احد تہٕ احمد پانہٕ محمد دِتھ جلوے
احد زرگرا یہ ہاوی ہاوی تنبلوٕنیے
الست پرٕ بکم گوم ندا کمہٕ بٔ شیے

ترمذی ہیٚندِ حوالہٕ مطابق اُسی پیغمبر صاحب پرٕیتھ
ساتہٕ تہٕ پرٕیتھ عبادتہٕ پتہٕ دُعا منگان آسان زِ خدایہ مےٚ
تھٔوِ زِ پینہٕ نین تِمن ناٹھِین سیتی یِمن ہر ہمیشہ ژٕ یاد آسان چھِکھ۔
میون وفات نہٕ گرٕژھ تیمنے سیتی شیدُن تہٕ قیامتکہٕ دوہ ہاہٕ گرٕژھ
بہٕ تیمنے سیتی تُلنہٕ یُن۔

زرگر صاحب وَنان ؎

الفقرُ فخری ذرحدیث آو
والفقرُ مِنی یتھ پیوو ناو
کل کرٕ یتھ اُٹھ گواہ رسولِ اکرم
شش کلمہ ناگ بھوٚل گلِ بادم

احد زرگر چھُ فنا فی اللہ ہیچ تربیش ہمہ راؤہ بقاکین آسمانن

شرودھ ڈکرِتھ وَنان ؎

صدفس ٹینٹھ گو عینِ دُر

مدٕ وستہٕ بدنس منز دِچھپیٖر

رحمے کالہٕ یِس بنیہٕ لالہ رنگ

موٚہ والہٕ ہشد کرِ کم نہ ہنک

شُے زاتہٕ زُلفیٚن چاپال پُر

مدٕ وستہٕ بدنس منزٕ پھیٖر

یا

بے شریعت طریقت حقیقت ۔ بےٚ معرفت ژون ہنز دلالت

بےٚ پیالہ ہیٚتھ وحدتُک مے ناز ۔ کس دِمہٕ سجدٕ تہ کس پرٕنماز

بےٚ بوز دُر دانہٕ پرٕ سمندر ۔ بےٚ بوز مہر جان لال گوہر

بےٚ بوز فرقان وٚلیتھ شیراز ۔ کس دِمہٕ سجدٕ تہ کس پرٕنماز

یمس عرفانُک یہ حال آسہِ ، مستی تہٕ عشقُک تُلہٕ نار آسیس سینہٕ چھپان ۔

تس چھُ نظرَن منٛدٕ انداز بدلان تخلیق کارٕ ہنٛدِ کُنۍ میزان چھِ بارسس پوان ۔ پھرِ کو

چھِ دوٗر گژھان تہٕ بقول اُپنِل دیو : سروات میٚو مرہ ، جنتا ایکم ایوم مہیشورا

تمس نشہ چھِ زندگی تہٕ کاینات اکٔے معنہٕ تھاوان ۔ تمام زندٕ زٕدن

منز تہٕ پانس اندر یکھوٚ کمنی نورُک ظہوٗر ژھیٚٹہٕ ماران ۔ تہٕ بقول ڈاکٹر رادھا کرشنن :

Each human individual is to be regarded as a spark of Divine.

احد زرگرن چھُنہٕ انسان خانن منز راتھ گہ رووٚشُن ۔ ابہٕ چھِ یمہ آیہ کرانیٚ

عملی شکلہ شاڑن منز وڑھناوان

إِنَّ أَكْرَمَكُمْ عِنْدَ اللّٰهِ أَتْقَاكُمْ

بے شک چھُ توہہ منز (انسانن منز) خدایس نیشہ سُہ زیادٕ بزرگ

تہٕ قابلِ احترام۔ یُس توہہ منز زیادٕ خدایس آسہ کھوژان۔

تہٕ ززگر صاحب ونان ؎

جا بجا غوغا یہ من ہیو — ہمچو بلبل پُر جنون

راہِ تبلیغ شنوائی چھے — کُٹ شیہ انسانس اندر

زانہٕ یُس پیتہٕ نےُ بدن — دُرِ عدن ہیو ہیریون

شانِ قرآن تس چھُ روشن — پیتہٕ نیسے پانس اندر

